# کأشرِ لُکہٕ بأتھ

بأتھ سوٗمبراوَن وٲلۍ

موتی لال ساقی

ناجی مُنوّر

تہٕ

کیٚنہہ بییہ ورگیوَن وٲلۍ



شیرازہٕ تَرأر

علی محمد لون

•

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز
سرینگر

# فہرست

# سرنامہٕ

کأشرِ زبانِ ہِنٛز اکھ خۄش نصیبی چھَ یہِ رُوزمرٕ۔ زِ اتھ منٛز
چھ قریب قریب شٕتھن ہتن ؤری یَن ہُند شعری ادب موجود۔ اَمہِ شعری سرمایہ
منٛزٕ چھُ واریاہ کینٛہہ قلم بند سپدمُت۔ تہٕ کینٛژھاہ چھُ سینہ بہ سینہ اکہِ
پیرِ پیٹھٕ بیکِس پیرِ تانٛی واتان رُودمُت۔ کأشرِ شاعری ہِنٛز بیاکھ
اکھ خۄش نصیبی چھَ یہِ تہٕ زِ کأشرین گوٚنہٕ ماتَن ہُند واریاہ کلامہٕ چھُ
پیشہ ورٕ تہٕ شوقیہ گیوٚن والیو تہِ محفوظ تھوٚومُت۔ کانٛہہ تہِ موقع آسہِ تَن
کانٛہہ تہِ تقریب یا محفل آسہِ تَن۔ یِمَن گوٚنہٕ ماتَن ہُند گیوٚن چھُ لولہٕ تہٕ شوقہٕ
سان گیونہٕ تہٕ بوزنہٕ یِوان۔

یتھِس ماحولس تہٕ یِمَن حالاتَن منٛز، یێلہِ زَن تحریر گامٕژ شاعری
پیٚیِٹھ مقبول تہٕ عام آسہِ۔ کأشرین لُکہٕ بأتَن ہُند زیادہ تعدادس منٛز وجودس

منزٕ یُن چھہٕ تحقیق کرن والین لُکن حارٕتس منز ترٛاوان تہٕ تِم چھہٕ وُچھان زِ کاشرِ زبٲنی ہُند دامانہٕ چھُہٕ لکہٕ بٲتو رٕنگی تہٕ تتھےٚ مالامال۔ بختاوار تہٕ شوبہٕ دار۔ یتھہ زن یہ اَمہِ کین گوٚبنہ ماتن ہِندہٕ کلامہٕ سیتۍ چھُہٕ۔ بلکہٕ چھُہٕ یہ پزٕر ٹاکارٕ یا گٹھی نوٚن نیران۔ زِ کاشرِ زبٲنی ہِندِس شعری سرمایس پیٹھ چھےٚ لکہٕ بٲتن تہٕ لکہٕ گیونک اکھ سوٚن تہٕ پوشہٕ وُن اثر روٗدمُت۔ یوٚہے وجہ چھُہٕ زِ کاشرِ زبٲنی ہِندِین واریاہن مشہور و معروف تہٕ غٲر مشہور تہٕ اکثر گُم نام شاعرن ہُند کلامہٕ چھُہٕ تتھی اندازس، تِمہٕ نٔبی لیَن تہٕ طرزَن پیٹھ گیونہٕ یِوان۔ یِمہِ طرزہ، لیہ تہٕ اندازٕ سٲنی لکہ بٲتھ گیونہٕ چھِہ یِوان۔ پرٕن والِس تہٕ بوزن والِس چھِہ باضے یہ فرق نِنی کڈٕنی مُشکل گژھان زِ یہ کینژھاہ سَہ پرٕان یا بوزان چھُہٕ۔ تہٕ چھا کانٛہہ لکہٕ بٲتھ کِنہ کانٛسہِ گوبنہ ماتن چھُہٕ لیو کھمُت۔ حبہ خوتونہٕ ہِندی مشہور لولہٕ بٲتھ۔ اَرنی مالہ مِندی مایہٕ ہِتی آلو۔ محمود گٲمی سِندی کینہہ عشقہ بٲتھ۔ بلکہ مہجورنی گوڈٕہ کالکی کینہہ غزل ناوی چھِہ کِنہ کُنہ باسان زن تہٕ لکہٕ بٲتھی چھِہ۔

خبر یہِ کتھہ ما آسہِ محلِّ نظر، اگر یوٚناوی زَن میون مطالعہ تہٕ تحقیق چھُہٕ واتان۔ میہ چھُہٕ باسان زِ سانہٕ پرٛٲنہ شاعری اگر پیٚترِمِس وقتس منز تہٕ نثر ازہٕ پوٚت چلے جاو چھُہٕ لوگمُت۔ تتھہ چھُہٕ ییتہٕ اکھ وجہ زِ یہ شاعری

اُس موضوع تہٕ ہیتِکہِ اعتبارہٕ لُکہ بٲتن ہندِس موضوعس تہٕ ہیتس سٟتۍ سیٹھاہ نزدیکھ واٹھ کھیوان۔ کٲشرِ شاعری ہُند ذرا ئٕستھ ہیٚتن مُطالعہ کرنہٕ سٟتۍ چھُ یہِ پژر تہٕ نَنان۔ زہٕ سانہِ اکثر گمنہٕ ماتو چھ بیٚنۍ بٲتہٕ زاٲنتھ مٲنتھ کینژن مقبولِ عام لُکہ طرزن پیٹھ لیکھی مٕتۍ۔ مِثالے ثِ تو یہِ اکھ بٲتھ سہ

اَچھ پوشو

ہیٚکَر گوشو

اَچھ پوشو لول آم

اَز کینہہ ورِی برونٛہہ تانی اُس میہ بیٚنہِ جایہ راے زِہ یہِ بٲتھ تہٕ آسہِ اکھ لُکہ بٲتھی۔ یکیازِہ اَمیک مِزازہ، اَمیک موضوع تہٕ اَمیک طرز تانی چھُ خالِص لُکہ بٲتن ہُند ہیو۔ مگر مشہور صُوفی شاعر صمد میرس سٟتۍ اکھ ریڈیو انٹرویو کرنہٕ ورِزہ وَون صمد میرن زِہ یہِ اوس تہٕندِس وقتہٕ سادہ سُند بٲتھ۔

کٲشرِ شاعری منٛز چھُ غنائی پہلو سیٹھا زوردار۔ یہِ تہٕ چھُ اکہ شعرِ ہِی گوٗشتہٕ ہُند نتیجہ رُود مُت۔ رَوو، چھکرِ، ید، سہ مصری لولہٕ بٲتھ یِمن منٛز وُوج[ع۱] دِنہٕ باپتھ اکھ مصرع چھِ یِوان۔ تہٕ بیہہِ کینہہ مقبول تہٕ مشہور لُکہ طرز چھِ شاعرو زاٲنتھ مٲنتھ پانہٕ ناوی مٕتۍ۔ تہٕ بیٚنۍ شاعری چھکھ عوامی

---

ع۱ REFRAIN

یا لگہِ مزازس واریاہ نکھہ اَنٛز ہرٛ۔ کأشرِ شأعری پیٹھ لگہِ بأتن ہندِ اثرُک ذکر آو اوٚہ سببہٕ ذرا واش یُہنٛ کَڈِتھ کرنہٕ۔ تاکہِ اَمہٕ ترٛہ فکرِ زِ یمَن لگہِ بأتنَ ہٕنٛزٕ اہمیت کیاہ چھہٕ سأنِس ادبَس منٛز۔

یہِ خیال چھُہ دوہ نٛ اکھ مستند پزٕر مانہٕ یوان۔ زِ لگہِ بأتھ چھہِ انسانہٕ سٕنٛزِ محنژ ہندِ منطقی نتیجہ۔ اَمہِ خیالَس چھُہ یِتھہٕ کنٕ دوہ کھنٛے یوان کرنہٕ۔ زِ انسان چھُ ہوشہٕ بیٚنہٕ پیٹھے محنت کران رُودمُت تَمیٚ چھہٕ ہمیشہ غأر موأفق قدرتی حالاتَن ہُند مقابلہِ کوٚرمُت۔ پننٕ پأن زندہ تھوٚنٛچ اَتھ دوہ ژھرِ ژھرانٛہِ منٛز چھِہ تَمِس گراہ ہأرُن پیومُت، تہٕ گراہ چھُن زیومُت، گراہ چھُن بیٚنہٕ کامیأبی پیٹھ اوٚس مُت، تہٕ گراہ بیٚنہٕ ناکامیأبی پیٹھ ژالِہ اوٚش ہورمُت۔ زندگی بہتر بناونُس ارمانَس تہٕ امارس گوڈ بُرانٛ بُران چھِہ تَمیٚ پنٕن دوہ دینُک وٚہ لوٚنگرُ تہٕ برونٛٹھ پکہِ نومُت۔ یہِ اژھبینٛ محنت تہٕ غأر موافق قدرتی حالاتن خلاف تَمہِ ہند یہِ شان دار جنگ چھُہ وُنہِ تہٕ جأری۔ نہٕ اَنٛز محنژ تہٕ جنگس منٛز چھِہ لگہِ بأتھ تقسہٕ یوانٛ انسانَن چھُہ پنٕن تھکُن، تنگ یِتھہٕ مویوس گژھن لگِتھ ہأرُن تہٕ ہأرِتھ زینُن وُچھِت بیٚنہٕ وچھِہ منٛز تَم امار نیبر ژھٹِ ہتی۔ یِم تَس انسان چھہِ بناوانٛ تہٕ یہِ زندگی زندٕ روزنَس قأبِل بناوان۔ دِیان محنت کرنہٕ ورِزِ چھُہ

تھدٕ ہٕٹہ یا گنگ راہے کرنہٕ سیتۍ تھکُن کم باسان۔ تکیازِ اَمہ سیتۍ چھ محنت کرنٕ نیچ یکرنگی[1]، ماحول یک ٲنیت تہٕ جذباتن ہنزِ باغی ووٚتل بُجھ گژھنہٕ وقتس تاں انسانس مشان۔ انسان چھ اکہ قسمک (دووہٕ ٹھٕژل[2]) لبان۔ یتھ منز قرار تہٕ چھ آسانۍ سکون تہٕ۔ یتھ منز حالاتن ہند زیادہ زور شورُن مقابلہٕ کرنُک جذبہ تہٕ چھُ آسان۔ تہٕ زندہٕ روزنُک تہٕ زندگی ہند امار پالنُک اوہٕ زوٚوبے تہٕ۔ اَتھ کیفیژ منز چھُنہٕ انسانی فرصتہٕ نشہٕ اتھ چھلنُک احساس آسان۔ ژھوٚٹن لفظن منز ہیکو ونِتھ زِ یِم باتھ چھ انسانس منز زندگی ہند اکھ اہم[3] تہٕ خوش امید تصور بیدار کران۔ تہٕ اتھ تصورس منز چھُنہٕ گژھنہٕ تہٕ نہوی یا بد اُمید احساسک پرتو پیوان۔

بیین زبانٕ ہندین لکہٕ باتن ہندی پاٹھی چھ کٲشرِ لکہٕ باتھ تہٕ کٲشرین لکن ہندین غمن، دوٚکھن، اسنکی، گندنکی، تہندہٕ طنز و مزاحکی تہندہٕ فکر و خیالکو تہٕ جذباتن ہندی نمایندٕ۔ کٲشرِ لکہٕ باتن ہنزِ بجہ خصوصیژ چھ یہنزِ آفاقی رواداری۔ اکھ مرنجان مرنج قسمُک تصور مذہبی تعصبہ نشہٕ بالاتر کردار تہٕ انسان دوستی منز اکھ عظیم تہٕ شاندار روایت۔ تنگ نظری، تعصب، فرقہ پرستی یا بیہ گژھنہٕ تسُند کیچھ خیال چھُنہٕ یمن باتن نکھہٕ پوکمت۔ ممکن چھ یہ ما آسہٕ بیین زبانن ہندین لکہٕ

---

۱۔ MONOTONY ۲۔ ESCAPE ۳۔ POSITIVE

بأتَن نسبت تہٕ اکھ پزر ییٚکیا زِ انسان چھہ اَخر انسان۔ ملکی، قومی، مذہبی
تہٕ نسلی فرق آسہٕ تہٕ پتہٕ تہٕ چھہ تِہندی بنیأدی جذبات ہموی۔ تِہنزِ انسانی
قدرہ چھےٚ ہِشے۔ انسأنی جبلت تہٕ چھہ گٔنِ۔ تہٕ یپلہٕ یوٚہے انسان پننین
اعلیٰ تہٕ ارفع جذبأتی تہٕ انسأنی گرٕن منز حیوانہٕ سندِ مرٕ منزٕ نیرِتھ پزٕک
پأٹھۍ اکھ انسان چھُ بنان۔ یُس زَن پزی پأٹھۍ اشرف المخلوقات ہیکو
وٲنِتھ۔ سُہ چھُ تِمہٕ وِزِ تِمَن خیالن تہٕ احساسن زیو انان۔ یِمن انسأنیتکِ
تاجکہٕ پرٕ پزٕ لورٕ لعل و گوہر بنان چھہ۔ تہٕ یِہندٕ زٕتہٕ تعصب، تنگ نظری
تہٕ بیٚیین، یِچھہ جذبن ہندس اَنہٕ گٕٹس منز اعلان چھہ کران۔ زِ انسان چھُ
کٔن، اَسہٕ چھُ عظیم، سُہ چھُ لکوٚد۔ تہٕ سُہ چھُ یِمہٕ کأیناتُک سارِ وِی کھوٚتہٕ
بوڈ پزر۔

یِتہٕ نَس چھُنہٕ میون مقصد کأشرِ ٕن لکہ بأتَن پیٹھ تبصرہ کرُن۔
اما پوز زِ یہ کتھ چھُس ونُن یژھان زِ یِمَن بأتَن ہنزٕ لنجہٕ کیاہ چھہ۔ لکہٕ
بأتھ چھہ واریاہ رنگٕ۔ یِمَو منزٕ چھُ روٗو، نیندٕ بأتھ، وَنہٕ وُن، لڈی شاہ
منزلِ بأتھ، شُری بأتھ، چھکرٕ تہٕ وٕژن بیترِ شأمِل۔ یِمَو علاوہ تہٕ چھِ کینہہ
لکہٕ بأتھ یِم زَن پننہٕ موضوع تہٕ خیالہٕ کِہ اعتبارٕ نظم نگأری ہنزِ قدیم ترین
صورت چھہ باسان۔

کاشرین لکہ بأتن ہنز مختلف قسمہ چھہ پننہِ پننہِ نس وقتس تہ موقس پیٹھ الگ الگ گیونہٕ یوان۔ منزلہ بأتہ چھہ تیمے پیٹھ زن اُسہ اُردو زبانہِ ہنز لوری تہ انگریزی پاٹھو لوٗلہ بیز وَنان چھہ۔ موٚکھم شُری ساونہٕ وِزہ چھہ اکثر ماجہ گینگہ رائے کرِتھ یم بأتھ گیوان تہ پننہِ مین شُرین آسے کانچھنہ علاوہ یپہندہ بجر وک، بتھنداوک تہ سہ کھاگ تصور پیش کران سہ

گرہ گورہ کرہ یو کنہ کے دوٗرو

کنہ کے دورو

گرہ چھیا وَنہٕ وان وَن کستورو

وَن کستورو

بہ ما کرہ وَتھ چانہ لسنیچ تہ بسنیچ

لسنیچ تہ بسنیچ

بہ ما بدلاوَے مہ کھ مزورو

مہ کھ مزورو

تالہ کیاہ لاگے اطلس تہ زربفت

اطلس تہ زربفت

سِیُن کیاہ رَنہٕ یو ٹھکہ زنبورو

ٹھکہ زنبورو

---

ا۔ LULLABY

یِمَو باگتو بیترِ چھِ سانٛۍ شُرِ باتھ پِوان۔ یِمَن منٛز چھِ کینہہ تِھو باتھ تہٕ یِمن ہِنٛز کانٛہہ خاص مانہٕ مفہوم چھُہ آسان۔ یِم چھِ تِتھی باتھ یِمَن زَن انگریزی پاٹھو NON SENSICAL RHYMES وَنان چھِ۔

مِثالے یہ باتھ سہ

آرے موہ نچے

نارے موہ نچے

ووڈِہ بیہٹھ کیاہ ؟

سہ ہِ سپنز ٹانٛچ

تتھ بیہٹھ کیاہ ؟

سہ ہِ سُند ٹنگ

ووڈرہٕ ماجہ پھٹے

دٕچھِن لنگ

شُرِ باتن ہند تعداد چھُہ سیٹھاہ کم۔ تہٕ یِم چھِ کھیلن تہٕ گِندنہٕ بکین نوین طریقن تہٕ باقی خارجی اثرو کِنز دمہ پہ کھوتہٕ دمہ پہ ژھوہ کان۔ کاٹھ شالے بوم۔ گور موج گور ہکٹہ بیترِ چھِ ووہ نہٕ وارہٕ وارہٕ موکلان۔ تہٕ یِہنٛز جاے چھُہ فٹ بال، ہاکی تہٕ کرکٹ بیترِ ہِراوان۔ چونکہ یِمَن نوین

کھیلن منز چھینہ کُنہ کیونکھ ضرورت پیوان۔ تہٕ ہیمہٕ کھیلہ چھہ وۄنۍ وارٕہ وارٕہ سانین بچن منز مقبول سیدان۔ فلمی باتن ہند اثر تہٕ چھہ اکھ بوڑ وجہ ییمہٕ کنۍ سانۍ بیٹھی شرٕ باتھ وارٕہ وارٕہ مکن مشان چھہ۔ بلکہٕ چھہ یہ تہٕ اکھ پزر زِ سانۍ شُرۍ کیو بڑی۔ زنانہٕ کیو مرد۔ چاہے تم شہرٕ اسن یا گامٕ چھہ وۄنۍ زیادٕہ ترٕ فلمی باتن پیٹھی گذارٕہ چلاوان۔ تہٕ یہ تہٕ چھہ مشاہدٕہ آمُت کرنہٕ۔ زِ کینہہ پرٕہ مرتہٕ ماجہ چھہ شُرین دوگ دِنہٕ ورزٕہ تہٕ پننہٕ نس اندازس منز فلمی باتھی گیوان۔

لڑی شاہ چھہ سانہٕ لکہٕ شاعری ہند اکھ اہم حصہ۔ لڑی شاہ گیون وول عوامی موسیقار چھہ سانِس ادبس منز تسے مقام تھوان۔ یُس زن یورپی ملکس منز اکہ ورزٕہ بارڈ اوس تھاوان۔ مگر سانِس لڑی شاہس تہٕ بارڈس منز چھہ نمایاں فرق یہ زِ سون لڑی شاہ چھہ کانہہ ملکی یا عوامی واقہٕ۔ کانہہ قدرتی حادثہٕ بیترٕ تمہٕ انمانہٕ مکن بروتھ کنہٕ تھوان۔ زِ بیک وقت چھہ ترٕہ مقصد حاصل سیدان۔

(۱) مکن ہندٕ تفریحکو سامانہ چھہ سیدان۔

(۲) یہ واقہٕ یا حادثہٕ چھہ اکِس عوامی اندازس منز سرکاری بیان بازی نشہ بالاتر سیدِ تھ مکن نش واتان۔ تہٕ اکھ تاریخ بنان۔ یمہ سہٕ واریاہس

---

(۱) BARD

حدس نٲنی روایتی تاریخو کھہ تہٕ زیادہ مُستند تہٕ صحی چھہٕ آسان۔

(۲) اَمہ واقعہٕ یا حادثہٕ کِس پۆت وَنُس منٛز چھہٕ انسانی تہٕ اسمانی حالاتَن تہٕ بلاین ہیٚیٹھ بامنسے ڈُسنہٕ دِوان تٕرٹِھنہٕ، تہٕ بامنسے ییمَن ہیٚیٹھ اتھ کھۄ جوکھ قِسمُک اکھ ارجاگی ڈٔرنہٕ سپدان۔

لڈی شاہَس منٛز چھہٕ دۄہ دِشکین گرگی حالاتَن تہٕ انسانی رِشتَن ہُنٛز وٕد کھنے کرنہٕ علاوہ کٔنہٕ وِزہ کٔنہٕ تیتھہٕ واقعہٕ یا قِصک ذکر سپدان۔ ییمہ سیتی زیادہ کھہ تہٕ زیادہ لُکَن ہُنٛز جسمانی یا ذہنی زندگی متاثر آسہ سپزمٕژ گوڈنیچ لٹہٕ یێلہٕ کشیرِ ہوٲئی جہازہٕ چھہٕ آمُت۔ لڈی شاہَن چھہٕ اکھ مشہور باگھ لیو کھمُت۔ یُس زن وُنہٕ تہٕ سارِنہی ژٕیتس چھہٕ۔

ہوادی جہازہ آو مُلک کشمیر

یمو دُچھ تمو کوٚر توبہ تقصیر

دژاگ، کانٛہہ بوٚڈ سیلاب، کانٛہہ بوٚڈ نار۔ کانٛہہ حملہ یا کانٛہہ نوٚو تصوٗر یا نوٚو زندگی ہُند کانٛہہ نوٚو طرح۔ کانٛہہ سمٲجی یا اخلٲقی خرٲبی تہٕ کینٛہہ سیٲسی موضوع بیترِ سارِی چھہٕ لڈی شاہ سنٛدِس کلامس منٛز جاے پرٲوان۔ تہٕ ییم چھہٕ اَسہ تاں اَکِس خالِص عوٲمی تہٕ لکہ مزاس منٛز واتان تہٕ عام کیٛو خاص لُکن ٹارِ کھسان۔

---

۱۔ RUSTIC

روز ساتھاہ بوز۔ تھاوکنٕ
گنٕہ دڑاگکو سۄخن وَنے
چھینہ مرد زنانہ پڑان
پانہٕ گنز ہیتھ وَیس اڑان
گیتھ نہ خرچ کرکھ بوٕنے
گنٕہ دڑاگکو سۄخن وَنے

گنہٕ دڑاگ ترٲوی توٗ اُتی اَتھی۔ گنٕہ وُرک یہ چھُہ کھاندرن زیادہ چلے جاو لگان۔ تہٕ لڈی شاہ چھُہ یتھٕ دُکرہ ہیتھ نوٗن نیران۔ تہٕ وَنان سہ

اول گمہ وخہ شیٖیے پروردگار
ییٖنہ وٲی کرُی ہے گامہ شہار
کورِ مالی شینچھ شُوز گوٗرہ مالس
دِگرن ترٲن گرٕھ ییٖنہ وٲلس
ترکھنے شام تام تھوٚے موٚکہ جار
ییٖنہ وٲلی کرِی ہے گامہ شہار

لڈی شاہ چھُہ گامن کھوٚشہرن منز ورینہ تہٕ یوت مقبول۔ زہ لکھ گیٖتھے لڈی شاہس وُچھان چھہ۔ تمن چھُہ پاگی یلنے وُٹھ کمہ جار گرشھان۔ تہ

لڑی شاہس اَندی اَندی جمع گژھن چھ تس باتن ہنٛز فرمایش کران۔ تم چھ تو ہند طنز و مزاح بوزتھ گرٕ کھنچہٕ بایتھ اَکھ خالص قسمٕک دہقانی تفریح حاصل کران۔ امہ چھ مقبولیژ ہند بیاکھ اَکھ زندہ ثبوت چھُ یہ تہٕ از کل تہٕ چھ کینہہ لکھ باقاعدٕ لڑی شاہ صنفس منٛز اَکھ اَکس پیٹھ ہجو لیکھان۔ یا گنہ رہنہٕ یا خراب مقصدک یا پگنڈا تہٕ کران

رووٗ یا روف اوس اوترٕ اوزرٕ تانی خالص زنان ہند ماجہ میراث۔ مگر ریڈیو کشمیر کہ برکتہ چھ وہ ڈی کاہہ تہٕ چھکرٕ یا رٹی پننہ چھکرٕ ہنٛز۔ لہٰذا تیز گرتھ اَکھ رووٗ وَنان۔ یہ آسنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ یہ پزٕر تہٕ اُتھی موجوٗد روزان۔ زہ رووٗ چھُ اَکھ خالص نسوانی چیز تہٕ لکہٕ باتن ہنٛز وٲتھ لنج پیٹھ چھ سانین ماجن بینین تہٕ نوشن کورین ہنٛز اجارہ داری وینہٕ تہٕ قایم۔

رووٗ چھُ ماہِ رمضان کین شامن تہٕ عیدٕ ہندین دوہن منٛزی زیادٕ ترکرنہٕ یوان۔ گنہٕ وِزٕ چھُ رتیتھ تہٕ ماحول بنان۔ زٕ اَکی سی محلس یا گامس منٛز چھ واریاہ ڈٲفرٕ بنان۔ تہٕ رووٕ یک گریز چھُ دوہ تھان۔ تہٕ سورٕسے اَندی پوکھ چھُ زن تہٕ اَکس جاےس منٛز ولنہٕ یوان۔ یتھین موقعن پیٹھ چھُ گاہے دلن منٛز ستیومت غم ہُران۔ تہٕ گاہے چھ انسانس پننُ مارٕ موٗت بیمہ زندگی ہاتہٕ کرتہٕ چھرک احساس دِلن منٛز سستہٕ تس یاد یاوان زہ زندہ روزُن چھُ لول، تہٕ لول چھ زندگی۔

رووٕ باتن ہندی موضوع چھ زنگار زنگ تہٕ تہ دار۔ زیادٕ تر موضوع چھ اَکس زنانہ ہنٛزٕ زندگی ستو واٹھ کھوان۔ اَتھ زندگی منٛز یم خاص خاص مرحلہ یوان چھ۔ تمو منٛز چھُ لوکہ چارٕ مالین داروی گرٕ، لول نفرت دی مُرُن زیون بینیہ تہٕ واریاہ چیز اژان سون

رَدُو چھُہ یمِن سارِنٕی مرحلَن ہُند احاطہٕ کران ۔ تہٕ کأشُر زمانہ چھُہ گراہ اَسان، کھندان، ریٖوان تہٕ ژھیوان ۔ تہٕ گراہ چھُہ سہ وۄدٕ داسی سِپدِتھ ژالِہ اوٗش ترٲوان تہٕ پننہِ دٕہ کھٕرزٕد زندگی ہیچھٕ ماتم کران ۔ وأرِیوی گرِس ژنزٕ تنگ آمژٕ ہیٖمس کورِ ہُند یہِ وَدُن رِوُن چھُہ سون اکھ مقبول رَدو

ہیٖیے میہٕ گوٚڈٕ بوٚز باغ وَسہِ وُن ییے
وَڑھس بٕ وأژس یارہٕ بل گوٚن ییے
تَتہِ ہَے سمکھُم بَب پٹھُن ییے
نِوان تہٕ نیٚرنَس گرہٕ پٹھُن ییے
ہیٖرٕ ہیٖرٕ گوٚز نَم پوشہِ وَتھرُن ییے
کھاراں تہٕ کھأ جِنس کُنھٕ بٹھُن ییے
رنگہِ کُنھٕ گوٚز نَم برنگہٕ وَتھرُن ییے
دِچھنہِ کِنہٕ تھوٚو نَم طوطہٕ بولہِ وُن ییے
کھوورِ کِنہٕ تھوٚو نَم شمع دزہٕ وُن ییے
برونٹھٕ کِنہٕ تھوٚو نَم قورآن پرہٕ وُن ییے
لوٚت لوٚت ہیٚوتمَس سیر باوُن ییے
ونیٚہ ونیٚہ ہیٚوتمَس اوٚش ترٲوُن ییے

دوٚیمہ کورٕنی گرٛندھ ژالُن پیے

سون اُزیک زیادہ تر روٗد چھُ سانین شاعرن ہندِس
کلامَس تانی محدود گومُت ۔ یتھ سانہِ ماجہِ کورِ چھِ لکہِ باتن عشقیہ سیتۍ
وونۍ کانٛسہِ مشہور گوہٕر ماتہِ سٕند باگھہٕ یتھ روٗدس منٛز گیوان ۔ مگر اُدہٕ
پتہٕ تہِ چھہِ کینہہ خالص روٗدۍ ۔ یمن لکہِ باتن منٛز یہ بے ساختگی ، سپٕز
سنٛپٕر تہٕ جذبہ چھُ ، تہٕ چھُنہٕ تمن باتن منٛز یوان ۔ یم زن ساٲنۍ کینہہ
شاعر ژاٲنتھ ماٲنتھ اتھ صنفس منٛز خیال آرایی کرِتھ یادٕ چھِ کران ۔
کینہہ مثالہ چھِ یمہٕ ۔ یموٚ سیتۍ خالص روٗدٕک سپٕزر ، سنٛپٕر جذبہ تہٕ
بے ساختگی نٔنۍ چھِ نیران ؎

سونہٕ پھلہِ میانہِ لڈرے ڈوکو
ناد لابے ہو کرٕکرٕ کرٕکو

یا

ژرارچہ ژرارہٕ برہسو ارِ
لاری وسی یے گرٛھو گرٛھو
شیخ صاٲبنہِ اَتھہ ہیے پوشہ وارِ
پوشس گیاہ زبر زبر

سگ بہ دِمَس ننٹرِتےَ نارِہ

لاری وٕنیسی یے گرٛھو گرٛھو

شیخ صابنِہ اَتھہ ہلہ وارِہ

میل کیاہ زَبر زَبر

لیکھنہ دادِہ خط ہے گوم تارِہ

لاری وٕنیس یے گرٛھو گرٛھو

۱۱

زوٗن کھوٗتۍ مے لوٚہ بیہِہ مے ببرے

وسی زوٗنی ہے کستن نجرے

بأگی واجہنین بأگے پیواں نجرے

یس نہ آسان سعہ چھ روزان نظرے

وسی زوٗنی یے کستن نجرے

اَمہِ علاوہ "مارِہ موٚت ہے بیوٚہٹ بارہٕ گلین تل ژھائے"

"گورہ گورہ کرہٕ پیہ کینہ کے دوٗرہ" "رینزی گوٚبرو رینزہِ مو لاے سانہ

دارہِ ترٛ پنجرے" بیترِ روٗدی چھ وِہٕ ترٛ سانین ماجن بینین ترٛ نوشن

کورین منز سیٹھاہ مقبول ۔ یِہند مزاز چھ خالص عوامی ترٛ لکہ مزازہٕ

تہٕ سانِہ لُکہٕ شاعری منز چھ یِم وِنہٕ تہٕ سرِفہرست زانِنہٕ یِوان۔

نیٚندٕ بٲتھ چھ سانِن لُکہٕ لیٖلن ہِندۍ مخصوص بٲتھ۔ یِتھ کنۍ زَن ناوٕ تَلے فِکرِ چھُ تران۔ یِم بٲتھ چھ دامِس نیٚندٕ کرنہٕ وِزِ گیوٕنہٕ یِوان۔ گرِ ییسہ یِلہِ تاپہٕ کرٛاپہِ منز کبرٕ نومرأدِتھ دان ڈورِن منز وُسان چھ۔ نٕہ دان گُلِن اندرٕ یِکھی کھنٕت مٔت گاسہٕ ہال۔ اَہی ہیترِ گدٲتھ بعٹین بیرِن کُنٕ تراوان چھ۔ یہٕ ہٕنزٕ محنتٕ ہٕنزٕ سختی تہٕ یِہِندٕ پرادکھ احساس چھُ پوٗرہ بٲٹھ وۄتلان۔ یپیٹھ چھ تاپہٕ کرٛاے آسان۔ بہٕ نٕہ آبس منز کہہ لہٕ دٕرکہ۔ خامن تہٕ باقی باقی کیٚنہہ ذاتٕ، مگر کمیٖل چھُ تو تہٕ محنت کرانۍ تہٕ یمَن سارِنۍ مُشکلن ہند مُقابلہ کران۔ اَتھ محنتٕ منز چھُ سُہ وۄتٕژھ دانِج گیوَن کرِکہ دِوان۔ تنہِ لِہ تنہِ لِہ کامہٕ کرَن والۍ زنانہٕ کھوٗرد۔ شُری کٕہ بُڈِی چھ اتھ آلَوس جواب دِوان۔ تہٕ نیٚندٕ بٲتھ چھ یِتھ کنۍ وجودس منز یِوان۔

نیٚندٕ باتَن منز چھ گنہٕ تہٕ سازک استعمال سیدان۔ یکیازِ یِم یِتھ موقعس تہٕ ماحولس منز گیونہٕ چھ یِوان۔ تتھ کُن وُچھت چھُنہٕ یہٕ مُمکِنی زِ کانٛہہ ساز یِیہِ استعمال کرنہٕ۔ اکھ زَن چھُ بٲتھ تُلان۔ تہٕ باقی نفر چھ وُرج دِوان۔ گنہٕ وِزِ چھُ وُرج دِنہٕ والیو منزٕ تہٕ کانٛہہ کانٛہہ مصرع گیوان

تہٕ اَمہِ وِزہِ چھہٕ باقی نفر دوٗرٕ ج دِوان ۔ یِمَن بأتَن ہِنٛز اکھ بڈٕ بارٕ خصوصیت چھہٕ یہِ ۔ زِ گیوَن والین چھُ ہوٗٹ بلکل یٔلہٕ یِوان ترٲوُن ۔ تہٕ تھدِس سہ رس پیٹھ گیوَن یِوان ۔ وُہ کھنٛۍ کرن وول چھُ زیادٕ تھدِ یِہِن گیوان تہٕ باقی نفر چھہٕ ہنا کم تھدِ یِہِن اَمِس سیٖتۍ یکان ۔

نِندہ کالس منٛز گژھنہٕ کامہِ کِنہٕ گژھنہٕ وِزِ چھہٕ یِژھ واریاہ ڈٲفرٕ نظرِ گژھان ۔ تہٕ ہرگاہ دان ڈوٗرۍ اورٕ یور واریاہَس زمینَس پیٹھ وٕہرِتھ آسَن ۔ نیلہِ چھہٕ اَمیک گرُز ڈوٗرِ تہٕ بوزان ۔ تہٕ دِلَس تہٕ رُوحس چھہٕ یہِ گیوُن بوزِتھ ترٲوِتھ پھیران ۔

مردو علاوہ چھہٕ زنانہٕ تہٕ تہِنٛز رُوٚنہٕ وِزِ گیوان ۔ مگر تیٚلی یٔلہٕ زنانَن ڈوٗرِس منٛز صرف زنانہ ڈٲفری یاژ آسہِ ۔ مہِ چھُ اکِ دوہ ہہ لولو گژھان واریاہَن جایَن زنانہٕ رِکھو مردَن ہُنٛد یہِ گیوُن بوزمُت ۔ یہِ بأتھ چھہٕ مہِ گوڈٕ ڈنٛجِ لٹہِ لولوٕنۍ بوزمُت سہ

مہِ ہا گوڈٕ تعشوق باغ وسہٕ نیٖلس تے

استے استے نوبہار آو

نِندہ بأتَن ہُنٛد موضوع چھہٕ باقی کأشر لوٗکہٕ بأتو نسبت کُنہٕ حدس تام زٕ ہوٗل تہٕ محدود ۔ یِمَن منٛز چھہٕ اکثر لولہٕ بأتھ گیونہٕ یِوان ۔ تہٕ بامنے

کاشِرِ مذہبی بأتھ تہٕ۔ یِہ تہٕ چھُ وونی اکھ بٔڑ زبنیہ مُنھ زِ بنندہ کرن وألی
گریسو چھہ زیادہ تر زأنی رتھین مأنی رتھین گوٚنہٕ ماتن ہُند کلامہٕ گیوان۔
تو تہِ چھہ وِنہِ تہِ کینہہ خألص قسمکی لکہٕ بأتھ اَتھ منز تہٕ موجود۔

چھکرِ چھِ کأشرِ لکہٕ گیوٚنچ اکھ سٕدبہار لنڈ، یوسہ بچہٕ نغمن۔ خاندرن کھندرن تہٕ مألن
تہٕ نیوہارن پیٹھ گیونہٕ چھہ یوان۔ یِہ صنف چھہ سیٹھاہ مقبول۔ لکہٕ بأتو
منزہ چھہ کم قلیل چھکرِ بأتھ وِنہِ تہٕ موجود۔ مگر وونی چھہ زیادہ تر کلامہ نامأر
شأعرن ہندُے گیونہٕ یوان۔ چھکرِ ہنز صورت چھہ کورس[۱] بأتن ہنز ہِش
یتھ منز کینہہ گیون وألی پانئے ساز تہٕ چھہ وایان۔ اَمِہ کیٚو سازو منزہ
اُس گوہ ڈکہٕ نوٹ، تُمبکھ نار تہٕ سارنہٕ سیٹھاہ اہمیت۔ اَمِہ پتہٕ آیہ اَتھ
منز ربابہٕ۔ باجہ بیترہ تہٕ ترانہٕ۔ یِہمَن سازن ہِندِ پتہٕ سیتی یِیو کأشرِ
موسیقی ہنزِ اَتھ خاص لنجہِ پیٹھ شمالی بھارتچہ موسیقی ہُند اثر۔ یمہ اثرِ
منزہ وونی فلمی بأتن ہُند اثر زیادہ ٹاکارہ پأٹھی نون چھُ درامُت۔ چھکرِ
پیٹھ یِم خأرجی اثرات یمہ سیتی چھہ امیکھ لوکہ مزازہ وارہ وارہ ختم
گژھان۔ اَتھ سلسلس منز چھُہ سانہٕ ریاست کِس اکس بٔڈس کلچرل
کارگُزارس یِہ وَنُن میہ پانس تہٕ صحی باسان زِ۔

"یِمہ انمانہٕ سانہٕ چھکرِ منز فلمی بأتھ اثر تراوان چھہ۔ تِمہٕ تلہٕ چھہ

---

۱؎ CHORUS

یہ پٔزر نوٚن نیران زِ یہ واتہٕ وارٕ وارٕ فلمی بأتن سیتؠ سٟتی رمباسنھا راک این رول۔ ٹوِسٹ[1] بیترِ طرزن سیٚھاہ نزدیک۔"

پٔزر تہٕ چھُ یہی زِ فلمی، بأتن ہٕنٛز مقبولیت ورچھت چھ سأنی چھکرِ اُچھ وٲٹھتھ چھکرِ ہٕنٛز صورت مسخ کران۔ تہٕ ریڈیو کشیرِ پیٹھ یمہ چھکرِ پارٹی گیوان چھ، تمو منزٕ چھ ہیتہٕ منزٕ نمتھ پارٹی چھکرِ ہٕنٛد خالص عوأمی تہٕ لکہٕ مزارہ پیس پشت ترأوِتھ فلمی بأتن ہٕنٛز نقالی کران باضے چھ کأنہہ پارٹی وسط ایشیا ہٕچ عوأمی موسیقی ہٕنٛز نقالی تہٕ کران تہٕ یہ کران کران چھکرِ بأتن یہ دٔیِ زِ تہٕ مہ ہُنٛجہ شرأکھ سیتی کھٔش کران بہر حال یمن کتھن ہٕنٛد تعلق چھ چھکرِ گیونس سیتی۔ یُس نہ زن سأنٛز بیمہ کتھہ ہٕنٛد موضوع چھ۔ سون موضوع چھ دراصل چھکرِ بأتھ۔ بیتھ کٔنی زن وُنی ہیپرِ کنہٕ وَنہٕ نہٕ آو۔ لگہٕ طرزکی چھکرِ بأتھ چھ سیٚھاہ کم دٔسی یاب سپدان۔ تم تہٕ زیادہ تر تیمے۔ یم زٔن سانین کھاندرن بیٹھ سانہٕ زنانہٕ گیوان چھ۔ مردن ہنزٕ چھکرِ پارٹی چھ زیادٕ تر کیاٗ مُلہٕ موہُجے ناما وار شاعرن ہٕنٛد کلام گیوان۔ تہٕ چھکرِ ہٕنٛز اولین صورت چھ وارٕ وارٕ بگرِتھ ختم گژھان۔

وَنہٕ وُن چھُ کأشرِ لکہٕ شأعری منز اکھا اہم جاے تھوان۔ وَنہٕ و نُک

---

۱۔ مغربی مُلکن ہٕنٛد ناچ

تعلق چھُ سانین کھاندرَن تہٕ یِرٛھنی تقریبن سیتی۔ پزر چھُ یِی زِ وَنہٕ وُن
چھُ ییمہِ کتابہِ ہُنٛد زیادہ وَزن دار تہٕ اہم حصہ۔ ییتھ منٛز یہٕ کوشش چھِ آمٕژ
کرنہٕ۔ زِ زیادہ کھۄتہٕ زیادہ بٲگتھ گژھن سہ نبرِ یتھ شامل کتاب سپدِ نہٕ۔
وَنہٕ وُن چھُ سون کھاندر گیوُن۔ تہٕ یِہ چھُ خالص زنانی چیز۔ اتھ
منٛز یُس تنوع تہٕ تہٕ در تہٕ رنگا رنگی چھِ۔ سہ چھُنہٕ سانین باقی لکہ باتن منٛز
کُنہِ تہٕ موجود۔

کھاندرَن بیٚیٹھ یِم رسم، رواج تہٕ ریژہٕ چھِ پالنہٕ یِوان۔ وَنہٕ
وُن چھِ تمن سارِنٕی نِشہ نوکھ یکسان۔ کورِ تہٕ لڑکس گنڈنہٕ بیٚیٹھے تھدِ س
کھاندرس تانٛز یِم یِم مرحلہ منٛزہٕ چھِ یِوان۔ تمن سارِنٕی مرحلن بیٚیٹھ چھِ
ہۄتہ واد بٲگتھ موجود۔ تہٕ یِہ کتھ چھِ ہاوان دِوان زِ کاشرِ زنانہ کُتھ حدس
تانٛز چھِ پننہِ فنکاری (یوسہٕ خالصتاً اوریجنل چھِ) کامہِ ہیتھ سانین کھاندرن
اکہِ معمولی تہٕ عام رسمہِ کھۄتہٕ تھوٚد تُلتھ اتھ اکھ اہم تہٕ شوبہٕ دار تقریب
بناوان۔ وَنہٕ وُنک موضوع چھُ یِہ یتھ وِزِ بدلان۔ تہٕ یِہ چھُ کھاندرس
منٛز یِنہٕ والین سارِنٕی مُقامن بیٚیٹھ احاطہٕ کرتھ پننہِ اہمیت مانہٕ راوان۔
کھاندرہ کین سارِنٕی مرحلن ہنٛز شاعرانہ وضاحت کرنہٕ علاوہ چھِ اکثر
وَنہٕ وُنس منٛز طنز و مزاح تہٕ ٹھٹھہ مسخری تہٕ یِوان۔ کُنہِ چھُ خانداٲنی

بجروک تہٕ شرافتُک اظہار سپدان ۔ کُنہِ چھُ مہرازٕ یا مہریٛر ہندِ حُسنُک ، اخلاقُک تہٕ باقی صِفتن ہُند ذکر سپدان ۔ وَنہٕ وٕنہٕ رسی منز چھِ کاشرِ زنانہ گُنہ کُنہِ زمانس پیٹھ تہٕ طنز کران سہ

اُسی ہا ساکرٕہ ہوسے پیالہ برداٗری

اُسی ہا سا درٕ دٕ جرَن ماٗرِہی ییے

غرض سون وَنہٕ وُن چھُ خالص لُکہٕ مزازُک حامِل ۔ اَتھ منز چھِنہٕ نامادار شاعرن ہُند کلامہٕ گیونہٕ یوان ۔ حالانکہ سانیو کینژو نامادار گوٚنہ ماتوَ چھِ وَنہٕ وُن تہٕ لیٚو کھٲمتؠ ، مگر یِمَن لیٚکھو رٕ متین وَنہٕ وٕنین چھِنہٕ سو مقبولیت حاصِل سپٕز مژ ۔ یہ سہٕ زَن باقی باتن حاصل چھے ۔

وَنہٕ وُن چھِ زنانہٕ یا نےٚ وَنان تہٕ باضنے چھِ کانہہ ہُرٕ گُنہٕ وِزہٕ تہٕ اَتھ منز موقعہٕ محل وُچھت ژٕہٕ واٹھ یا ہُرٕ ہیر سپدان ۔

وَنہٕ وٕنِس منز چھِ سیٹھاہ وسعت ۔ اَتھ منز چھِ زمانس سعتہٕ سعتہٕ نوٚی نوٚی موضوع تہٕ یوان ۔ مثالے اَزکل بیٚلہِ زَن کینژَن گرَن منز ٹیلی فون لوٚگ ۔ تہٕ ٹیلی فوٗن آو امارتُک تہٕ دولتُک اکھ سامانہ زانہٕ تہٕ یہِ وَنہٕ وُن گو وِیادٕہ یِس زَن ازکل شہرس منز سیٹھاہ مقبول چھُ سہ

تانہٕ کرٕہ ناوۍ تو ٹیلے فون

اَمہِ علاوہ چھ از کل سائنس وَنہٕ ورِنس منز شوٗٹ، بوٗٹ، اِنجکن موٹر، گورنر بیترِ لفظ تہٕ ژامیتۍ۔ یِنہٕ نٕس چھ یہِ کنہٕ تہٕ باوتھ لائق زِ سائنس وَنہٕ ورِنس منز چھِ تٔمۍ سماجی زندگی تہٕ پورہ پاٹھۍ نٔنۍ نیران۔ بَنہٕ کنہٕ بیہِ بیتھ کنۍ تہٕ واش کدٕنہٕ زِ گامَن شہرَن تہٕ سرَین منز یوسہٕ سماجی، معاشی تہٕ نفسیاتی فرق چھ پانہٕ واتٕنۍ، تمیک اظہار چھُ سائنس وَنہٕ ورِنس منز تہٕ سپدان۔ مِثالے گامہِ وَنہٕ ورِنس منز چھُنہٕ گُنیوس تاتٕنۍ ٹیلی فونُک کانٛہہ ذکر آمُت۔ نہ چھ اَتہٕ وِنہٕ جیپ کارَن تہٕ بڈٕین بڈٕین سرکٲرۍ افسرَن ہُنٛد ناوِ یِوان۔ گامَن ہنٛزِ اقتصادی تہٕ تعلیمی ترقی ہنٛز سۄتُر رفتار چھ واریاہس حدس تام یِمہِ کنہٕ ہنٛز ذمہ وار۔ یِہٕ گامہِ وَنہٕ وَن چھُ وِنہٕ تہٕ پرونۍ وَنہٕ وَن باسان۔ مِثالے یِم بٲتھ ؎

وتیمہِ یے رازہ ہونز ہیُو پھٹہٕ کنہ دورے
مالُوم کٲرے یہِ کتیٚن آو

یا

اَتھ ژندَن گٔژس تل درآوے پتہٕ لوٗگمی
نٔرِ ژھتہِ اَلہِ روووٗ یے

یا

سازہٗ گرٗ اُڈ توں زارے تر پارے
سازہٗ گرٗی ساز کر وارہ وائے

یا

وُچھاں وُچھاں لوشم لیے
صاحب زادے پیہے کر

یا

اَستے اَستے گرٗ پکےٗ ناو جُو
روشنٗ وزہٗ ناو جو وضع دار

یا

کڈلہ توٗر مہرازہ آبس گہو گرہٗ گرٗ
اَسہ دوٗپ رنگہ بلبل ما آو

یا

اَپارہ باے ناد لو یُو نقو
پیارہ اُتنرنے بُوزو یو

یا

ہرٗی منٗس باکمالس
اکھ لچھہ لکہ ہے سالس آو

یا

یِٚزمَن باگِہی بروٗنٛہہ نیر لالِس
مالِس دوستہٕ خریدار

یا

گرٕ پکہِ ناوِ سا آیے
یِتہِ ہا سا حاکم جائےٚ چھیٚ

یا

خانہٕ مأج وَنہٕ چھےٚ شرٕ ہی خیالے
بتھاو خیالےٚ دارہٕ رٕچھو زین

یِمہِ کتابہِ ہندِس وَنہٕ دٲرِس منٛز چھُہ اکھ بوٚرٕت حِصہ
بٕٹن ہِندہٕ وَنہٕ وُنگ تہٕ، یِہ تہٕ چھِہ کم و بیش تِتھےٚ زنگار رنگ تہٕ تہٕ دار
یُتھ زَن مسلمانَن ہُند وَنہٕ وُن چھُ۔ کینٛہہ رسمَن تہٕ رٮ۪وٲژن منٛز بِہن آمٕتہٕ
پیٚتر تہٕ چھِہ بُنیادی یِہ وَنہٕ وُن تہٕ تِمی امارک، شوقُک تہٕ ارمانُک شاعرانہٕ
اظہار۔ یُس زَن مسلمانَن ہُند وَنہٕ وُن چھِہ۔ وَنہٕ وُنگ یِہ حِصہ چھِہ امہِ کنہِ تہٕ
اہم، ہکیا زِہ اَسِہ منٛز چھِہ وَنہٕ تہٕ واریاہن غلط فہمی زِہ بٕٹن نِشِس چھُنہٕ
"ہیٚنزرے" علاوہ بیہِ تہٕ کینٛہہ وَنہٕ وُن۔

کأشرِ لکہٕ بأتن ہنٛز چھہ اَسہِ بیمٕۍ کینہہ بأٹھ ریٛچھہِ ریٛچھ ریشہ
تہٕ شأمِل کرِتھ مُژٕہ۔ یِمن ہُنٛد مزاج شاعرانہ چھُہ۔ یِمہٕ تِمن ہٕنٛز شعر نادرٕ ہتھ
کِتابہِ منٛز ادٕ کِنہٕ درج کرِتھ۔ تاکہ یِمہٕ گرٛھن نہٕ ضایع تہٕ محفوظ روزن
یہِ کتاب تو ہِہ بروٗنٛہہ کنہ تھوَنہٕ وِزِ چھُ اَسہِ یِمہٕ لیکھِ ہُنٛد
احساس۔ زِ لکہٕ بأتھ جمع کرنٕکِس سِلسِلس منٛز چھہ یہِ اہم کوٗشش۔ مگر ویتی
چھِ اُسی بیتہِ زانان زِ وارِیاہ کینٛہہ ما آسہِ بیٛیِ مُت تہٕ۔ تونتہِ چھِ اُسی
یہِ کتاب تو ہِہ پیش کرنَس منٛز اَمہِ قسمُک فخر ہیُٛیہِ محسوس کران۔ تکیازِ
یہِ کتاب ہیکہِ لکہٕ شأعری محفوظ تھوٚنچِ کامہِ منٛز اَکہ بنیأدی تہٕ اہم صحیفُک
کأم کرِتھ۔ یہِ چھُ دوٚیِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ ژُکدرن تأنی زِ تِم کرن
سانہِ لکہٕ ادبُک ذخیرٕ محفوظ تھوٚنہٕ وِزِ اَمہِ لکھیہٕ تہٕ بہتر کأم، تہٕ تحقیقوت
پیٚھٹ کرن نہٕ بس۔

موتی لال ساقی تہٕ ناجی مُنور چھہ قأبلِ مُبارکباد۔ زِ تِمَو تُل
یِتھ کامہِ دَس۔ تہٕ یہِ کینٛہہ شعر تِمَن مختلف ذریعو کِنہٕ حأصِل سُیدٕ تہٕ
کوٚرکھ یتھ کتابہِ منٛز پیش۔ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ یِم نوجوان ادیب تہٕ شأعر
چھہ بڈٕ سنجیدگی تہٕ لولہٕ سان کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛز خدمت کران۔ یِمن لأیِ چھُن
تہٕ کوٚر یہِ کتاب مکمل کرنَس منٛز اَتھہِ روٚٹ۔ تہٕ اَکس حصس پوٚرکھ پرٛوٗف تہٕ۔ یِمہ خأطرٕ اُسی
تِہندی تہٕ مشکور چھہ

سرینگر
۱۱ ستمبر ۱۹۶۵

علی محمد لون

ہتائی وسی یے متہٕ کرِتم      اوڈائے رلیے
کاڑے زوٗنے پرٕوہ مے تراو      ہاژنٛائے رلیے
ہے بالٕی کنٕن کیاژ شوبان چھی      و آ ے رلیے
تِمنٕی اندر عاشقن ہندر پِچھی      اٗ ے رلیے
سنبل دستے کیاہ چھہ زلف      رنبائے رلیے
رنبالٕی موین چاوٕ کاٹِتیاہ      تنبائے رلیے
کنہ چھک ژہ تو شان ست سامانہ چھی      نا ے رلیے
اَنتہ صاف تِنے جامہ گنڈے      ووزائے رلیے
پِتھ برٕونٹھ وچھتے سمارن کم      گا ے رلیے
سوالِ خدا چھے ژیہ بوہ دول      جمائے رلیے
زان غنیمت کاٗلی گژھو      ووبائے رلیے
ہتائی وسی یے متہٕ کرِتم      اوڈائے رلیے

(۲)

وسہ دِل میہ نیوم دِل بَرن دُزمیائی تن تے

رُود نیلہِ موسیٰ جنگ کورُے فرعونن تے

آبہٕ اندرَے زٕہنہٕ کرہ بس یار صاحبن تے

دَم دِیت یہ نمرودی تیر لویُن اسمانن تے

مند چھوںہٕ ذاتن گاڈہِ خون ہور ترین دہن تے

للہ دید سہ عارِف اُس ییہ ماگی سوہنہٕ وارِی وہن تے

مقبولِ حق اُس شیر تمی سند چور ریشن تے

لال تے مجلوٗن تم چھ آسان بیہتھ وتن تے

زندٕ یانہ دوہ شوے تم چھ زاہتہٕ مزارن تے

صُبحکہِ وَقتے ترٔوو پرتوٗ الکتابن تے

گٹہٕ ژٕجہ میہ دلس گرِ یہ شیطان اتہ موٗرن تے

موازٕ جنت باغ لوٗدمُت شدادن تے

حورو نٕز بیٕ یُو ساز کورُکھ یتہ ورِیشن تے

وسہ دِل میہ نیوم دل برن دُزمیائی تن تے

(۱) شیخ نورالدین

(۳)

سوءشہ فلہ میاشہ لدرے ڈوکو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی
رازہ آنگن گندان چھوکھو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی
رازہ بایو مُکی ہیو توکھو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی
مُکی ہیتھ زہ رزہ کھوتوکھو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی
رزہ تارِتھ ہٹہ گنڈو کھو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی
ہٹہ لاگتھ پہ سزلان چھوکھو　　ناد لائے ہو گڑی گڑی

(۴)

کادہ لدرس کرہ مے ڈگہ لولو　　نبی صاحبن لکھہ آیہ ہکہ لولو
تہندہ پکہ نے وتن پیہ زڑہ لولو　　نبی صاحبن لکھہ آیہ ہکہ لولو
دستگیر صاحبن لکھہ آیہ ہکہ لولو　　کادہ لدرس کرہ مے ڈگہ لولو
تہندہ پکہ نے وتن پیہ زڑہ لولو

(۵)

ژراَچھ بچھ بر پسواره　　لاره وسی تُوری گرٔھو[1]

شیخ صابنہ پوشہ واره　　پوش کیاه چھس ہے زبر

ژور دمکھ پنہ نے افواره　　لاره وسی تُوری گرٔھو

سگ دمکھ ننہٕ تے ناره　　یتھہ ین پور برجوش

سگ دین، مٹہ چھم باره　　لاره وسی تُوری گرٔھو

دسگیر صابنہ اتھہ پوشہ واره　　پوش کیاه چھس ہے زبر

ژور دمکھ ننہٕ تے ناره　　لاره وسی تُوری گرٔھو

---

۱؎ یہ روٗف چھ سرینگرہ یتھہٕ کنہ تہ وننہ یوان :-

ژارِ چھے ژاره بر پسواره　　لارِ ہی وسی یے گرٔھو گرٔھو

شیخ صابنہ اتھہ ہے پوشہ واره　　پوشس کیاه زبر زبر

سگ بر دمس ننہٕ تے ناره　　لاری وسی یے گرٔھو گرٔھو

شیخ صابنہ اتھہ ہے ملہ واره　　میل کیاه زبہ زبر

لیکھنہ دادہ خط ہے گوم تاره　　لاری وسی یے گرٔھو گرٔھو

وغیرہ وغیرہ

(۶)

ڈٲنسہٕ یام نیوٗ تَمہٕ دۄسہِ پیٹھ نوٗٹ ییے
نوٗٹ یام موٚنگمس ژوٗٹ تمہٕ ہوٚٹ ییے
ہوٚٹ میون زونٕگ گازرِ لوٚٹ ییے
کھارٕ کورٕ نیو تمہٕ دۄسہِ پیٹھ نوٗٹ ییے
گےسس مَنگنہِ ژوٗٹنم ہوٚٹ ییے
ہوٚٹ میون زونٕگ گازرِ لوٚٹ ییے

(۷)

زوٗن کھٔژ مے لَوٕ پٔنیہِ مے ببرِ ے
وَسہِ زوٗنِ سبے کستن خبرِ ے
بأژ واجہٕ مین بأژ چھہِ یوان نظرِ ے
یَس نٕژ آسان سعہ چھہِ روزان نظرِ ے
بَب واجہٕ مین بَب چھہِ یوان خبرِ ے
وَسہِ زوٗنی بے کستن خبرِ ے

(۸)

بُلبُلو اول یور گُل گِنہِ رس تے گُل گِنہِ رس ستے
یار مے ووّ تھیمے ڈال سائلس تے ڈال سائلس تے
رُو مالہِ سیتی گمہِ ووہ ہتھرس تے گمہٗ ووہ ہتھرس تے
سعہ شرِہی[ل] نارسے ترِیش دِمس تے ترِیش دِمس تے
غارَن سیتی لوگ سے رس تے لوگ سے رس تے
کرہٖ پیٹھ یارَس ہزاران چھس تے ہزاران چھس تے
یِیہ ہے چادن کھاسپومس تے کھاسپومس تے
یادَن تَل کِنہ پان ووہ ہتھرس تے پان ووہ ہتھرس تے
بُلبُلو اول یور گُل گِنہِ رِس تے گُل گِنہِ رس تے

(۹)

کرہِ جامن رحمتک مائے — حسنہِ فاطمہ رض ڈام لجلائے
ژھہ کِہ ژونٹن منگ لَجائے — ادہِ فاطمہ ماجہ بیٹوزائے

---

ل سعہ شرِہی نارسے ترِیش دِژہ مَس تے ترِیش دِژہ مَس تے

یلہِ فاطِمہ کھوکھجاہ آیے ادہ فاطِم ژاٹہ ہال دڑایے
ژاٹہ باجن شوباہ آیے پیتہ فاطِمہ وچھ کیتھ آیے
برونٹھہ لگنہ تہ پیتہ چھس ووایے پیتہ فاطِمہ واریو دڑایے
پیرشہ پلہ ہور بیرت دڑایے کھر ردیل گوژبیرت دڑایے
کرہ حبہ امن رحمتک مایے

(۱۰)

اَستے اَستے لال جرس داماتس تے
گرٕدہ تے وہسی یے نبی صابنِس مکانس تے
وُچھتن سُہ مستانہ ڈبہ چھاکِن ڈالانس تے
وُچھتے کیاہ گو شیرینہ پتھ فرہادس تے
تالِہ ٹوٹنگ لوٗین یان مورن پنہ نے دستے
اَستے اَستے باگہ بیرِ وتھراوس تے
استے اَستے لال جرس دامانس تے

---

۱؎ شہرس منز چھ یہ مصرع یتھ کنہ تہ وناں سے
وچھتنی وہسی ڈبہ چھاکِنہ ڈالانس تے

(۱۱)

مئوت کوٗت گومت رواٗنی
وُڈرن چھمے دِواٗنی
قندتے نابد کھیواٗنی
میہ نائے رژھاہ دِواٗنی
میاٗنی گنہ ناہ ہیوانی
میہ چھس لوکٹ جواٗنی
مئوت کوٗت گومت رواٗنی

(۱۲)

روّہ کرہ وَے از راتس کو نہ راتس گِندوَے
محمدؐ صائب کھوٗت کوہِ طوٗرس لوٗگے نورس وچھنے
سجدہ کوٗرنے پانہ ذاتس کو نہ راتس گندوے
دستگیر صائب کھوٗت کوہِ طورس لوٗگے نورس وچھنے
سجدہ کوٗرنے پانہ ذاتس کو نہ راتس گندوے

(۱۳)

ہیئے میہ گوندر کرے باغ وسہ ووّن ئے

گیس تہ گیسے کچھ بل گن ئے

کچھ بلہ کھورم کنکہ پھوّل پڑوّن ئے

کنکہ پھوّل پڑوّن نیوم گرہٹہ بل گن ئے

گرہٹہ بلہ کھورم آڈ پھوّتا پڑوّن ئے

آڈ پھوّت پڑوّن نیوم کاندروان گن ئے

کاندروانہ اقرنمے ژوہ چہ پھوّت پڑوّن ئے

ژوہ چہ پھوّت پڑوّن نیوم واآریو گن ئے

ڈرائیس تہ ڈرائیس واآریو گن ئے

سیتی ہے نیومے بوہی بینّن ئے

سلام کرہ مکھ برہ اڑہ ووّن ئے

حرام ہے ہشہ معہ ندطرہ کلہ تلمّن ئے

چاپہ کھوس اوّننم تتابہ توّن ئے

ہا کھاہ اوّننم ہلہ گنڈن ئے

دگرہ اونہم تمنا بہ توڑن ئے
ژھ چہِ فول لوٗین دارِ کنِز مِہون ئے
وُژھس بو وُژھ سے یارہ بل کُن ئے
تتہ ہے سمکھم بب پنُن ئے
نِوان تِژ نی نفس گرہ پنُن ئے
ہیرِ ہیرِ کوٗرُم پوشہ وَتھرُن ئے
کھاران کھاۓ جونس کُھٹھ پنُن یے
رنگہ کُھٹھ کوٗرم پرنکر وَتھرُن ئے
دِ چھنو کنِز تھونم طوطہ بو لہِ وَون ئے
کھورہی کنِز تھوٗنم شمع دزدُن ئے
برونٹھ کنِز تھونم قرآن پرُن یے
لوٗت لوٗت ہیتو تمس سیر باوُن یے
ویوٹھ ویوٹھ ہیتو تمس اوش تراوُن یے
دوٗیم کورہی گنِژھ ژالُن یے
بارہ بلہٖ آبہ نوٗٹ گنِژھ کھارُن ئے

ہشہ تے ہاہرس کھور چھالنہ ئے

دۆپنم گرٕشھ کوٗری گرہ پنٕنٕ ییے

مالنہٕ گرہ گرٕشھ ناے روٗزٕن ئے

وارِیوٗ گرہ گرٕشھ ڈاڈ کرنو ئے

ہیئے مہ گوٗندی کری باغ وَسہ وٗن ئے

(۱۴)

گرٕشھتہٕ وۆپسی ئے وَنتہٕ یارس کیاہ بہ دڑاس اَنتنے

ناگی جور چھس بازارس تھیے دارس اَنتنے

رٕتم تہٕ چھاوَس لہ کچارس کیاہ بہ دڑاس اَنتنے

کتھ گرٕشھ بہٕ آیس سمارس سیتیٕ لوٗگم باژی گار

باژی تارٕ نَم لہ کچارس کیاہ بہ دارس اَنتنے

سودا چھہ چھونٕے بازارس کتھ ژٕہ چھک مہ لہ وان

روٗ بہ تارٕ ژھینہٕ مہ ختہ ہارس کیاہ بہ دارس اَتنے

وۆنم پانس نابہ کارس، گاشدارس گیتھہٕ ہوش

ڈیکہ رٕوس منگہ کیاہ گاڈہ جارس کیاہ بہ دارس اَنتنے

(۱۵)

ژرٛیٔ اَسہ پوٗل دینِ محمدؐ
نبیؐ صاٰبنٕز رَنگے لرٕی
ژیہِ کمی کرٕمُت ییے اٰینہٕ تالوٗ
اٰینہٕ تالوٗن ژٕسے لاٗل کمی جرٕی
ژرٛیٔ اَسہ پوٗل دِینہٕ محمدؐ

(۱۶)

ہیٚرِ ہیہِ رحمت بوٚنہ دار مرٚکرٕی
ورٕیٔ دٕرٛوٕیٔ ژنٛدنٕکٕ دار
محمدؐ صاٰبنٕز ژاٹے شرٕیٔ
تہٕنزی اوراد بوزم کیاہ
کھیٚنٕہ چھک ضیافت دِکھرٕن کھرٕییے
ورٕیٔ دٕرٛوٕیٔ ژنٛدنٕکٕ دار

---

ع۱ یہ گرٛنہ کھیٚنٕز آسنٕز۔ یوٚسہ ژادرِ ہِش چھہ آسان۔ ییرِ

(۱۷)

کتہِ پھوٗلہم لو گلا بو لو

بیرِہ پھوٗ لہم لو گلا بو لو

شیرِہ لاگت لو گلا بو لو

ہنگہِ لاگت لو گلا بو لو

کارِہ پھوٗ ڈھک لو گلا بو لو

تارِہ کرنھس لو گلا بو لو

وَتہِ ژھارِتھ لو گلا بو لو

پیتہ لارے لو گلا بو لو

کتہِ پھوٗلہم لو گلا بو لو

(۱۸)

کرہی بائی ے یاوِ نس رؤہے لو یہ چھہ دُنیا نوٗہ کھوتہ نوٗ ے لو

عشقہ دادے کیاہ بنیو فرہادس شیرینہ پیٹھ دیوانہ گوٗ ے لو

عشقہ دادے کیاہ بنیو ناگرائیس ہی مالہ پیٹھ دیوانہ گوٗ ے لو

بائی کروے یاوِنس رؤہ ے لو

یہ چھہ دُنیاہ نوٗہ کھوتہ نوٗ ے لو

(١٩)

نہ پھوٗلِ گُل تہٕ نہ گُل زار میہ گوٗرٕتھ لال پنُو نوٗی
نبی ؐ صٲب قداوار تمہٕ دوٗپ کلمہ پرُو نوٗی
کینژھ و یوٗر تہٕ کینہہ گے خار میہ گوٗرٕتھ لال پنُو نوٗی
صدیق[1] صٲب قداوار تمہٕ دوٗپ یوٗز چھُہ وٕنُو نوٗی
کینژھ و دوٗن تہٕ کینہہ گے خار میہ گوٗرٕتھ لال پنُو نوٗی
عمر[2] صٲب قداوار تمہٕ دوٗپ نماز پرٕزٕ گژھہ
کینژھ و پیٚر تہٕ کینہہ گے خار میہ گوٗرٕتھ لال پنُو نوٗی
نہ گُل پھوٗلِ تہٕ نہ گُل زاد میہ گوٗرٕتھ لال پنُو نوٗی

(٢٠)

وَن کھژٲیس دعدن گلابن زَن گیایس مالہِ نوٗی
نبی ؐ صابن کُن گیایس زَن گیایس مالہِ نوٗی
علیؓ[3] صابن کُن گیایس زَن گیایس مالہِ نوٗی

---

(١) حضرت ابوبکر صدیقؓ (٢) حضرت عمر فاروقؓ (٣) حضرت علی کرم

(۲۱)

ییندرہ بیٹھے تَکِہ لَتہِ یے    لَوِہ ہتہِ یے پوشس
محمد صابن تَرِہ لَتہِ یے    لوِہ ہتہِ یے پوشس
تتہِ دیدار کرِہ لَتہِ یے    لَوِہ ہتہِ یے پوشس
تتہِ دیدارٕ بلہِ لَتہِ یے    لوِہ ہتہِ یے پوشس
علی صابن تَرِہ لَتہِ یے    لَوِہ ہتہِ یے پوشس
ییندرہ بیٹھے تَکِہ لَتہِ یے    لَوِہ ہتہِ یے پوشس

(۲۴)

سمِہ قدہ ہے دزاو آب روانے
بَبن اوٗن مے ویتھِ رودنہِ دامانے
میہ نانے روٗٹھی ہیتھہ ہے آم پانے
زوٗنہِ گوٗڈمس توٗری ہے روانے
سُدرہ منزہ ہے گاڈہِ دارہ شانے
محمد صابس تھوٗد کیاہ چھُہ مکانے
یاحضرت شاہے سُلطانے

(۲۳)

ڈورو ہو کنہٕ دورو    کرٕ یو بو گورٕ گورو
محمدؐ صاب زاو ماجے    دودٕ نو چین دودٕ ماجے
سو ہو چھُ عالمس راجے    اسمانٕ کوٗرن معراجے
ڈورو ہو کنہ ڈورو
کرٕ یو گورٕ گورو

(۲۴)

نیلہٕ کرینکہٕ وأج آرسم    موج مأے مارٕم موج مأے مارٕم
لونٕ آنگن گنداں آسس    تتہٕ مأے پیپہٕ مے تتہٕ مأے پیپہٕ مے
لونٕ بابو سوال چھوٗرے    تہٕ ہا مأے تجہٕ وے تہٕ ہا مأے تجہٕ وے
نیلہ کرینکہ وأج آرسم    موج مأے مارٕم موج مأے مارٕم

---

۱ شہرس منز چھ امہٕ قسمُک اکھ روٗف یتھہٕ کنہٕ —

(۱) نیلہ کرانکچ وأج ہے راوم
کأنسہٕ تجو ما

(۲) یہ ہے آسم بسہٕ سنزٕ تہٕ بب ما مارے
کأنسہٕ تجو ما

وغیرہ وغیرہ

(۲۵)

ہِی گنہ درِ میانہِ یاوُہ نے

یہِ چھُہ دنیا تاوُہ نے

بَب موج ییکہِ راوُہ نے

یہِ چھُہ دُنیا تاوُہ نے

تراٲنہِ پیچہِ بیہہِ ٹِ والہِ نے

آبہ سَت نارہِ چھاوُہ نے

ہِی گنہ درِ میانہِ یاوُہ نے

یہِ چھُہ دُنیا تاوُہ نے

(۲۶)

بَبَن دوٚپُم آٹنہِ ڈَبَس الٲہِ دار

یانہِ دورُم تانہِ سمیوہ لگُہِ بار

ہَتھَو لوٗ کوٚ کُتھُو آنہِ دس زیرِ بار؟

یُتھہ میہ کوٚرو تیتھہ میہ کرُتن زُوٚییار

یہِ گوٚزُھ گرُھن منزِ یارس گٹہِ کار

یَتہِ سمکھُم تَتہِ دِمَس یاگہ زار

(۲۷)

ژسور کوڑنمہ رضہ پہ بدنش ژہہ ونئے ننتہ ادہ کس
لائل مجلونن پاک عاشق تم چھ روزان لخدس
ژسور کوڑنمہ رضہ پہ بدنش ژہہ ونئے ننتہ ادہ کس

(۲۸)

وضہ لے گژھ ونے گونگہ نار وسی یے
تتہ سمکھم بہ شند یار وسی یے
تمہ دتمے دضہ ژھ دضہ ژھ تیار وسی یے
میہ نائے ژتنس آمے وار وسی یے
نہ چھم چیندے نہ چھم ژومال وسی یے
میانی وانرو بڈ ناکار وسی یے
اگر بوزن دنم معہ کھار وسی یے
دژہی لالہ ہے بڈ ناکارہ وسی یے
ہہرہ بب ہے بڈ ناکارہ وسی یے
بہ لائن چھم ششہجار وسی یے
وضہ لے گژھ ونے گونگہ نار وسی یے

(۲۹)

ساوِنی ئے ہنگہِ طوٗ مارے لو
بائی یئلہِ کیتھہِ کرہِ پھوٗلی گلزار
ساوِنی ئے ہنگہِ طوٗ مارے لو
ببن یئلہِ کیتھہِ کرہِ پھوٗلی گلزار
ساوِنی ئے ہنگہِ طوٗ مارے لو
ہہرن یئلہِ کیتھہِ کرہِ ڈیتہِ دزہٕ نارے
ساوِنی ئے ہنگہِ طوٗ مارے لو

(۳۰)

وِوہ لے گرٚتھہِ وے حضرت بل    نبی صاب مین بونہِ مین تل
تنتہِ بولان دیدرہِ تہِ جل    تم چھہِ مُلان مُلہِ تٕر فل
وِوہ لے گرٚتھہِ وے حضرت بل    دستگیر صاب مین بونہِ مین تل
تنتہِ بولان گکلہِ تہِ جل    تم چھہِ منگان مُلہِ تٕر فل
وِوہ لے گرٚتھہِ وے حضرت بل

(۳۱)

ژہ چھک بالہ پیھلک لالہ بہ نو ژالہ جُدائی

ژہ ژُل آسہ بہ ژُلہ تاسہ کرو کاسہ گدائی

ژہ پچھے کندہ ژادر، ونده میہ چھک تیرہ زالائی

ژہ چھک ہی نظرین ڈلکھ مویک سانہ آنگائی

ژہ پچھے ییچہ برارے وان بہ نو یان ہاوے زاہ

ژہ کھیہ ینگہ بو کھیمہ پران بہ نو ژالہ جُدائی

ژہ چھک بٹہ بہ مسلمان بہ نو یان ہاوے زاہ

ژہ پچھے ینگہ برہتھ وان بہ نو ژالہ جُدائی

(۳۲)

رینزہ نیچی یو رینزہ مولائے سانہ دارہ تہ پنجرس

میانہ کنھ چھیواُلہ بانے ییتھ نہ نشانہ ڈلہ یو

اورہ بیہ مو ببہ لالے ژنجہ ژنجے مارہ یو

دوُر ژلی زیم، شور مکی زیم جلئے راڈ زیم جنگلن

رینزہ نیچی یو رینزہ مولائے سانہ دارہ تہ پنجرس

(۴۳)

داسہِ وَسی کھارہ گوٗری ہالہِ گِندو

شوق ژیہ گوئی کھارہ کارک تی کرو

داسہِ وَسی گرِیسو گوٗری ہالہِ گِندو

شوق ژیہ گوئی گرِیسو کارک تی کرو

داسہِ وَسی سوٚنری گوٗری ہالہِ گِندو

شوق ژیہ گوئی سوٚنری کارک تی کرو

(۴۴)

ہارہِ دَندن ژندن ہار

ہاٚر لِجِم پنجرس اندر

جاے کرس وُوٚندِس اندر

ہارہِ دَندن ژندن ہار

ہاٚر لِجِم داٚری وین اندر

جاے کرس دِلس منز لولو

ہارہِ دَندن ژندن ہار

---

ء اسِنگِس منز چھ یہ مصرعہ یتھ کنہ گیوان – داٗسی داٗسی کھارہ گوٗری ہالہِ گِندو

(۳۵)

عید آیہ رسہ رسہ عید گاہ وسہ وے عید گاہ وسہ وے
یمہ اندہ نبی صاب تمہ اندہ وسہ وے عید گاہ وسہ وے
درودہ پران دا اس کھسہ وے عید گاہ وسہ وے
یمہ اندہ دستگیر صاب تمہ اندہ وسہ وے عید گاہ وسہ وے
نماز پڑہتھ واپس کھسہ وے عید گاہ وسہ وے
دہہ بچہ وسہ وے بہہ بچہ کھسہ وے عید گاہ وسہ وے
کلمے پران واپس کھسہ وے عید گاہ وسہ وے
عید آیہ رسہ رسہ عید گاہ وسہ وے

(۳۶)

گیل مولائے خامہ سی اتھ ژونٹی باغہ سی
ست ژونٹی بہ والہ سے اکھ ژونٹا کھیاو سے
گیل مولائے خامہ سی اتھ الہ چہ باغہ سی
ست الہ چہ والہ سے اکھ الی چاہ کھیاوہ سے
گیل مولائے خامہ سی

(۳۷)

زاگجی ھٔس نارِ ے ولو بے عارے کرِہ تھٔم یارے یارِ ولو

زلیخا اُسس آرام ترأوِتھ خابہٕ منزٕ گیہ سوبیدار ولو

ہُ چمنس منز باگ پرِ ہنگ وتھراوِے یمہٕ کہ سوداگار ولو

پنن نین نِشہ چھس ڈکہ زِد گام حقہ سنِدٕ بأنی کار ولو

لِلّٰہ بوزتم، اَلقہ روٹ کرتم، مکہ کے منصب دار ولو

گرِ ہٹہ پھُمِنہٕ فیران ژھل چھُم زیرِ ے تلہٕ کُنی آئ امبار ولو

سینس داأر چھمنہ مُژ ریتھ ہاوِ ے، باوِ ے سیرِ امرار ولو

(۳۸)

ژِہ کر میأنی مالہ شُمارئی سے لولو

یندرس پیپٹھ بہت نِندرِ چھم نہ یِوان

ہِنتہ بی بتٔہ پنوسر پیش گنڈِ ہی تو ے

دِسہی توہی منز ہی بازاری ے لولو

یأری کرُنوے ییرِ دستگیرن

یُس کریم بڈٕ وفادأری ے لولو

ژِہ کر میأنی مالہ شُمار ہئی ے لولو

(۳۹)

سمان کونے چھوڑ بائی ئے لولو
روّہ ہے کرہ وَے بائی ئے لولو
بتہ چھوئے کھیوان بائی ئے لولو
روّہ ہے کرہ وے بائی ئے لولو
چاے چھوے چوان بائی ئے لولو
نماز چھوے پران بائی ئے لولو
سمان کونے چھوڑ بائی ئے لولو
روّہ ہے کرہ وَے بائی ئے لولو

(۴۰)

بانچ اُس ببرے تھاجی تاوَن زائجی نَس
مالی سترا اُس کورخانہ ماجی وارِیوی زائجی نَس
کیاہ کرِ ازلَس بب تے ماجی تاوَن زائجی نَس
بانچ اُس ببرے تھاجی تاوَن زائجی نَس

(۱۸)

ژہ یارِی وُچھم جلوہ چونئے ژھارت گتے
پیاری دلو یارِی لگےَ ژیہ مارہٕ متے

راتس دوہس یاد لُوسم چانئے وتے
یوٚ تتھ وائتھ چون یرٕ تو ڈیو تھٕم میہ تے

ژیہ نیب تھوٚتھم خوب رویو چھہم گتے
تیلو بلہ یہٕ بیمار یئلہ یکھ ژٕ میانئے وتے

بندن بندن ژوٗ اژہٕم ژندن گتے
دندن مساکھ لاگہٕ سعہ راہ چشمن یہٕ تے

داماںہٕ رٹہٕ یو پان پُورتھ ساماںہ یہٕ تے
پامن لاگجی تھَس کامہٕ دِدو اُمی وُتیہ

بہٕ حالہٕ اکے لالہٕ ژٕشتھ نالے متے
مغرور موگرٕتھ یاگٕی پانس چھُہ یو مٹے

وَدان چھس یہٕ پھک یہٕ یوان میہ کُنہٕ اتھے
ہارس یوہ گوم ژوہ لُوسم سہ منز وتے

(۲۱۴)

ریتا میانہ سوداگارہ لولو[۱]

سودا اوان میو وارہ لولو

نبس میہ گنجے تارہ لولو

ریتا میانہ سوداگارہ لولو

بابہ میانہ سوداگارہ لولو

سودا اوان مے وارہ لولو

نبس میہ گنجے تارہ لولو

---

[۱] اِسی باٹاٹ بیاکھ مروجہ رہپ سے

نبس میہ گنجے تارہ لولو

بابہ میانہ سوداگارہ لولو

سودا گرو وارہ وارہ لولو

ببہ میانہ سوداگارہ لولو

سودا گنو وارہ وارہ لولو

(۴۳)

| | |
|---|---|
| وڈلے رڈہ ہے کرہ وَے[1] | نبیؐ صائبؔن ترہ وَے |
| تمہ دیدارہ بلہ وَے | دستگیرؒ صائبؔن ترہ وَے |
| تتہ دورودہ پڑہ وَے | تمہ دورودہ بلہ وَے |
| وڈلے رڈہ ہے کرہ وَے | مخدومؒ صائبؔن ترہ وَے |

(۴۴)

| | |
|---|---|
| چھم فراق وَنہ گسَے | یارہ داڈی مار نسَے |
| یئمی چیو آب کوثر | گرہ ہس تورچ نظر |
| رہیہ بیہ کاوہ سَے | یارہ داڈی مار نسَے |
| وَنہ زَن واجی نسَے | ڈلہ زَن تراو نسَے |
| شاطئن لاجی نسَے | یارہ داڈی مار نسَے |
| چھم فراق وَنہ گسَے | یارہ داڈی مار نسَے |

---

[1] شہرس منز چھ یہ باگتھ پیٹھ کنہ ڈنان سہ

| | |
|---|---|
| وڈلے رڈہ ہئے کرہ وائے | |
| نبیؐ صائبؔن ترہ وَے | تمہ دیدارہ بلہ وائے |
| تتہ دیدار کرہ وَے | وڈلے رڈہ ہئے کرہ وائے |

وغیرہ وغیرہ

(۵۹)

وَنتہٕ ویٚسی یے بالہٕ یار میون کرٚ ییے
اَستہٕ یاٗ ہٹین دِس میہ کرِ ہٕ مَس ببر ے
در گلستان بُلبلو تِیمُت ہِیُو ے
اٗسی ریوان سائنٕ گُل کوکُن گےٗ
گژھتہٕ ویٚسی ئے بالہٕ یار میون انتنے
خارہٕ خارئے خارہٕ میون ہیوکس گژھے
یارہٕ دادے آرہٕ دِل دُزہٕ مژ پچھےٗ
گژھتہٕ ویٚسی ئے بالہٕ یار میون انتنے
ہا طبیبو صبائہٕ برتن کیاہ سن گوئے
بلہٕ بیمار عشقہ شراب ییٚلہٕ چیٚے
سوٚرمہٕ سوٚرمے سوٚرمہٕ کوٚرنم بد نسَ
لوگنم دیدن وُچھن گلشن بییےٗ
وَنتہٕ ویٚسی ئے بالہٕ یار میون کر بیےٗ

(۱)

دَیہِ ژھارِتھ نوبَکھ نیٖیہ لولو    پانہٕ نیٚچِیُن کوٗرُن بیٖیہ لولو
اَمہِ لاٗلے پیالہٕ بَرٕ ہ مالامال    بیٖیہ مجلوٗن داماہ چیٖیہ لولو
اَمہِ ہِی مالہِ پیالہٕ بَرٕ ہ مالامال    بیٖیہ ناگراے داماہ چیٖیہ لولو
دَیہِ ژھارِتھ نوبَکھ نیٖیہ لولو    پانہٕ نیٚچِیُن کوٗرُن بیٖیہ لولو

(۲)

چھُم نار موہ یہِ موہ سٕے    یارہٕ یتیٖمو لَیہٕ
رٕژھِ رٕژھے ترام تتیٖو    رُمہٕ رُمے مُوے چھیٖتیو
بیٖیہ مالو لِچار بیٖے    یارہٕ یتیٖمو لیٖیے
وُچھتن یہِ لیٖیہ سادے    پرٕ یہِ دِتھ گوواد ے
دوہ شوٗرے ژلان گیے    یارہٕ یتیٖمو لیٖیے
وُچھتن ناگراے سادے    ہی مالہِ دیٖتُن واد ے
دوہ شوٗرے پاتال گیے    یارہٕ یتیٖمو لیٖیے
وُچھتن فرہاد سادے    شیرینہٕ دیٖتُن واد ے
آب توٗرُن جوہ سٕے    یارہٕ یتیٖمو لیٖیے

(۴)

ژوُرہِ یار ژوُلمُ تےَ ڈِیوُنھٹم ناَئے ڈِیوُنھٹم ناَئے
دُورن چھُ ماراَن گڑاَئے لولو گڑاَئے لولو

اُلِ شاوِومو اُلِ شے ڈاَئے اُلِ شے ڈاَئے
مُلِشہ خان پان گوُم ضاَئے لولو ضاَئے لولو

بِبراہ وُومو ببرے ڈاَئے ببرے ڈاَئے
خبرِہ رؔس پان گوُم ضاَئے لولو ضاَئے لولو

قرآن پرِیوم آئے آئے آئے
دوزخس روزِ ہم ژھاَئے لولو ژھاَئے لولو

گُونگا وؔمو گونگے ڈاَئے گونگے ڈاَئے
گونگہ ڈُوژہی کرِ نم ضاَئے لولو ضاَئے لولو

گنہار وؔمو گنہار ڈاَئے گنہار ڈاَئے
انہور پان گوُم ضاَئے لولو ضاَئے لولو

سُمی توَے وِگنیو رؔہ ہےَ کرِ وِ ے رؔہ ہے کرِ وِ ے
مسٹُوری کُرہ نی ژھاَئے لولو ژھاَئے لولو

سمو تورے وِگو نبو رۄژہ ہے کرِہ وۆے رۄژہ ہے کرِوے
کستوٗری مو شیۓ مائے لولو مائے لولو[1]

(۴)

پانژھ بوان گرٛائے — دوہ گوم دِگرِ چہ شایے
وچھتو کیاہ بنیو فاطمسؑ[2] — تہندِ دادِ دوہ کھیوہ عالمس
خوٗنہ جامہ ژھٹہ کیاہ ڈرائے — دوہ گوم دِگرِ چہ شایے
وچھتو کیاہ بنیو صابرس[3] — باہ شت کیمو پیس بدنس
زاہ نو گیس گرٛائے — دوہ گوم دِگرِ چہ شایے
ہا یانہ کتھ کیتھہ بوآیوس — ہہکے بوہ ماجے زایوس
بدکار کرِم ہرشائے — دوہ گوم دِگرِ چہ شایے
اَزٕ ہا مسجدِہ اندر — پرہ ہا اللّٰہ اکبر
دیوہ بنیم رحمتک سائے — دوہ گوم دِگرِ چہ شایے

---

۱۔ شہرس منز چھہ یہ نندٕ بائتھ رۆوِس منز گیوان یوان ۲۔ حضرت فاطمہ زہرا رضؓ ہنٛد ٹوٹھ گوبُر حضرت حسین علیہ السلام میدان کربلاہس منز پننہ آل و اولاد تہٕ دوست تہٕ آشناو سیتھہ شہید گو۔ ۳۔ حضرت ایوب صابر علیہ السلام۔

ہا پانہ ژہ یہ کیاہ کوڑ رُتھ — جہنم ژہ یہ نارَے بوژ رُتھ
جنت روزہ ہمسائے — دہ ہ گوم دِگرِ چہ شائے
پیچہ پیپٹھ والنمَ سٹرانسؔ — آباہ چھاونمَ پانسؔ
کپراہ دَلنمَ آسئے — دہ ہ گوم دِگرِ چہ شائے

(۵)

لائلِہ کوڑ درشن باغ وسنس تے — اَستے اَستے نوبہار آو
بوہیہ کوڑ عرضاہ بارصائجس تے — بوُذی اے آئسں میوہ کو نہ دژام
بونہِ شہکل چھے گُل عالمسؔ تے — اَستے اَستے نوبہار آو
ویرہِ کوڑ عرضاہ بارصائجس تے — ویر اے آئسں میوہ کو نہ دژام
ویرہِ ہند دوہ دُر ژام دل جگرس تے — اَستے استے نوبہار آو
ژیرہِ کوڑ عرضاہ بارصائجس تے — گُلے بوآیس ژیر پیوم ناو
ژیرہِ ہند مرچہ وُچھ نیدہ کالس تے — اَستے اَستے نوبہار آو
ڈوُنی کوڑ عرضاہ بارصائجس تے — میوے براوسُس ڈوُن پیوم ناو
ڈوُن چھے شوبان خریدارس تے — اَستے اَستے نوبہار آو
فرہِیسن کوڑ عرضاہ بارصائجس تے — فرہِیس اے براوسُس میوہ کو نہ دژام

فرِس کیاہ چھِ شوبان کولہ رادس تے　　اَستے اَستے نو بہار آو
یارہ کوَر عرضا بار صاحبس تے　　یارٔ ائے اَسس میوہ کو نہ دزام
یارہ ہند شہل چھے کلِ عالمس تے　　اَستے اَستے نو بہار آو ؏۱

---

۱۲ لولہ چہ وادی منز چھِ یہ بلندہ بانٛتھ یِتھہ کنٛہ تہ گیوان ؎

میہ ہا گوو تعشوق باغ وَسنس تے
استے استے نو بہار آو
بڑمجہ کوّر عرضاہ بار صاحبس تے
بڑمج ہے اگرس میوہ کو نہ دزام
بڑمجہ ہند شہجار مرغزارس تے
اَستے استے نو بہار آو
ژیستن کوّر عرضاہ بار صاحبس تے
ژیس ہے اوسس میوہ کو نہ دزام
گکھہ چھم گیلان یتھہ تھذرس تے
استے استے نو بہار آو

وغیرہ وغیرہ　　(ع۔م۔ل)

(٦)

فندٕ زالے لاٗجِنس گل تہٕ لولو

عشقہٕ دوٗدُے پیوم مُشکل تہٕ لولو

عشقہٕ دادے کیاہ بنیو مجلُونَس

تَس لاٗلے پیٚیٹھ گوس دل تہٕ لولو

فندٕ زالے لاٗجنَس گِل تہٕ لولو

عشقہٕ دوٗدُے پیوم مُشکِل تہٕ لولو



# کپر وژاگ

اول گو خوش ئے پروردگار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
بُہہ بجہ تڑاؤ ہے لند تس تار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
بڈہ خدایو آؤ ہے نو عار — اسلام بادس ہاہیو تنے نار
کرنکہ اسی دیوان بے شمار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
یوت کیاہ کھوتمت گریسی تس نش — کرہاہتیں ہونین فیور تمو ہش
زلہ کنہ نو رس بنہ ملہ ژار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
کھرئ نین نیو کھو دمہ لو ٹے — مند نین کو ریکھا انہ گو ٹے
سترہ عورت دوہ گرتھہ تیار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
زنانہ دوپ مردس تھوتو بر — ازدو دو نوے گان اندر
موناہ تیرِ ن ہاہمو یکبار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار
ٹیکو پورہ کرا جہ اوس کاژر مس — چرس دتھہ خاوندان کرہ بے جس
کاژہ سیتی کرتھ پنس مس یکبار — در ملکِ چار خانہ گو اظہار

گوڈڑے بچہ اکس یئلہ گو پڑاہ
دُہس تیمہ گٹنے ووبئہ ڈینگر کاہ
رَلہِ کھلہِ تھاناہ کورُکھ تیار
در مُلک چار خانئہ گو اظہار

# نُنہٖ دڑاگ

روز ساتھا، بوز، تھاو کنے — نُنئہ دڑاگکو سوہ خَن وَنے
چُھنہ مرد زنانہِ یرتہٖ ان — پائہ گنتزہ ہیتھہ وَیس اڑان
یُھتنہ خرچ کرکھ بوہ نے — نُنئہ دڑاگکو سوہ خَن وَنے
چُھنہِ مرد زنانہِ بوزان — دانس تَل ووہ دِنے روزان
نُنہٖ ہوُل ہے غاب گو بوہ نے — نُنئہ دڑاگکو سوہ خن وَنے
یُس نہ بوزِتھ انہس ایمان — ستہٖ بوز تَن نسلِ شیطان
فتح شودہ شہ رمضان گنے — نُنئہ دڑاگکو سوہ خن وَنے
کاکہٖ دیدِی چھک کونہ بوزان — دُہے چھِچُھم زُھین ژانان

ئندی کوڈتھم بانس ہاہ ہینے      ننہ دڑا اگگی سہ خن وَنے
وَتہ نیر بھد دکہ متہ دِتم      گوبی یاری چھس نکھس ہاہ ہیتم
پیر حضرات وسیلانے      ننہ دڑا اگگی سہ خن وَنے
ہوہ مردو کرکر بھتم ستم      رہتہ وندہ ہاے مالس نتم
دشہ گنجہ مے ینہ تہ تنے      ننہ دڑا اگگی سہ خن وَنے

کم کم نون گنہ ھس تہ اون
پرشہ تلاہ گنہ ھس ہاہ ون
مشکہ سیتہ دیوہ بتہ بیہ کھنے
ننہ دڑا اگگی سہ خن وَنے

# ینہ وائی

اول گو خوشئے پروردگار      ینہ وائی کرہ ہے گامہ شہار
کورہ مالی شجھی سوزگو برہ مالس      دگران ترن گرشہ ینہ وائس
ترکھ نے شام تام بھتوے موہ کجار      ینہ وائی کرہ ہے گامہ شہار

کورِ دوٚپ مالِس گرٚکھ ییلہٕ کٕتھ     سٕتہٕ نٕنی جورٕن فیری زٕ زٕ بٕتھ
بیہِ گرٕ چھم آسُن جبلِہ ییزٕ ار     ییٚنہِ واٰلی کرِی ہے گامہٕ شہار
بوش کیاہ کھوتمت سازٕ گرِن     کھٹٕ کھٹٕ بیچھ ہٕم کوہ کرٕ مرٕ جن
ڈلبَن پوشن چھنہٕ شُمار     ییٚنہِ واٰلی کرِی ہے گامہٕ شہار
ڈیرٕ ہٕ پورِ ملو ییلی کوٚر ییٚنہِ وول     وُدہٕ کنہِ زو لگِھ مرٕ ژھوا نگن بیوٚل
یونٕ نٕ ییٚنی پیٚیم وٚوتھ تیٚتہِ گیہٕ ٹکار     ییٚنہِ واٰلی کرِی ہے گامہٕ شہار

دَتن گوٚشاٰ عرِ یاحعنہِ بییر
یرٕان چھُس کوتاہ توبہ تقصیر
ایحسان کرِن دوہ نی پروردگار
ییٚنہِ واٰلی کرِی ہے گامہٕ شہار

# دژاگ

بٕٹہٕ وُ چھم صاحبو جانٕ قدرت     اِلاٰہی دوہ نی کرٕ بیترٕ برکت
وَنے کیاہ حال بدییوم ژھتس

غلہ دارس اکس گوس بتس
ییہ یکھ بڑو نہہ یہن موکلو وکھیتھ　　الاٰہی دوہ ذی کر بتہ برکت
ژیرہ مرگے وچھم بوڈ غلہ دار
شُری باژ تس واتی اندمزار
نہ دو یکھ وُر بتہ نے شربت　　الاٰہی دوہ ذی کر بتہ برکت
دانہ منگنے گیوس زہی رامس
فیرتھ آس بوتس کامس
بڑو نٹھ کن وا ٹتھ کھڑس ماکتھ　　الاٰہی دوہ ذی کر بتہ برکت
محمدؐ یسلہ گو فرہ سالس
کوہ لہ ڈونچ موڑکھ تس کالس
یامتھ کھیون تے دولن گڑوٹھ　　الاٰہی دوہ ذی کر بتہ برکت
بتہ منگنے گیوس سبحان لونس
تمو اوس روزمت سماوارس
ییہ یکھ بڑو نہہ یہن موکلو کھیتھ　　الاٰہی دوہ ذی کر بتہ برکت

●

# وَندٕ

اول گو خوشیٔے پرورد گار    یہٕ ہُنٛک وَندٕ ہیوٕ زوراوار
باگُے دوٚپ باگِس دِہ سہ بَرَن
اندرٕ کنہٕ آسو مِتھر کرَن
ہتا خدایو یہِ کَس گَنٛڈِ کار    یہٕ ہُنٛک وَندٕ ہیوٕ زوراوار
دِہکہ منٛز شیٖنن پیٚلہٕ کوٚزِ ترِس
فہ چہ پیٚپھ ٹبٹِس ژوٚل نیر بتہِ ۔
وُسہ ہا بوان چھُسنہ لایق کار    یہٕ ہُنٛک وَندٕ ہیوٕ زوراوار
دوہ دوہ باگٕ ژونیرَن ہاتیو بوٚتن
مان مان کرِ کھرتےَ واٹھ منٛز ٹکھوٚن
وُنکِ تَس کار کوٚز اَسِہ چھُہ لوچار    یہٕ ہُنٛک وَندٕ ہیوٕ زوراوار
جادٕ آو گدُر بتہِ کنجہِ گامن
برہِ نیرتَس گیٖکھ کامَن

بُرَن پیپھ کھسُو کھسُو کرَن اِدرار    پہوُ ٹھک وَندہٕ پیوٚ زوراوار
جادہٕ یِیلہِ بُنِتھ آو بکرِ والَن
بہ تھوکِ دِتھ تتہٕ سِر شامَن
اُسہِ ہَسہٕ گاسَن پھیر گٹہٕ کار    پہوُ ٹھک وَندہٕ پیوٚ زوراوار



## ژھل

عارہ یِیہِ نے بار صاگ جوسارِ ہی نی دِتو تار
کرو ووہ مید وار کشیرِ چھک ژہٕ بلینا دار
گرِ یِسو اَکی سرکارس یِیلہِ کوژنے ژھل
اَتی وزوُن اَتی لونُن اَتی کوژنس کھل
ترِہ زنی چھوہ مسن ژہٕ اَزنی وٕ چھم لوبہٕ ہارِ ماہ ہیتھ تیار
کرو ووہ مید وار کشیرِ چھک ژہٕ بلینا دار
اولہٕ رِکس موقدمس ناو جمال کرہ
پتہ اوُکس فیرن ژھونُت برونٹھ اوُکس تر

گمہ ڈۄہ سونتِ دۄیمن کولِیہ ووہ لےٚ ہلم دار

کرِو وومیدوار کشیرِ چھک ژٕہ بینا دار

ہُتہٕ وُہری فُتہٕ بٹس فیرِ کولِیہ ہنز ماے

ژٲو ہنگہ دُجہٕ گنڈس قصناب چھک ژٕہ موقدم باے

ژٕے بنے یکھہ ساوِنۍ ژٲو کاروبار

کرِو وومیدوار کشیرِ چھک ژٕہ بینا دار

ہَشہِ دیپاو نوشہِ گُنہتہٕ وُلے وَستے بوٚن

تَمہِ دۄیُس تورہٕ فیرِتھ میأنۍ چھکے سوٚن

نوشہِ لٲیس نارہٕ کانگرِ ٹِیُس گوٚنڈتس نار

کرِو وومیدوار کشیرِ چھک ژٕہ بینا دار

ہشہِ دیپاو نوشہِ گُنتھ ولہ وَس کنزہٕ بَل

اوٚڈ لوٚدُن لَبہِ چندس اَدِس کوٗرنس ژٕھل

نوشہٕ اُرس نہ شکرہٕ بُڈ چھکھ ژلنس وار

کرِو وومیدوار کشیرِ چھک ژٕہ بینا دار

زامتہِ گوٚ فِرہٕ سالس ہَشہِ رشے ہوٚوُن

اُنہہ کرِتھ پیہ پتھر رَنہ نُے تُرووُن
ماجہِ کور پوٗ کرِتھ کونسل سَمِتھ گیوندٕ مَس مار
کروٗ مید وار کشیرِ چھک ژٕ بینا دار

# مکرِ زَن

حدٕ رنیرِتھ تیہِ والان ساکُی کَنَ  ہہ خدایہ کرُوبھ کوتاہ مکرِ زن
یام مَردس چھَہ مہوان سہٕ روشنُ
وَتہِ یکان کلہِ ژھنان یہٕ ن کنُ
گرٕ شِھ ووٗنُے حال باوان مالہِ نین  ہہ خدایہ کرُوبھ کوتاہ مکرِ زن
گوٕ ڈلہٕ ووُنُن مالِس ماجے اُہین یرُھ
جایئے تھاوِن نوان نےکِتھ تلہ رٕژھ
تی ہہ کوٗرنمُ دُون کران یَتہ دوٕ تلِینَ  ہہ خدایہ کرُوبھ کوتاہ مکرِ زن
دوٗ یِس ماجے ووٕ لہ بہہتم وُری یاہ
یور ییہ دار کھِنبرس، کرِہ کیاہ

---

۱ سالک

نتے پیا ہے ہمیانین مے لکن ہو خدایو کڑوڑھ کوتاہ مکر زن

یا الاہی کڑوڑھ کوتاہ مکر زن

لکھیوے ارمان حضرت سائیں

حدہ نیر تھ تپہ والان سائی کن ہو خدایو کڑوڑھ کوتاہ مکر زن

# سہلاب

اول گو خوشے پروردگار ونو سہلابو کم کریتھ کار

کھہن تے بالن دیوتن متوندوے

کنیو ہتی نور نے اٹھرہ کڑوندے

ملوسان وال کنڈے تے کھرا ونو سہلابو کم کریتھ کار

آبن حرکت کرہ بانس

آب ژاو تھانس خزانس

کاغذ ہیتھ ژول تحصیل دار ونو سہلابو کم کریتھ کار

مادہ منز آبن ییلہ لژ لتھ

---

۱ اھرہ بلک ٹوک

دُبادُب آب ووت مُرموم ہیتھ
دٔرایہِ اَکھ گٔل گنڈِتھ اُسی چھِ لاچار      وُنو سٕہلابو کم کرِتھ کار
پُہہٕل کُن ترٛوومُن یٔلہِ قدماہ
توٚہہ کرو ہیرو نظر نِگاہ
زوٚہ نِگٕل پورہ وائل زمین یکبار      ونو سٕہلابو کم کرِتھ کار
وائلن آبہ منز یٔلہِ کرٕر ژھل
واتِچہ دوٚ پٔنے اڑھ جندس تٕل
یِتھ نے برٛونٹھ لگی منگِ ہُند چار      ونو سٕہلابو کم کرِتھ کار
ییٚتھ وُڑھ وشو بیلو کوہِ ژھنڈِتھ
بوٚہ نہ زمین ناگندِ یہ زنگہ گنڈِتھ
زن چھُ پرِتالس گرداوار      ونو سٕہلابو کم کرِتھ کار

●

مائنشہ یٔلہِ لاجی گُجرس ٹانگ      خاجہ خضرس لوگُکھ سانگ
دٔریاو بُوزی گے گُب تے گاہ      مُلکِ کشمیرس سٕہلاب آو

●

ژُپ ییٚلہِ ووٚتُے پادٕہ پاوَن    گُژھ تے کنہ اوس پیٚٹھ ترٛاوَن
دروازس پیٚٹھ وٲژکھ ناو    مُلک کشمیرس سیہلاب آو

# نار

خوٚژہ بایہ کوتاہ ووٚڈُے    گوڈٕہ چینی بازر دوٚڈُے
اوس ناراض پروردِگار    ژاہٹہ ہا لۓ نار گوٚ اظہار
گورہٕ مُلَن کوٚرہاکھ گرٕڈُے    گوڈٕہ چینی بازر دوٚڈُے
نلہِ تہٕ بم چھک سبز راوان    نارٕہ موکل جوشاہ ہاوان
وانہٕ والیہ کوتاہ ووٚڈُے    گوڈٕہ چینی بازر دوٚڈُے
پیٚتہٕ ہیوتُن بڈٕن داندُن    نار چھوٚکنکھ پیٚٹھ کنہٕ شاندن
پٔن دوٚڈکھ اوسکھ ستر ڈُے    گوڈٕہ چینی بازر دوٚڈُے
نار لوٚگ پیٚتہٕ تیمَن بٹہ وانَن    ہنہ ہنے تیلیوکھ پانن
دٔیہ، بھگوانہ اسہٕ روز نیوڈُے    گوڈٕہ چینی بازر دوٚڈُے
حبیب کاندرس تس سوٚد خارس    نار ہیوتُنس سارِس بایارس

لنجہ کاندر نیہ کوتاہ ووڈے    گوڈہ حیینی بازر دوڈے
جادہ ووڈ تمی عزیز گرٹہ وائی    کاہ وان تمو کرہنے خالی
جج صابو جل ووہ تھوڈے    گوڈہ حیینی بازر دوڈے

●

(۱)

گرِ ہٹہ پیٹھہ دِی تو ییٚتہٕ چھُنہٕ کاشہہ

تمِ کوٚت گاٚمتہٕ نوٚنس تیلٕس

یٔڑ مأج کتہٕ چھَوٗ کُچھہِ پیٹھ پیاٚمُت

کیاہ چھُس زامُت نیٚچو کُہ پلاہ

ناو کیاہ کوٚرُوس حبیب اللّٰہ

ناٗلی کیاہ ژھنوٗس لوچھ تہٕ پوٗشہ

وونہ ڈہہِ کیاہ دِیت وَس کورِ کلہِ پوٗشس

سیٚن کیاہ روٚنہٕ دوس سعہ زال تہٕ ہاکھ

کیٚمہِ سنزِ وارِ لکہِ ہنزِ وارہ

رِگ ما مارِ رہہ پیٚہ دارِ

(۲)

کادو گرٛ ھتو دِرچھُن بور

تورے اَن تو دُوٗنی دِچھِ بور

ژہتہٕ کھیومتہٕ کھیو یڑاہ پور

---

۱۔ کینژن جاین چھُ یہ ہأٹہ یتھہٕ گنڈنہٕ آمُت۔ ناو کیاہ کوٚروس؟ سد ارام
(ع۔م۔ل)

گرٹھ با مُٹراو گاٹس تور
تورَے دٟرویہٕ وَدہٕ وُن بٔرور
تٔس کیا پٔزے پٕوزا پٔزے
سٔتن ٹیٚنکیٚن داں کھار
سۄ کتہٕ اَنو شالے ٹیٚنگ
مُنو کتہٕ ۔ وۄ کھٕل داں
رُنو کتہٕ ۔ وازہٕ داں
کھیمو کتہٕ ۔ سبزار
امبرٕ ہو ۔ آلہٕ ہو
ڈٕلن منز ۔ سائٕلہٕ ہو
عشں کرہی ۔ ندرے
نٔس کھیہِ ہی گگرے

(۳)

اَمو ٹیوٕ
کمُ گیو

کھَس با
زَنگے

ییتہٕ با
لالہٕ صأب
موہہٕ گوٚل
منگے

(ب)

زوٗن مأج زوٗنی
اَنگن منگن ژٲنجی
تِم کَس کِنۍ
رأیِس۔ کِنۍ
تِمو کیا دِتے
کھٔن گرٕ۔ وسیٚز ناو
گرٕ ھان تہٕ گیٚس
بوٗٹن گٔنے

تِتھی وُچھم

لوکٕٹ موکٕٹ

مامِنہٕ صَنا

تِمَی دِیُٹھم

گیوٚ ٹوٗر

سِے لوٚدُم

جِجیٖرے

جِجیٖر اُلِجُم

نَژ نِے

کاو لِگُم

بولہٕ نِے

(۵)

کوٚ تِتھی گرٕژھک رِگریے بیرہٕ بیرہٕ کھاہ
کیٚہہٕ کرِنہٕ گگریے ٹھوٗلَن دِنہٕ پھاہ
کرٕنی چھی گگریے اَکھ تہٕ بنژاہ

اَکھادِتے رِگی یے جِدام کُنہِ کاشِہ

(۶)

ہُہ کُس بہ رکُس

تیلہِ وَن ژِہ کُس

اوَنم بطُخ لوُدُم دیگہِ

شال رِکچ رِکچ وانگنو

برہ مجہ ہارس پوٗنی چھوکُم

برہ مجہ بینے ٹیکِس ٹیکا ہ

رحمان ڈارس گرٛاہ پیایہِ

گرٛو کھیِیہ بنگہِ لوبر چنگہ

کھابرہ کھاہ جا

(۷)

اوٗکُس بوٗکُس

زِنلہ وائی ژوٗکُس

اوٗنم ـ بطُخ

لۆ دُم دے گۄ
شال کِچ کِچ
وانگن رَس ؔ۱
بۄ مِجہ ہا رَس
پوٗز چھوٚ کمُ
بۄ مِجہ بَٹہٕ نے
ٹیکِس ٹیکہِ نیاہ

•

(۸)

اَکِٹا ۔ بکِٹا
بائے اُنم ڈوٗنی کاہ
کھیمہ کیاہ چیمہ کیاہ

---

۱۔ شہرس منٛز چھہِ وَنان ’ وانگہ نو ‘

بانہ کُھڑ شوہ کیا
ہشہ زائم دِمہ کیا

(۹)

گانٹِی ہُول گانٹِی ہُول
پیوے نُول پیوے نُول
مِیا نیو پُونیو کیا کورُے
پینہ پُوتی مُودی۔ سیے
اکھاہ مکھا۔ رُود سیے
سُے دِتمُ کھارس
کھارَن دِژم ڈُھکہ ہَمن
گانٹِہ پیپیہ چھکہ ہَمن

(۱۰)

یورہ گیس خانہ کاہ
تورہ انم بانہ کاہ
رتیمے تھاوم تندلے

پانۂ وزٕھس گندنے
بائی اؤنم پھمبہ تومب
مہہ نا بابا تگی نۂ
دُ چھتے میون لوکچار
ہہہ کہ پچی - پچی‌ءا

(۱۱)

| | |
|---|---|
| تتہ کھاٗرم بانۂ کاہ | یتہ وزٕھس خانقاہ |
| پانۂ وزٕھس گندنے | تِمے تھاوِم تندلے |

---

۱ شہرکی شُرِ چھہ یہٖ بُٔتھ یتھہٕ کنٛی گیوان سہ

یورہ وُزٕھس خانہ قاہ
تورہ کھاٗرم بانۂ کاہ
تِمے تھوٗم تند لے
پانۂ وُزٕھس گندنے
دانکہٕ یٔنس دکہٕ توگم
ہکہٕ چی چی

بأمی اُرنم پھنمبہ ڈِینج    زاٰوِلے کیتہٕ نے
یِیتہٕ وژھس خانقاہ    تتہٕ کھاٰرِم بانہٕ کاہ

(۱۲)

دانَس پہوٕوٕ
سیٖن کیا روٗن وٕہ
سوٕژل تۆ ہاکھ
شہ کھشرِہ وارہ
کِلہ ہشرِہ وارہ
گُل ما مارہ
روٗہ بیٚ دارِہ
ژلہٕ وُن لوٕ کھپار
ہوٕکہٕ بِچی ۔ بِچی

(۱۳)

موٗختہٕ پھلیو ۔ موٗختہٕ پھلیو
تُل مکھو ۔ ژٗدو مکھو
ہَشہ اکھتہ ۔ دِیت مکھو

ناگہِ رنٛدرِ پیٚپیِہ یو
ہَش وُڑ ہِصم یارہِ بل
زوج تھاگِتھ تالہِ پیٹھ
سَرفہِ کلَن کھیو نکھو
ہارہِ اوّن تے سیاہ دانہ
بیا بیا کوترو

دوال

کاو بٹہِ کاوو
کھیٚڑ رے کاوو
کاو ٹڑ گاڑِنی
سیتی ہیہتھ
گنگا ۔ بلا
ٹڑانا ۔ کریٚتھ
گرُچے میٚڑے
ٹوکاہ کریتھ

ووہ زلے ۔ پاٹے
یونِیاہ ژھِنِتھ
دلہٕ باسانے
نوے سر بیہہ
(۱۵)
گاشہٕ برور آو
دارِہ کِنِز ژاو
راتس روٗشُن یِتہٕ ییے
پوشَن کروس پھتہٕ ییے
تِم کَس کِتہٕ ییے؟
لالہٕ صابَس کِتہٕ ییے
(۱۶)
شِین ہیوتُن والُن
اَسہٕ ژھنہٕ زالُن
گرٛگژھو سعہ نہٕ شالُن
پِش ہینہِ توکھ والُن
سیٚے انوکھ زالن

(۱۴)

وَدہٖ وِنہٕ گوٚبرو
اوٚشس مو ژاو
کاون کرٕنے

رٕنِجہٕ اَڈٕ باو
اَڈہمَن ۔ تھوَ
پٕچندَس

سۄ پوٚشِی
وندس
اَڈہمَن تھوَ

آ لِس
سۄ پوٚشِی
رٕنہٕ کائِلس

---

۱؎ یہ بٲتھ چھُ یِتھ کٕنۍ تہٕ گیوٚنہٕ یِوان سہ
وَدہٖ وِنہٕ گوٚبرو
اوٚشس مو ژاو

(۱۵)

وُٹھو وُو شُہ پو گرُنٹھو وُو ڈل

تُتہ ہو شُوبان اَسہ دِرِنٛ کھل

پانسَ چھلہ وَے سورُے مَل

کھیلہ سپی مزہ دار کوتاہ پھل

مائِس ماجے کروَے ژھل

گِندُناہ ۔ درمہ کناہ ۔ لوہ کچارا

(۱۶)

ژٲنڈہ گنڈم موہنگہ دال

ادخن صائبنین ختن ہال

---

کاوَن ترٲوی

رٕنیکرِ اَڈٕ پاو

اَڈہن ٹھو پنڈس

سمہ کھیہ وندس

اَڈہن ٹھوَ اٲرس

سمہ کھیہ رہتہ کٲرس (ع۔م۔ل)

دٕلی دوٗ شُرِ یو گژ ھوژرار
تَتہِ چھُوہ بُڈِہ شال
ژُسے کرِہ وِہ لارِہ لار

(۲۰)

کاوہ یَنہِ وول
مُرادن مول
ژبَتہِ بَتہِ ٹوک
دِہم نے رس پھیور ۱
کدِٹے مُولہِ ژھوگ

(۲۱)

ژرِ ی یے کانٹُرکوٗت گوٗ
ژُتہ ہمی دِرِہ گجن گوِہ گجن گو
وُتہِ یوس وارِگ تمی ماکھیو

---

۱ شہرس منز چھِ شُرِ یہِ حِصہِ یتھ کُنز وَنان س

دِہم نے سِنزِ ہسن
کلے ملہِ ژھوگ

(٢٢)

بُلبُلو مأج ہا موہ یِی
پادشاہ صأب نِس پرِ نگس پیپٹھ
دوہ ھتی رنگہٕ ژُرٕ ہیے بالادرِیے
حبہ کدل لاران زائنہ کدل لاران
بھش تر مأج وَدان

(٢٣)

ہتہٕ بی بینیٕ     کِیاہ بی بینی
ہُہ ما وُچھتھَن     کُسُ بی چون
بوی مِیون     ہلہٕ کِیا ہ
شُملہٕ مِیون     وَڈہٕ کِیا ہ
ٹاٹھ مِیأنی     کھوَن کِیاہ
لِچہٕ دار پأزار     بأمی مدنس
وَس با وَس     زائنہٕ کدل وَس
تنہٕ مِیأنی وہلس

(۲۴)

آرے موہ نجے      تارے موہ نجے
وہ ڈِہ بیٹھ کیاہ
سوہ نہ سنز ٹاٹچ
تَتھ بیٹھ کیاہ
سوہ نہ سند ٹنگ
وہ رہ ماجہ فُٹے      دچھن لنگ

(۲۵)

تِکے لوہ نگن      تُلان چھَس
دِیارہ لوہ نگن      تُلان چھَس
موہرہ لوہ نگن      تُلان چھَس
تِکے لوہ نگن      تُلان چھَس

(۲۶)

بشتہ بشتہ بڑاریو      کھوت کھوَن
تورہ کھہ دو لُتھ      ببرے ین

تہ کُسو دِیُت تھو وَتہٕ لُوکَن
وَتہٕ اوس پکان مہرازٕ ہَن
تتھی سِری گنڈِتھ تتنہٕ ہَن
تتھی وِژ نیو پوشنہٕ ہَن
تتھ کیاہ اوٗنتھ نیتنہٕ ہَن
شٔرہٕ ین بَرِتھ یٔنڈ ہَن
نوشہٕ پوشی نو اُڈی جہٕ ہَن
نوش بیتہٕ کھژیو قاضی وان
پوشس پلہٕ ہور چھینہٕ میلان
پلہٕ ہور شوبان گرِ لیسہ باین
گرِ لیسہ بایہ لاران کجِہ کونشن
کجِہ کونشہ شوبان کھوجہٕ باین[1]

---

[1] اَمی باتھک یہ ریپ چھُ شہرس منز رائج سہ

بِشتہ بِشتہ بیاریو کھوژ کھوژن
تورہ کیہو دودتھ؟ ببرے پَن

(٢٧)

ہعہ بہٕ رلیلہٕ ژھعہ پہٕ رکر　　مأج گئ گرپٹہ بل
تورہٕ اَنِی سوٚت پھوٚل　　اوٚڈ تھاو پَندس
تہٕہَن کھیٚزہٕ وَندس　　اوٚڈ تھاو اَرلس
کھیٚزہٕ رنہٕ گأرلس　　ہعہ بہٕ رلیلہٕ ژھعہ پہٕ کر

(٢٨)

مامَن اَنِم کنکہ کھار　　سعہ دِژم گرہٹس
گرہٹن دِتم اَڈ پھوٚل　　سُہ دِتم پرہ نس
پرٕنی دِتم چھأنتھ　　پتہٕ دِتم ڈُلس
ڈُلی دِتم مأنڈرِت　　پتہٕ دِتم تاوے
تاوِہ دِژم ژوچہ مامَن　　تِہمے دِژم مامَس
مامَن بأگرِہ گامَس　　پانَس ہُرے یَس نہٕ اکہ مَن

---

سُہ کمَن چھوٚکُت ؟　　کوترن
کوتر بیٹھی　　مارکَن
زوَن چھہ گِنڈان　　تارکَن　　(ع-م-ل)

(٢٩)

زوٗن مائج زوٗنی    اگن مینگن زٕتائجی
ترٕ کس رکینے    رائیس رکینے
رایہ کیاہ دِیتم    کھٕسن گرٕاہ
کھسِت گوس    ماسہ نِش
ماسہ دِیتم    گیو ٹوٗر
شہ لوٗدم ججیرے    ججیر لج نرٕنے
حسنہ پانو    قادِر چھانو
کنہ موہنجہ مُرِیو    نسنہ موہنجہ سان

(٣٠)

پکھہ تے گژھو سلیمان    سلیمانس سعنہ سند تختے
پکھہ تے گژھو سلیمان    تتھہ بیہتھہ بہت کوتر جوریاہ
پکھہ تے گژھو سلیمان    سعہ تہ بولان چھے بینہ نے درِختے
پکھہ تے گژھو سلیمان

●

(٣١)

اللہ اللہ قادر رو    ژوہ چہ تڑ شکر باگرو
ہنا کھیئی عالمو    فنا گو کھو ظالمو

(٣٢)

کادو لو تہ کادو لو    اوارہ آد بوی میون یادو لو
کھورن چھس رنگہ کھرادو لو    رزہ کنہ یہ چھسن باڈی داودو لو
مکہ چہ مشیدہ ژادو لو    قرآن یران دژادو لو
درودہ یران درادو لو    کادو لو تہ کادو لو

(٣٣)

اوبرہ سس ہیوتن نار    صوبرہ گوہ نہگا ر
یچہ گو زود    ژاطہ شریو دود
او خن صائب دود    وارہ کونہ دود
اوبرہ سس ہیوتن نار    صوبرہ گوہ نہگا ر

(٣٤)

ملس کورن کلس دود    دس کنن تماکی یلس
تو تہ ملس کلس دود    ملس کورن کلس دود

(۳۵)

نکی نکی دأن پوش    بابہ صأبو لوکٹ نوش
رژہو نوش رژہو نوش    بابہ صأبو گیہ یو خوش
ہشہ دیدی میہ مے روش    کھوںن ہے دِ مے روغن جوش
نکی نکی دأن پوش

(۳۶)

شأجر پیایہ شال زاس    ننده گوس خبرے
یوره دِ میتنس ٹھلہ بوک    توره وِ ییتنس زلہ بوک

(۳۷)

ہکٹ کرو رام رام    سگ ہے دِمو پہلگام
توره واو بیره بیول    شرن لگن ینن مول
ہرده کرو ینہ ودل    ہکٹ کرو رام رام

(۳۸)

کوت کوت وأتی ؟    شہباد وأتی
تتہ کیاہ کھیو تہ    دهد بتہ تور

میہ کونہٕ نھوٗ بتھ تھیاوی سےٗ
تتھ کیاہ گوٚ کاوٕن کھیو
کاو کتھ بیوٗٹھ لگتھ بیہتھ
لنٛڈ کمیٚ ژٹ چھا نَن
چھانَن کیاہ گوٚر داٮ۪ر تتہٕ برٚ
کٔر تتہٕ پچھم کر

(۳۹)

دوٚبی باے کوٚتے گے دوہ بہ ہُند گرٕ گے
تور کیاہ کرنہٕ گے فیرن جور چھلنہٕ گے

(۴۰)

ارژہٕ کوہ نڈل مرژہٕ کوہ نڈل زوٗگی کوہ نڈل شہرٕ گام
ستَن زوگین زوگاہ استو، استو زوگیو کار ناو
الم دوٗر کلم دوٗر جشتہ کوٚرکھ لولہٕ پور
بوٚڈ مورکھ مرزہٕ قادِر۔ قادِر کھتے خان

(۱۴)

ای چِک بِی چِک دندا کِھی چِک لنگا لاچی گانگڑ یچی
اَٹھو گچی لورم انزا لِتر مورُم کوڈا پانڈا
فیگو چِل گو مار

(١)

گُرِٕ گوٗرِٕ کرٕ یہ کنہٕ کے دوٗرٕ    کنہ کے دوٗرٕ

حوٗرٕ چھیا وَنہٕ وان، ون کستوٗرٕ    ون کستوٗرٕ

بہ ہا کرٕ وَتھ چانہٕ لَنیج تہٕ بنیج    لَنیج تہٕ بنیج

بہ ہا بدلے ژٕ بہٕ معہ کھ مزوٗرٕ    موکھ مزوٗرٕ

بہ ہو ہیمہ تارکَن دعہ دچانہٕ باپتھ    دعہ دچانہٕ باپتھ

مارکَن نیسرے مَتہٕ منصوٗرٕ    متہٕ منصوٗرٕ

گرٕژھ دو کونگم ناگ، نیرٕو بمبورٕ    نیرٕو بمبوٗرٕ

چھاوٕ اچھ پوشن کنہ کے دوٗرٕ    کنہٕ کے دوٗرٕ

چانہٕ بایت فیرٕ ڈوڈرن تہٕ بالن    ڈوڈرَن تہٕ بالَن

یِیے ہوکڈٕ چون یاوَن ژوٗرٕ    یاوَن ژوٗرٕ

نالہ کیاہ لاگے اطلاس زرلبَف    اطلاس تہٕ زرلبف

سیئن کیاہ رَنہٕ یو ٹھُلہٕ زمبوٗرو     ٹھُلہٕ زمبوٗرو
گژاوَن کَن تھاو یاوَن ژوٗرو     یاوَن ژورو
وتہٕ ییتہٕ ڈلہٕ ہم دَیہ نَے ژوٗرو     دَیہ نَے ژوٗرو[1]

(۲)

گِیس گیس موکر ہا یئیندرو     کنٛزٕبن خلہٕ لاہ     ملائیو
ڈٕیہ تَل کاژتَل ہا سنبلو     یمبرزل پیالہٕ ہیتھ پڈان چھس
ہی تھرٕ چھس دوبارٕ فولہٕ یو     کنٛزٕبن خلہٕ لاہ     ملائیو[2]

(۳)

گِیس گیس موکر ہا یئیندرو     کمہٕ وَنہٕ وو لمکھ ہا یئیندرو
ژگرٕ چائی نقش دار ہا یئیندرو     گِیس گیس موکر ہا یئیندرو
توسہ میہ کوٗت مے ہا یئیندرو     لوسہٕ ناؤ نقش بو ہا یئیندرو
ناوَن در چھیم ہا یئیندرو     گِیس گیس موکر ہا یئیندرو
رفاقتی ژہی چھیم ہا یئیندرو     جفاکش ژہی چھیم ہا یئیندرو
گِیس گیس موکر ہا یئیندرو
کمہٕ وَنہٕ وو لمکھ ہا یئیندرو

---

۱ یہ بأتھ چھُ ژوٗدس منزٕ تہٕ وَنہٕ نہٕ یوان - ۲ کینژن ہُندِ وَنُن چھُ زِ یہ بأتھ چھ اَز نہٕ مالہٕ ہُند۔ (ع-م-ل)

(۹)

دوہ دِ چِتو دامہٕ گِلہٕ گلے ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے
لولہٕ منز بو للاوِتھ منگہٕ فلے ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے
تَلہٕ پاتالے ڈِیُو نھٹم خاب خابہٕ منزٕ کیہ شاہ گیس بیتاب
ناگہ بیہِتھ رٹس نارہٕ وُزنہٕ ملے ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے
بابہٕ میون بیند رازہ شاہ قاضی کَس وَنہٕ ازلن دِژم بازی
پُوشِس نہٕ ازلہٕ ہا نکلے ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے
لانہٕ کیاہ اوسم یور آیس دایہ تون کرنے کرانہٕ دزائس
رچھتھو کھوہ نہٕ کنہٕ منزلے ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے
دوہ دِ چِتو دامہٕ گِلہٕ گلے
ہو ہو بو کرہٕ یِو اڈہٕ کلے

(۱)

بالَس پیٹھ شَرہِ فِنہٕ
لَٹہٕ تہٕ کاٹہٕ مِلہٕ وِتھ
اورٕ آیہِ پینشرٕ کاٗنہٕ
زینَن لِگہٕ وِتھ

(۲)

ہیرٕ دوٗبھ پینڈِت
دوہ زٕلِ جامہ گنٕڈِت

(۳)

بالَس پیٹھ مِنہٕ مٕرٕ
اوٗشس تٕراوان

(۴)

بال پیٹھ کوٗم یاٗجہ
نہ پِلِس چیاٗنہٕ ماٗجہ
نہ پِلِس مِیاٗنہٕ ماٗجہ

(۵)

مُو مِژِہ ہِسَسی تِتھِہ
زِندِہٕ اَندرِم

(۶)

کالہٕ وُچھُم مونگہٕ ڈٕل
مُبحِن نہ رِکھِیِنہٕ

(۷)

نوَہ لیٖنجہ
گدَرِی سَستھ

(۸)

اسمانٕ یکان ہیٔوس
دَرِہ گدامِہ روٗس

(۹)

ہِیٖرِہ وَرُھ ہیٹ
بَرہنگَن رُٹ

(۱۰)

سرٕہ چھُ پَکان
روٗگہٕ روٗگے
گرُوہ چھُ ماران جنگ
شَسترٕ چھس لاگمَ
گاسہٕ ٹُلِیک چھُس ڈٔنگ

(۱۱)

اپارٕ بالہٕ ۔ شیٖن پیوان
یپارٕ بالہٕ ۔ ڈوٗبھ

(۱۲)

ہیٚرٕ وُزٕھ ہٕٹ
منزٕ رُٹ شاہٹَن
تمَہ معٕنٔدٕ گرٕنکھ
لأری اڈٕ راتنَ

(١٣)

ہیٚرِ وُزٕھ کھےَ بوٗمباًلِ
بہ بۄزٕ رُٹ کھےَ ریشہِ ماًلِ
پوٗرٕھ کرُیے بَٹہٕ ماًلِ

(١٤)

ہیٚرِ ووٚتھ اکھا
بُتھ کرِتھ ترٛکھا

(١٥)

سمیہِ تَل — بیمیہِ لیٚنجہِ

(١٦)

لمُ تَل تھمَ — ژور

(١٧)

اندر کُنھِ گندر کاہ
رتِمےَ بہِتھ تاہ بَتاہ

(١٨)

گُچھ ہِنا چھم
گَچھ ہِنا چھم
تَھ چھَم واتان
ژور سے کھاٗر

(۱۹)

وہرک ہتس فرشَس، بہان نہٕ کانہہ
ہُودی ہتس سَرفَس وُدان نہٕ کانہہ
ہلی ہتس گوٗلابَس ژٹان نہٕ کانہہ

(۲۰)

وَنہٕ وولہٕ بورا گُنڈتھ
وَتے گوٗرمَس اتے گَتھ
وندس روٗ چھم ہِیبے اندر
سونتہٕ دِژمَس لَتھ

(۲۱)

وُچھی تو کیا چھے سمیا جان

کَمَ کَمَ کار کَران اِنسان
دُوَرہِ بِیْٹھ پِچھے دِوان زیوا دان
ناوَتَس کوزمے سری بھگوان

(۲۲)

لَراہ وُچھم تھَزم تھزی
ہَپچھ وُچھمس دار
تَکِہ کنہِ وُچھمس پوذ گریزآنی
بیٹھ کنہِ وُچھمس نار

(۲۳)

سِراہ وُچھم الوم ڈلوم
شِیشکی یا تھ تراوان گاہ
اَندی اَندی وُچھمس کرتھ ہلتن
اندر نہ اَژان کانہہ

(۲۴)

اسمائی یکان جاناوَاراہ

میم رنگی - مین
رزہ لمان بازی گاراہ
تمیک مانے دن

(۲۵)

چھمبا ڈچھم الوم ڈلوم
امرت چھس پشیان
برٹین ڈچھت اندر اڑان
لوکٹین چھے جاوان

(۲۶)

اسمائی پکان ککایا
زنگن دلیتھ کرمایا
سہ کوہ سر - میائی
پیرہ - بایا

(۲۷)

ژو زونگو ژہ داہ زونگو

اوٚک زوٚنگوٗ گُلِس ییٚٹھ
تمۍ سٕند ماز پادشہَن موٚنگو
تِمَن ترِین گٔنٛے ناو

(۲۸)

گگرٕ ہَنا چھُم
گگرٕ ہَنا چھُم
تتھٕ ییٚٹھ چھُم
ناگہٕ ۔ ہَنا
ناگس منٛز چھُم
سرفہٕ ہَنا
نہٕ چھُس لوٚٹ تٕتہٕ
نہٕ چھُس کلہٕ

(۲۹)

منٛز ماۍدان
کیٚسرے دانا

روہ پہ کرٕل
ٹھانا دِتھ

(۳۰)

مٕنز مأدان حاوٕدر ہاجی
کمہٕ جانانَن بیگارِی لاجی

(۳۱)

آیہِ گِکل ژ‍ٲیہِ وُنَس
ٹُلُن یَنس گٹہِ کار

(۳۲)

بیرہٕ گوٗٹاہ ییرہٕ گوٗمُت
سَدرس وُسان ژھانٹے

دندہٕ مالن چھوٗنٛی کران
شِینَس وُٹان مانے

(۳۳)

مٕنز مأدان مأنٛز پیاسے

وَدوِہ گاٹس تہ ژُپس آیے

(۳۴)

ہنُزِ دوَتھ بینڈِت
زنگہٕ زہٕ گَنڈِتھ

(۳۵)

موَت ژوَل پوَت دارِ
کوٗئے ہینہٕ اَٹہٕ بارہ

(۳۶)

بانٕ زاوٕ
تانٕ کھوَت
کانٕ بیٹھ

(۳۷)

گُل اَکھ ڈیوٗنٹھ
لَنجہ باہ بیوٗن
ترٛہ میوہٕ برٛتھ لنجہ

کاشہہ چھُنہٕ کھیوٚن

(۳۸)

ژھوٚٹےٚ موٚٹے ابٕرِ کوَن
پانٕژو بایوَ رٕٹِتھ ژوٚن

(۳۹)

ونَس رلوان گُس
ڈٔوان گُس — بہان گُس

(۴۰)

لَبٕہِ روٗس — میوٕ کیاہ

(۴۱)

کنجہِ روٗس — میوٕ کیاہ

(۴۲)

برٕ دِتھ خر — نرژان

(۴۳)

چیزاہ چھم

پھیرٕ اہ چھُم

دوہ ہَس مِیہ ستیِ

پھیران بتھوران

شامَس رٕٹان

پونِسیح جاے

(۴۴)

شٔیتہٕ شٔیتَے ہینِدٕ وینِد

شرٛاکہٕ ستیِ کٹُھم

بتِیہِ رتیوٗ تھے سپدُم

(۴۵)

موٗد مٔت زندس ۔ تھَعن کرِتھ

(۴۶)

ولِس میلِہ ہے ویسہِ ستیِ

منزٕ پھیرِس دوہ ہس

●

(۱)

مارِ پيچس نار ڪنهُ وُڃي يي — پري پهائي جي استغفار

روه پہ گهٽو سِي ٿهف ڪمي ڪري يي — ڳُبتهِ هيُوت ٿهَس خدمتگار

پچتي داماه زيوٺهِ هي لبجي ئي — پري پهائي جي استغفار

ست پَرِه ناش پيٽمي دروجي يي — خوه جبِ اوشُم زائي ڪار

ڪري مُشڪاه محنت لُبجي يي — پري پهائي جي استغفار

ژوه ڪه ژو نهٽو منه پيٽمي دَزگي يي — با يارِ ڪر جهڦُم زائي ڪار

ڪهي ژِه ڪهنڊاه دُزي وائجي هي — پري پهائي جي استغفار

گره وٽنس ڪهڙي تير ڪهينجي يي — فه نهِ مايِر دوه دبيار

بُمه ڪمان مي ٿهاوِ هجي يي — پري پهائي جي استغفار

يائر مآلي ڪهڙي تير ڪهينجي يي

دوه ٿهي تيره ٻن ڪري تي لار

وِدره واوي پوڙمي ڏجي يي

پري پهائي جي استغفار

●

# بہٕلی گوُر

بہٕلی گورہی قزاق تیٚری مالیُون چوٗن رایہِ نیٚبرٚے لو

بالَن کھسہٕ وُن گیوٚ ما آوٚسی زیٚوُر کی گونڈی پوٚرٚ نہٕ لو نیچے لو

بلاے آیا اَتھہٕ چانہٕ پوٚتھرے اَبلَو پوٗتھ ما کرٚتھرے لو

وَتہٕ وتہِ یکان جوان جوٗرا اَتھَن کیٚتھ رنگہ لوٚرے لو

بلاے اَننے یِمَن رنگہ لوٚرِن ماجن چھہٕ راوان کوٗرے لو

بالَن کھسان ڈوکے ڈوکے وَتھرِن کرے رنگہ چوکے لو

بالن کھسان بوٚ چھہٕ ماٚرِ لجی ژھوٚ چھِہ دُجی گنڈے پوٚزہِ لوٚ نیچے لو

اسمٲنی یکان جانوٗر جوُریاہ زمینہِ دِوان بیٚنچے لو

بلاے آیو یِمی بیچن واٗنجہ کران کھنچے لو

کشیرِ ہانرِ ہی ہتے رنگہ زبیرِی پنجاب نمیتھے ڈالے لو

تتہِ کیُٚن توٚکن ومہ زِلِ موٚٹے بونا ے پنجاب رٚٹے لو

دَتن بیٹھم دُتے راٗچھی کتھَن کرِہ ہم ہا ژے لو

بلاے پپّیو کیتھَن جانِین تیمَن چھ راوان وُتے لو
داندے والیو داند ترٛاو اتھے بارٕنی کوو کیتھے لو
چندس پچھے ناتماگی چِلما بو کھو یارَے تھکیے لو
ہا ایکِہ جانو قرآن خانو پہاجہ پچھ گو کھو دیوانے لو

# بہار

گُگی پھوٚلِتے فُلیاہ چھاوو — روزو بلبُلو لول چون آوو
آر پوشو تا رکیا گیہ یو — منزِ وَنہٕ رسی نِندراہ پیہ یو
نیرو نیبر لوگ چِلے جاوو — روزو بلبُلو لول چون آوو
رنگ کیا روٚٹ اُمہِ رنگہ زِیرے — سنگ دِل یار یور ما پھیرے
نَنگہ ما گرٛشھ ہر دِنے داوو — روزو بلبُلو لول چون آوو
گُلہِ پیپھٹ کے بادام پوشو — شُلہِ کرُتھم میہ وُتا وُلِیے
خشمہ ہٕرٛشے چشمہ گُرٛشراوو — روزو بلبُلو لول چون آوو
اَستے اَستے وِرکنٛی دستے — ٹِکہ بٹہٕنین ییٹھو کے بر جستے
روٚٹ بنفشن وانکمن پہاوو — روزو بلبُلو لول چون آوو

آرہ وَل پچھے مَنز آرہ بلہ نی     نارہ دُزمُش چھنہ شہلہ نی
زورہ گوٚندٕ نس توٚندُرن جلاوو     روزو بلبُلو لول چون آوو
ناگہ رادَن آب آو جاری     باغہ اندرے گُل پھوٚلی ساری

باغ جنتُک سبزار چھاوو
روزو بلبُلو لول چون آوو

## نٔعتہ ہنز کتھ

بتہ یَس دود تَس چھُ پانَس تِی نَنان
نتیہ ہند دودنے چھہ پانے تِی وَنان
نے چھُ دُیان بارِ صاحب چھُم گُنے
دَے چھُ ژٕکھ نِش پانسی تھاوان بٔنیٔے

نَے چھُ دُیان بارِ صاحب مُناجات
پانسی کُن تہٕ چھُ مُشتاق دوہ تہٕ رات
حمدُ گژھہ تَس خُدایس کُن یُرُن
یادِہ کوٚرُن تیتھ محمدؐ میزبان

بار صاۓ جبن سےتو دِژی نس سامان
ژہ ر بار چھس سےتو سےتی شوٗبان

نوٗرہِ تسندہ یاٗدہِ کوٗرُن آدم
آدمس سےتو یاٗدہِ کوٗرُن یہِ دَم

نےَ چھہ دَیان لدُن آدم بے نوا
اوس مشیّت لرِہ تل درٛائیس حوا

نےَ چھ دَیان کیاہ زبر اوس سےٗ ساتھ
ییمہِ ساتے یاٗدہِ کرن زُرہی یاتھ

نےَ چھ دَیان حال میوٗنے بوٗزی تو
داٗدی لداے چھوتہٕ ساتھا رُوزی توٗ

نےَ چھ دَیان یتھ فنے اٗسس بہان
شاخ و برگو سےتو اٗسس شوٗبان

نےَ چھ دَیان تھوٗدمیہ اوسُم بال پَن
سونتہ وَقتے گژاۓ دورن چھس دوان

گے میہ گمراہی نتہٕ تمہِ کے گوم بدل
پییمہ گوٗڈ لاہ لاٗنہ ژور واٗتھ اجل

نے چھہ دِپان سَنِخ میہ گیوم چھے قصوٗر
نظرِ تمیٚ سٟنٛز سٟتی سپنٛم لٕگہ کٔہ سوٗر

نَے چھہٕ دِپان ژٕکھِ ہوٚت میہ کھ چھُم دوان
فلہِ بیٚون بیٚون چھٕلہِ مازٕ سٕ چھُم کران

مَد میہ اوس تَے حدپانَس چھس کران
حال پننٕس منٛز ظُلم کوتاہ کران

گے سہٕ جُدا سہ ہی جدأیی چھس وَنان
چھس وَدان تَے الوداع ووہٕنی چھس کران

تنتِہ وأیِتھ وَنتِہ وَتہِ تمٕ چھُم دِوان
والہِ وُنے توٚرکہ چھانَس چھُم کنان

نَے چھہٕ دَپان لٕرہ پھِرِی پھِرِی چھُم وُچھان
دورہِ رُوزی رُوزہ تورہ دب سنٛخ چھُم دوان

نَے چھہ دِپان لِترہ سٟتی بٕلو گأجِنَس
اَتھٕ پٮ۪یم چٕرکسی ییٚلہِ کھأجِنَس
ہم نشینن سٟیر ییٚنٕہ نی بادٕہ ھا
سینہ چھُرتِھ دود ییٚنہٕ نے بادٕہ ھا

نَے چھہٕ دَیان کیاہ بنیم کوٚت چھس دَوان
دادِہ پینہٕ نے نالہ فریاد چھس کران

نَے چھہٕ دَیان نالہ دِمہٕ ہا مارکن
بنہٕ روٚس نو کاشہٕ نہٕ روزان مردوزَن

زم کرہ کرہ برمہٕ پانَس چھُم کران
دارہٕ دُچھتو ماز کوتاہ چھُم ہران

وَدہٕ نا بوٚی زدی میہٕ پانَس نارٕی ہم
خام پوٚنسے زیٹھہٕ اٰلقہ کِتھہٕ دِیاوی ہم

نے چھہٕ دَیان نیستانکٕ چھُم تماہ
غرضہٕ پینہٕ نے وُنی دِتم ارض وسما

نَے چھہٕ دَیان نیستان میون کیاہ چھُہ جان
زانہٕ تِتھہٕ کیاہ مانہٕ بوزِتھ غار زان

نے چھہٕ دَیان نیستان میون کیاہ زبر
زانہٕ تِتھہٕ کیاہ مانہٕ بوزِتھ بےخبر

نے چھہٕ دَیان نیتا پنچ ئِس چھہٕ زان
زانہٕ سُے ئُس آسہِ ووتُمت لامکان

نے چھ دپان کیاہ چھ دُنی مرش مثنوی
زانہ سئے یس آسہ گجمرش عشقہ چھی

نۍ چھ دپان منودمس کاتیاہ جوان
صدرہ بلہ سبحان یارو چھئے ونان[۱]

## یارقند انون زینان

یِہی میہ ڈیوٗنتھم تی گژھیہ بوزان
یارقند انون زینان

گوڈہ دوٚپ ملکائنیہ کس کرہ یہ کار
ور سیتھ چھُم زوراوار

راجہ بیٚٹھیہ یارقندہ باج گژھہ تاراج
یارقند انون زینان

لندنہ بیٚٹھ یارقند یمو کوژ ملے
مشہور ژھہ پور گے

گوڈہ سوہ نہ مرگے چھاوان پوشہ مادان
یارقند انون زینان

حکم مہاراج چھُے بوٹہس برونہہ نہ ڈاو
بلتی! ژم آگے جاو

نیٚچھے جاو کشمیری نالے جالان
یارقند انون زینان

رسد سوہ ہی ژھہ پور کرٛہے طرفن
گوڈہ لوگ مرازی برگن

---

۱۔ یمہ بائتک مرازہ تہ مواد چھینہ لگہ بائتن ہندہ ہیو باسان۔ اکھ چھ آخری مصرس منز نیکھت تہ یوان۔ مگر یہ بائتھ چھُ اکہ پیتہ تہ آرل اشٹائن سنزہ کتابہ HATIMIS TALES ہس منز درج۔ تہ اتھ چھُ اشٹاین صاحبن لگہ بائتھی دو ترجمہ

(ایڈیٹر)

تم وَدان اُسی کوت لگی غار زان ۔۔۔ یارقند اون زینان
تمن بوہٹ گرن کاٹشر تھاوکھ ۔۔۔ بوہٹ بائی بروہ نہہ نیاوکھ
گرہ بیٹھ ڈاکس زوہ نہ گاسہ ساران ۔۔۔ یارقند اون زینان
برائے کمبک زنانہ سوہ مبران ۔۔۔ زین تہ گاسہ داتان
اَجہ آسہ پیاول کیتھہ آسہ دوجان ۔۔۔ یارقند اون زینان
گرہ منگہ ناوِ ہے کوہ کرہ کامُن ۔۔۔ چھ کرن ہم نہ زانن
بڑے بڑے کران اُسی تمن پچھہ زوان ۔۔۔ یارقند اون زینان
کلہ کنز دمچ اُس لتہ کنہ لاکم ۔۔۔ گاسہ رز کنسکھ محکم
گاسہ گنڈتہ زچہ زین بائر تھ سوزہ ساان ۔۔۔ یارقند اون زینان
رسد کرتھی اُڈنہ ہے نان کار ۔۔۔ متہ چھک پن پنُن کار
گیتچہ کرتھ کرالن گوڈہ لیتہ ساران ۔۔۔ یارقند اون زینان
کراجہ دوپ کرالس نادان کرالو ۔۔۔ کیتھہ کتھ کوندہ زالو
کام چھے یکہ ونی اُوم گرتھو تراوان ۔۔۔ یارقند اون زینان
کھوہ نہ کیتھ دودہ نوٹ وارہ نہتھ بارہ دراو ۔۔۔ لوکن چھ سفرن تاو
تحقیق دودہ گور جنتک باغ وان ۔۔۔ یارقند اون زینان

واتلن دوپ واتجہ بوناے سرہ زاہ  چھم منگن والہ موہے تہ کاہ

ژور ژہ تہ اٰرہا ہیتھ میتہ ہے یکہ ناوان  یار قندانون زنیان

فیرتھ دِیِ زِہکھ واتل گانو  دِیِ زِہکھ آسی نہ زانو

دموٗیکھ واتجی کیٖنہہ ناہ پہ چھم مانان  یار قندانون زنیان

شُمار بُوزنے طائیفہ دارن  منگ لج آہنگارن

وُذِہ ہیٖتھ شر نہ ہیتھ یرن ڈکھراوان  یار قندانون زنیان

کھارو دِتی بارو ینگر کتہ ژھارو  ووہنی کتہ جاے شیرو

حال کیاہ کور ہکھ نال شیر ناون  یار قندانون زنیان

خوش کیاہ گو سے اموب گوجان  پتہ نیوٗ کھ نائید تہ چھان

بتہ دِج اتہ ہیتھ پتہ چھک لاران  یار قندانون زنیان

مصلحت کران تم آسی یانہ وائنی  کہے کرہ نائیز تہ پھائنی

کتہ وئنی گرِتھ ہے کرو گذران  یار قندانون زنیان

صابر تلہ وانیو تامت پیتےٗ ون  یامت خبر بوزن

تام آو صاحب باسور سامان  یار قندانون زنیان[١]

---

١ اِیہ باتھ تہ چھ آرل اشٹائن سنزِ کتابہ HATIMIS TALES منز ننہ آمت۔
(ایڈیٹر)

گر بٹہ پھیرہ ژھلہ ژھلے اوٹ نیرہ مالہ تلے
گر بٹہ میانہ ریز ژلے بو آبس وڈ دمے یو
ہانز تلہ کولہ کلے گاڈ بوزہ آبہ تلے
از لس کور ژلے بو آبس وڈ دمے یو
بٹہ یگلہ دزہ نارے لگیس نو کینہہ تہ چارے
آوعزینہ بلہ پڑارے بو نارس وڈ دمے یو

●

ہنہ ہنہ گونڈلم نار مدنو    زولتھس کونہ آومی عارمدنو
ڈوڈی گلی نارس نقتھہ پان لایے    ژژارہ لجم بڈ بژ لیسوار مدنو
راتہ موغلہ سنداول کر آتش زول    راتہ کرڈیل شب بیدار مدنو
اچھ دل ناگس ڈبہ وتھر اوے    ناگس وتھی بھموار مدنو
اسلام بادس توسہ وتھر اوے    ریشہ مول پرہیز گار مدنو
ہنہ ہنہ گونڈلم نار مدنو    زولتھس کونہ آومی عارمدنو

●

(۱)

کٔری واوٕ جہ واو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو
سماوارس تیٛونگٕ ژاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

مام پکان لوٚت لوٚت    بیٚنزہ کوٗرٕن نالہٕ موٚت
تَلےَ اَتھٕن مأنز ہاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

مامن اوٚنمٕت زر باف    زن چھہ سونتہٕ کالگٕ تاف
ہتے کوٗرِی نألِ ژاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

یُہ مَن بایہٕ ہٕنٛ شوق    اڈٕن کھوٚوٕن دٔفیِمٕ ڈوک
ینا روزہٕم مألِنٛز گژاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

مامَس کھوٚرن کرٕوہٕن بوٗٹ    شرٕین کوٗرٕن گگلے مِیوٕٹھ
ماہ رینہٕ أسِن کھوٚرن کھژاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

کٔری واوٕ جہ واو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو
سماوارس تیٛونگٕ ژاو    واہ واہ مامہٕ ڈوٗٹھ ہے آو

---

یہٕ بأتھ چھہ ژٕمبکھ نارٕ ہیٚمژ تمہٕ وِزِ گیوونہٕ یواں ییٚلہٕ کورِ مألِنٛز
"ڈُرِی بھتہ" ہیٚتھ یِوان چھہ۔

(۲)

دَندن کرتےَ ژندن ےلشے    وآریو ےنشے وآژ کھے
ماجہ ہنشز مارے ترآو تھے    ہشہ مایے پرآو تھے
ہش ہے رَچھی پانَس رنشے    وآریو ےنشے وآژ کھے
بیّنہ ہنشز مارے ترآو تھے    زآم ہنشز مارے پرآو تھے
زام ہے رچھی پانَس رنشے    وآریو ےنشے وآژ کھے
یاءی سنز مارے ترآو تھے    ڈرہی سنز مارے پرآو تھے
دُرگُمی ہےَ رَچھی پانَس رنشے    وآریو رنشے وآژ کھے
ببہ سنز مارے ترآو تھے    ہہرہ سنزی پرآو تھے

ہیُہر رَچھی پانَس رنشے
وآریو رنشے وآژ کھے

---

یہ بائتھ چھُ تمہ وِزہ تُمبکھ نارہ پلیٹھ گیوتہ یوان یئلہ مُنُلو
نوشس ہیتھ وایِس واتان چھ -

اَزی ہے کرِہ ورِہ تے اَزی ہے گِندوٕے

کرِ شنئے جُوہ نے، گرِہ گِندوے

اَزی ہے کرِہ ورِہ تے اَزی ہے گندوٕے

شارکایہِ آنگن گرِدہ گنڈوے

اَزی ہے کرِہ وَرِہ تے اَزی ہے گِندوٕے

گرِدس اَندی اَندی موخٕتہٕ جروے

اَزی ہے کرِہ وَرِہ تے اَزی ہے گِندوٕے

●

---

یہِ چھکرِ بأگتھ چھ بٹنہٕ عمومَن مأنزِہ رأژ دوہ تمبکھ نارِ پیٹھ گیوان۔ تکیازِ یہِ بأگتھ چھ "ورین" متعلق تہٕ خاندر شروع سپدِتھ چھ بٹہٕ صرف مأنزِ رأژ دوہہ کرٛوال کھارنہٕ ویزِ ورہ کران۔

(٤)

گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے
ٻيهِ لالينِهِ گرِه شائدي يانے
گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے
بوے آمٽ ٻٽِنهِ مَنه وانے
گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے
ڪتيوُ اوسُم بائي ديوانے
گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے
ٻٽِنهِ نيرے ٽاٺِهِ وَنهِ وانے
گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے
ونهِ وَٺڪرے زرباف ٺڪانے
گرِه وڙو مے ٺڪرِه بائدي يانے

●

(۵)

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

بأ‌ی را جبس سوہِ شند پرنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

سوہِ تار ژہ روہ پہِ شند سنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

ژأ‌ہ وارن اَژہ دِہی ارنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

بأ‌ی راجو کھوت یو ۔ رنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

نامہ لالو پھلِ یو ۔ لنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

کرمہِ لالنہو مأ‌ کر جنگ

بأ‌لی وَ نتے رہِژ ہے آیِ زنگ

---

یہِ بأ‌ٹھ چھُ مأ‌شرِ رأ‌ژ دوہہ تمبکھ نارہِ بیہِتھ گیونہِ یوان تہِ عموٗمَن چھہِ پہ پھ گیوان ۔

(۶)

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

نالۍ زرباف ہیٹھ چھم سونہٕ چیقل

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

مایہ وُجی نقس کرُ نقشٕ مژہ گانگل

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

ناوہٕ سائس گژھہ دوپھیرنہٕ ڈل

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

میہ چھہ اللہ دِنی منقلہِ جائی گل

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

نالۍ پشمینہ گنڈیو شیرہٕ ململ

لالا وتھرے شالہٕ مار بونین تل

(۷)

ہیے مہ گوڈ دِیت باغ نیرہ وُنیے
شہ ریتھ دڑ ایَس بازر گن ییے
شمکھان شمکھم ۔ بب پھُن ییے
کھاران کھاڑَس گٹھ بنُن ییے

ہیے مہ گوڈ دِیت باغ نیرہ وُنیے
ہنگ گٹھِ گوزم پرہ نگہ و تھر نیے
پیرہِ پیھڑ تھوونم سیرہ لونگن ییے
زورہِ پیھڑ تھوونم شمع درہ وُنیے

ہیے مہ گوڈ دِیت باغ نیرہ وُنیے
برڈ تھڑ کنہِ بیُٹھم پوتھی پرہ وُنیے
زورہ زور ہیو تھمَس سِیر باوُنیے
لہ تہِ لہ تہِ لونگس اوشس تراوُنیے

ہیے مہ گوڈ دِیت باغ نیرہ وُنیے

---

غا پھمبہ لونگن

شیرس سہ ہیوت نمٕ اَتھ ڈالُن یے
گژھ گرٕژھ گورہی گرٕ ہٕ بنٕن سیے
وائر یوہ گرٕ چھے دٕہن برٕن سیے
ہیے مہ گوڑ دیُت باغ نیرٕ ونیے
مالِنہ گرٕ چھُنہٕ کینہہ لارُن یے
ماجہ مالِیُن گوٚ راجہ مالِیُن یے
بائِہ مالِیُن گوٚ بُلی مالِیُن یے
ہیے مہ گوڑ دیُت باغ نیرٕ ونیے

(۹)

دِتُم دئی تتہٕ روٚ چھُم نانہٕ
مہ بیِنہٕ کانہ ئیِد سے یَم

دِتُم رائگہ نیا - بھُوانہٕ
مہ بیِنہٕ کانہٕ ئیِد سے یَم

ریہ سرِ بہٕ پر ہیزٕ لیوٕ شُلی سانہٕ
میہ بیٚنِہٕ کانہٕ سیہ دے یَم

بھولیوٕ بہٕ تاوہ دُڈُرٕ دانہٕ
میہ بیٚنِہٕ کانہٕ سیہ دے یَم

نوٹ:۔ یہ باگتھ چھِ یٔزٕ مَن بہٕ میخلہ ماہرازٕ ہٕندِس ویگِس نٔژان نٔژان وَنان۔

(۹)

وِعا

ہُمہٕ وۄتھُم تہٕ ویگہٕ کھوٚتُم
طوطہٕ وۄتھُم - یارہٕ بل
مامہٕ لالَن کوٚہ چھِ ہیٚوتُم
طوطہٕ وۄتھُم - یارہٕ بل
رنگہٕ یٔندرس توسہٕ کوٚتُم
ہُمہٕ وۄتھُم تہٕ ویگہٕ کھوٚتُم
طوطہٕ وۄتھُم - یارہٕ بل

---

یہ باگتھ تہٕ چھُ میخلہ ماہرازٕ سندِس ویگِس نٔژان نٔژان یٔزٕ مَن بایہٕ گیوان۔ لہ میخلہ۔ ہوٚنہٕ

(١٠)

نِیلس دژ منٛس امریتہ ورشن [1]

میہ بالہٕ راشُن [2] پێپِتھ آو

یُلہٕ زاو لالہٕ صاحب تیلہٕ کوٚر کرشن [3]

زن آو اسہٕ تیلہٕ گٕرٕ منٛزٕ گاش

کرشنٕنٕ [4] اُدٕم دِیتُنَم - درشن [5]

میہ بالہٕ راشُن پێپِتھ آو

یہ باگھ تہٕ چھُ میخلہٕ بیٹھ وِگِس نژان نژان گیونہٕ یوان۔

(١١)

سوٚرگہٕ منٛزٕ کھٕرٕ کھے برگہٕ ہنجی بوٗ ذییے

لالہٕ صاحبٕنٕ کوٗری تہٕ راج لالنٕ بێنٕز ییے

سوٚرگہٕ منٛزٕ کھٕرٕ کھے برگہٕ ہنجی بوٗ ذییے

شاہ زادس باگہٕ آیکھ ڈٕکہ دراکیھ پیٛنٕ ییے

سوٚرگہٕ منٛزٕ کھٕرٕ کھے برگہٕ ہنجی بوٗ ذییے

---

١ یہ باگھ تہٕ چھہٕ ہیٚچوی کھاندرس تہٕ میخلہٕ دوہ نہٕ وٕنی بیٹھ وِگِس نژنہ وزہٕ یُژ من بایہ گیوان۔

---

١ چھر کاو ٢ بارانہٕ ٣ لاگنے۔ کھاہ ٤ خرچ برچ ٤ زنمہٕ اُدٕم ٥ جلوہ

(۱۲)

ہاَرٕ وُژھم ترٕنے

تہٕ سارٕ سوہٕ ہنزے

ہارِہ گرٕژھ توٕل ہیٖ[1]

تہٕ سہ تہٕ سہ ہنزے

ہارِہ گرٕژھ زرٕی یے

تہٕ سہ تہٕ سہ شُند ے

ہاَرٕ وُژھم ترٕنے

تہٕ سارٕ سوہٕ ہنزے

یہ بائتھ چھُ بٔچوں خاندرس تہٕ میخلہ دوہٕ وُنی یہنہٕ وِگیس ترٕنہٕ ورِزہ گیوہٕ یوان ۔ مگر گیوہٕ چھُ تمہٕ ورِزہ یوان، ییلہ کانٛہہ جوان یئِزمن بای وِگیس ترٕشان چھِ ۔

(۱۳)

دانہٕ وُژھ یوٕنبر

یانہٕ ژاینہٕ ترٕنے

صاتُبہٕ لالہٕ لوٕلبر

[1] تُلسی ۔ ہٹہِ گنڈٕنک زیور

پانہٕ ژٲیہٕ نٔژنے

وانہٕ وُژھ پونبر

پانہٕ ژٲیہٕ نٔژنے

یہٕ ہاے توسہٕ آچھر

پانہٕ ژٲیہٕ نٔژنے

وانہٕ وُژھ پونبر

پانہٕ ژٲیہٕ نٔژنے

یہٕ باتھ چھےٚ ینچوی خاندرس تہٕ میٛکلہٕ دوہہٕ وٕنی پیٹھ وٕگیس نٔژنہٕ وزہٕ گیونہٕ یوان۔ مگر گیونہٕ چھےٚ تمہٕ وزہٕ یوان یێلہٕ کانٛہہ جوان ییٚژمن بای وٕیگرس نٔژان چھےٚ۔

(۱۴)

سوہنہٕ داو گنٛڈم

تہٕ دِل گوم تازے

بٔروشٹھ بٔروشٹھ دٔژلمے

صائبہٕ ماہ رازے

پَتہٕ پَتہٕ وۆتھ سَے
بَبہٕ یَنٛد ازے
سوٗنٛہٕ داو گُنٛڈِم
تہٕ دِل گوم تازے
ہوٗرٕ ڈرامے
لالہٕ ماہرازے
پتہٕ پتہٕ ڈرامے
مامہٕ شاہ زادے
رُنی ہٲتھ واتیم
سورمہٕ تہٕ سازے
سوٗنٛہٕ داو گُنٛڈِم
تہٕ دِل گوم تازے

---

یہٕ باگٕتھ چھےٚ صرف نیٚچوِس خاندٲنس پیٚٹھ ماہرازٕ نیرتھ وِگِس نٔژنہٕ
وِزِ گیوان۔

(۱۵)

پونیبرِ شمعس کوَرُم گیتھا
رَتھا وَندے مالنیو

میہ چھم ببرِ لالہٕ ستھا
رَتھا وَندے مالنیو

پونیبرِ شمعس کوَرُم گیتھا
رَتھا وَندے مالنیو

میہ چھے باگہِ راجنہِ ستھا
رَتھا وَندے مالنیو

پونیبرِ شمعس کوَرُم گیتھا
رَتھا وَندے مالنیو

یہ باگھ چھُ نیچوی خاندرس تہٕ میخلہِ دعہ نرِ ونہ بیمٹھ ویگس نَرشنہٕ ورزہ گیونہ یوان۔

(۱٦)

ونہ دِ نیلہِ ٹوٹھ میون
گومے ۔ گلِ زین نے
ونہ دِ لالہٕ صاب میون

گوٗمے نوہ شس انائے
ویہ دے نیلہِ ٹوٹھ میون
گوٗمے ِگل زیَن سنے
ویہ دسے گاشہ بڑور میون
گوٗمے پوِ شس چھاوتے
ویہ دے ِنیلہِ ٹوٹھ میون
گوٗمے ِگل زیَن سنے

•

(۱۷)

رِندانہِ لالہِ گوٗم ِگندان لائے لے
بائی بوٗڈ لالہِ گوٗم ِگندان لائے لے
کرانہِ بوٗڈ لالہِ گوٗم ِگندان لائے لے
ڈیکہ بوٗڈ لالہِ گوٗم ِگندان لائے لے
رندانہِ لالہِ گوٗم ِگندان لائے لے

ییم باُٹھ چھے ٗپنیچوٗ کر خاندرس بیہٹ ماہرازہ ہیرِ یتھ وِیگس نَزان نَزان گیونہ یوان۔

(١٨)

تِرو تِرِ پُتِرِ پھوٚ جِکھے وَنِنی

اَسہِ نوو گرہ تے گوٚبی نے کنہٕ نی

تِرو تِرِ پیتِرِ پھوٚ جِکھے وَنِنی

اَسہِ بوٚر موٗ خستہ ہار تو سے بہ نِنی

تِرو تِرِ پُتِرِ پھوٚ جِکھے وَنِنی

اَسہِ کوٚر خانِدر تِہ گوٚبی نا کنہٕ نی

تِرو تِرِ پُتِرِ پھوٚ جِکھے وَنِنی

یہ بٲتھ چھہ پٮ۪تھو خاندرس تہٕ میٚکلہ دِنہٕ پتہٕ بیمھ وِیگس نژنہٕ وزہ گیونہٕ یوان۔ یِتھہ بٲتس منٛز چھہ ماہرازہٕ سندِس تمن سارنی نکھہ پھیکین ہٕند ناو ہیٛنہٕ یوان، یِم سعد رگوٚاس آسن گٲمتی تہٕ یہِ دُکھنے چھہ واریاہس کالس کرنہٕ یوان۔

(١٩)

لوٗ ہوٗری طوطہٕ ہو وُرکُن چھہ وُڈٲنی

یہ سون راجہ سالہری ہیٚتھ چھہ پکٲنی

لوٗ ہوٗری طوطہٕ ہو وُرکُن چھہ وُڈٲنی

يَکان يَکان موهه ختہ ڇهُ وَتن جهڪائي
لوهُوري طوطِ هو ڏُرکن ڇهُ وُڏائي
سوهڻين تہ شُمَن کوهه لَن تہ آرَن ترائي
لوهُوري طوطِ هو ڏُرکن ڇهُ وُڏائي

وَنہٕ وٚنِکس یِتھہٕ حِصَس مَنٛز چھِ مسلمان وَنہٕ وُن
تہٕ بٹہٕ وَنہٕ وُن یِکجا آمُت کرنہٕ۔ اَمہٕ علاوہ چھُ سۆ وَنہٕ وُن
تہٕ اَکھہٕ مَنٛز شامِل۔ یُس زَن بٹَن تہٕ مُسلمانَن مَنٛز مُشترک
چھُ۔ بیاکھ اکھ کتھ یِوہ سپٕہ بُمہٕ صحیح خصوصیت چھےٚ، چھہ
یہِ زِ اَتھ مَنٛز چھُ زیادہ ترٕ سۆے وَنہٕ وُن ٹھونہٕ آمُت،
یُس ساٚنِس گامَن مَنٛز زیادہ مقبول چھُ۔

(ایڈیٹر)

# مَس مُژرُن[1]

بِسم اللہ کرِتھ ہیمو وَنہٕ ووٗنۍ
صاحِبن انجام اونوٗیے

نبی صائبن سورُوے رِضا
مس مُژروٚیے وضع دار

نورُالدین صائبنہٕ ہانکلہٕ ٹھس گوٚ
رس لوٚگ ماہ رٕتینہٕ مَس مُژران

مس مُژروٚیے آیستانس
رٕچھِنۍ سائے بانس تَل

---

[1] طُن منٛز چھُنہٕ مَس مُژرُن اکھ علاحدہ رسم، بلکہ چھُ یہٕ رسم دوٚرہٕ گونس سٟتۍ اندٕ واتناونہٕ یوان تہٕ اَمیُک وَنہٕ وُن تہٕ چھُ تمٕی بابس منٛز درج۔ مسلمانن منٛز چھُ "مَس مُژران" اکھ علاحدٕ رسم تہٕ اَمہٕ رسمہٕ سٟتۍ چھُ کوٗرِ کھاندرس گوڈٕ اکان۔ (م۔ل۔س)

مس مُشر ویے دید یاڑ ہی لجُ یے
تگی یے کرُہز زیم ساوہنہ تون

مُس مُشر ویے لبے لبے
نُورالدین صائبنہ ڈبے ٹل

کنگنز اُنز مے چھانے وانے
چھانو چھوُنہ جسر دانہ دانے

مس ہے چھی مُشران یتہ ہے چھی ساڑی
بب چون چھمے دربارہی یے

مس مُشر ویے اصل سہلائی
پھٹکہ داو کرے موغلائی یے

مُس مُشر ویے آنہ ہاوو یے
زائنہ شاہ صائبنہ کوُرہی یے

مَس مُشر ویے کھیشے کھیشے
ریشے بابنہ کوُرہی یے

مَس مُشر ویے رُمے رُمے
ڈئی دِیُو تمے شُمے نار

لگنچہٕ[1] ویرہ وۄنہِ یتھ لگنہٕ ماہرٕ ییٚنزیے
پوشہٕ سا وینٛزیے لگٔنن بیہہ

لگٔنن بہہتھی کینژھا کھیٚہ تمی
سوٚنہٕ سِنزہ نارے ترِیشن چیٚہ تمی

ملرِ بن تیٖل تے کرنڈٕ زالوے
لگنکین دۄہن زالوٗ یے

شوقہٕ سان وینہٕ وۄیے ہاوس چھُیے
لگونے رُمہ رےٚ شنیے آیے

وانکن حیامن باہ باہ کِسری
مصری وانکن کُسی مُژری

پانہٕ رُگ گیوٚمے وۄت یِرٕمن بایہٕ ڈالے
اُزٕ تو ملہٕ ہو۔ ہِی مالے

---

[1] "لگن" لفظس چھُہ بٹن منٛز اکھ تہٕ مُسلمانن منٛز بیاکھ مانے۔ بٹن نِشہٕ گوٚ لگن کورِ کھاندرک اُنتھ۔ اتھ چھُ سوٚہے حیثیت بٹن منٛز حاصل یوٚسہٕ مسلمانن منٛز نکاحس چھُ۔ مسلمانن منٛز گوٚ بذاتِ خود کھاندر لگن تہٕ کھاندرہ کین دۄہن چھِ لگنکو دۄہ وَنان۔ (م-ل-س)

مَتس چاٹس سعہ نہ نِدی کِسری
وانکہ پاروے شاہ پلسری

سعہ نہ سِنزہ کنگنے روہ پہ نِدی برییے
پری یے وانکے پاروے

وانکے لنجن موہ ختہ جرائیے
کرینجن[1] باسمت پھرائیے

تا لیچ وانکھ ون کِمہ وُبسہ وُجییے
بوزی واوجییے دِلہ کے سوز

وانکن چامِن لُچھ بڈی پھٹیتیے
وامِ ریوِ ہُستریے اَسی یے

---

[1] گرنڈ ۔ بڈ ڈاکر

# "گرٕ ناوے"[1]

شوٗک لَم کرِتھ وَنہٕ وُن ہیٚوت مے
شوٗب[2] پھل دِ یتےٚ ماجہ بھوانے[3]

واسدیو[4] رازٕ نیو وَنہٕ وُن ہیٚوت یے
شوٗب پھل دِ یتےٚ ماجہ بھوانے

شوٗب[5] لَم کرِتھ رام وردایے
ہری[6] گنگا یے۔ نمسکار[7]

---

[1] کھاندر شروع سپدنہٕ کِس سلسلس منز چھ بٹہٕ گوڈٕ نیٚتھ ساری سی مکانس لوان تہٕ اَتھ رسمس چھ "گرٕ ناوے" تہٕ تہٕ "لوٗن" تہٕ وَنان۔ عموماً چھ اَمہِ دوہ ہہ بٹہٕ وَنہٕ وُن ہاہ ہیوان۔ [2] رَت حاصل۔ جان نتیجہ [3] راگنیا بھگوتی یمہٕ سُند استھاپن تُلہ مُلہ چھُ [4] بٹن منز چھ ناو ہاہیتھ وُنہٕ وِہنگ رواج۔ یکسانیت قایم کرنہٕ بابت چھُ "دیوکی" تہٕ "واسدیو" لیکھنہٕ آمت۔ دیوکی اوس بھگوان کرشنہٕ سُنز ماجہ تہٕ واسدیو مالِس ناو۔ [5] بھگوانہٕ سُند ناو ہیٚتھ [6] یُس دَرِی باو ہرموکھ کنز وسان چھُ تتھ چھ "ہری گنگا" وَنان۔ [7] آداب، سلام، پرنام۔

(م۔ل۔ص)

یادَن چانِہن شرن آے
ہری گنگا یے۔ نمسکار

آکاشِہ[1] بیہِٹھ یلہِ گنگا دِژایے
سیتِژ چھس دیوی تہٕ بٔبہِ دیوتا

اژہٕ زژہٕ[2] دٔنہٕ وان بیتہٕ پیتہٕ دِژایے
ہری گنگا یے۔ نمسکار

دُورہٕ بیہِٹھ اُزٕ توٚن پنڈِتھا[3] گارِتھ
وِنُس کیٚت دِیہ ساتھ ژٲرِتھ

دُورہٕ بیہِٹھ اُزٕ توٚن کشپ[4] ریوٚش ژھارِتھ
واتِہ دیوِہن - دِیہ ساتھ ژٲرِتھ

نوِہ نِچہِ پِترے رُت دژاو ساتھا[5]
زگتک[6] داتا شری بھگوانٔ[7]

---

[1] آسمان، نب [2] حورہ ، اپسرایہٕ [3] زانن وول، عالِم ، وِدوان [4] اکھ ریوٚش یمس نسبت وَننہٕ چھُ یوان زِ اَمی چھ گوڈٕ نیتھ کشیر آباد کٔرمٕژ دٔیان یِہ اوس برہما سُند زُو۔ دیان تہٕ چھُ زبردست عالِم تہٕ زانن وول اوسمُت [5] شہٕ ستارن ہِندِ علمہِ مُوجِب تیار کرمٕژ ڈائری [6] دُنیا، کائنات [7] بھگوان کرشن۔ (م-ل-س)

اَسہِ کَرٕ میٚرٕ کٲم پرِیژھت گورس
تِ آو پرمیشورَس کُس اَخوشِس

دیوکی ماجہ پرٕژھ برہسپت گورس
تِ آو گنیت صاٮ۪بَس خوشِس

دیوکی کھژایہ وستیر وَنہٕ رسی
دیوتا دسِتھ ہادنَس چھس

بیرہ بیرہ وۄمے لژھچے مبولے
لوَن ساماںہ کرنوو۔ میے

دِگنِیو سگ دِیت ڈنڈک ونَس
گنڈِتھ تہٕ والہٕ وۄے جاوہٕ لژھچے

بنڈِتھ تہٕ کھسہٕ وۄے ڈنڈک ونس
گنڈِتھ تہٕ والہٕ وۄے جاوہٕ لژھچے

---

۱ بھگوان، خدا ۲ روایتہٕ مُوجب اَکِس رِیوُش سُند ناو، آسمانس پێٹھ اَکھ سِتارہ ۳ دوہ مایہٕ ہٕنٛد پرٛتھا پتھر، اَکھ دیوتا ۴ علاقہ کھریوس منز اَکہِ جنگلُک ناو ۵ اَکہ جنگلُک ناو تہٕ اتفاق کرِتھ یکہٕ وٹہٕ رٕلِتھ ۶ اَکھ لژھچ ذات یِیہ چھ وُڈرن پیٹھ وان۔

اَستہٕ اَستہٕ کھَسہٕ وَے ڈٔنڈک وَنَس
دَستہٕ دَستہٕ والہٕ وَے جاوِہ لَژھجے

سَمہِ وی وِگنیٛو لَژھجے گنڈہِ وَے
دٔیس منگہٕ وَے آدِھیکار[1]

اُروٕنِ[2] لَژھجَن موٗختہٕ رَز گنڈہِ وَے
دَیس مَنگہٕ وَے آدھیکار

پٔژی پھیری ٹٔھٹلس تہٕ لَژھج ڈال ہَنگس
یَتھ رازہ[3] رَنگس نمسکار

سوٗنہٕ سِندِ ڈٔنگرِ تہٕ رۄپہٕ سِندِ بیلے
شنکر اَچارہ[4] وآج مے شٔیلے مٔنز

اُنی وی ٹٔھٹھ تہٕ سِندِ دۄنی پھیرِ وَے
اَسہِ گرِہ کرِوَے گرٕہ[5] ناوَے

---

[1] اجازت [2] تاقچن پیٹھ کنہٕ مکانچ جاے [3] شاہانہٕ انتظام، رونق، زیبائی، سجاوٹ۔ [4] مسلمان چھِ اتھ تخت سلیمان وَنان [5] گرچ صفائی۔

گرہ ناوآئنس زنگہ کُس اوےِ
منگلادیوتٔی[1] تہٕ نندٕ کی شوبہ[2]

گرہ نوٗ دوٗ تھےٚ رازٕ بائیِ
تاج تارک[3] زنگہِ اوسی ییے

واسدیو رازِ نی زنگ آیی رٕژے
دیوکی ماجہ پھوٗجر باغس ہی

گرہ ناو نس نیچھر[4] سوٗ دِیی
باندوٚ[5] آیی پوشہِ لوٚدے ہیتھ

میٚژہ تے پائنس کھُرٕ خمبیرے
گھمبیرٕ اَسہٕ کرٕ گرہ ناوے

ہرہ ممہ کھہ بتہ کے گنگہ دوٚ[6] نی تورمے
ہرہ ژندرشہ رازٕن گرہ نوو مے

---

[1] اکس دیوی ہُند ناو، ہندو دیو مالایہ منز۔ [2] ہندو دیو مالایہ منز اکس دیوتاسُند ناو [3] بختہ بوٚڈ، بھاگہ وان، قسمتہ دوٚلی، دیوتا صفت [4] وز، ساعت [5] رُت، جان، زبر [6] نجم رشتہ دار، مالِنوٚ [6] گنگہ سرک پوٚنی۔ گنگہ سرچھ بٹہ پوتر مانان [7] اکس رازہ سُند ناو یمہ سنز ذکر پوران منز چھ۔ دٕہان یہ رازہ چھُ بڈٕ پزی پور اوسمُت۔

گنگہٕ بلہٕ اوّن مے گنگہٕ واں نوّٹے
پھلہٕ لہٕ ووّٹے - لوٲسے

گنگہٕ بلہٕ تور مے گنگہٕ ووٗنی ناون
ہاوسہٕ کرٕ مے گرٕہ - ناوے

گرٕہ نوو وُتھے کونگہٕ مسے کوٗستوٗری
ووٗستوٗری وَنہٕ چھے لرٕ ژھاجے

گرٕہ نو ووٗ وُتھے گرٕ مہٕ ڈوٗس کھسِتھ
رازہٕ سعہ ستس تمسکا ر

پادشاہ باغس ببرے رٕوب یے
ووّ بۍ آیے گرٕہ سون ناوٲنے

لہ اکس رِوایتی جانوٗرٕ سُند ناو، اَمِس جانوٗرَس ذِکر چھُ پرکاش کۄرِتھ
"رامہ اوتارس" منٛز۔

# دُپُن

دِنیس رِکیتھ رُتھہ[۱] منگہ نووے
سوو نِچھتر وُچھ نووے یے

مہراج صاحبن ہوس منگہ نووے
ہمسر تس سعہ ساز کرہ نووے

تمتھ بہتھ کرشنہ بھگوان بہہ نووے
سوو[۲] نِچھتر وُچھ نووے یے

دَپنے دِرایکھے منزِ بازآری
ہائِری گرِ ڈھکھے ۔ باندآون

دِپنے دِرایکھے دَچھ رآنٹ تِلہ یے
اچھ دائری یِرمن ۔ بائِہی یے

دِینک سامانہ موٗل پییے جاری
کیٹھی بیہ رُحبہ دائری یے

---

۱ اکہ قسمچ لگی ۲ رَت ساتھ

دِیِنٛک ساماَنہٕ کوٚڑ بھۍ گرٛنڈے[1]
گوٚنڈ بھۍ سَنٛز ژٕ ہتھ ساما نے

وے[2] مٔرٕشکوٗر بھۍ کاٛنٹھ[3] مال گرٕ بھۍ
گوٚنڈ بھۍ سَنٛز ژٕ ہتھ ساما نے

کرٛنڈ ٕکڈی کاٛنٹھ مال پوٚٹ کری دٔای
اَژِ گنٛڈی ییٚز مٔن بأ یی سیے

ہٕٹہٕ کأنٹھ مالا لٕٹہٕ اَکہٕ ڈرایکھے
دٔپہتھ آیکھے - باندأون

گوڈٕ نیٚتھ مالیٚن پٔنٕن ژایکھے
سَتہٕ سٕنہٕ کرٕہے ضِیافت

نوٗن ژٕ ھجہ اَتہٕ گٔتھ توٗرہ[4] ہیتھ آیکھے
دٔپیتھ آیکھے باندأون

---

[1] بڈٕمٕٹ [2] موجوٗد - بجاوِتھ تھووٕمٕت [3] وے مٔرٕشرٕن پٔرِچھ پرٕدن محاورہ، امیُک مطلب چھُ کفایت شعاری [4] اکہٕ قسمُک ہار یُس زنانہٕ نالٕ چھ ژاوان . [5] تمِ پوشہٕ یِم ہٕٹہٕ کوٚرہِ مالِنٕو دٕأرِو گرٕھِنہٕ وٕزِہ دِوان چھہ - وٕنہٕ خرچ -

زِیُن ژوُٹ کارنِدو بیہ تبر دارو
از جر گیہ بیے        باند آون

برنگ گُٹھارس الجو مے بستی
دِہتی ازو اَژ مونگہ راہ کا[۱] یے

آکاشہ وُتھی وے سونہ ہندی شُپیے
گو شُیوُ[۲] ہیبہ وے مونگ ڈالون

سو مبر یو کڑا یہ اوک ثارِ مے تے ربنے
ڈمبہ زاکھ وا سدیو راز آنے

سو شُر چین کڑاین رشہ بیہ ہندی کُرمے
اُسہ کُرمہ وُرمے یے رشہ نگ لاگی لاگی

دِ پنے آیکھے اندی یے اندی یے
بائی کرکر گندی یے گو لاین

---

۱ انبار ۲ بھگوان کرشنہ سنز شدرہ

# آبِ شیرٛن

آب لدٲئے بیٹھ شیشہ تختس
بختس گیہ یوٚ بیدارٕی

آبے ٹھٔلِس فرٛیشتہ اوٚیےٚ زنگے
ٲستہ راٲچھ کرٛیٚ نے پاٗغمبر

لگنہٕ جامہٕ تراوِن منٛز رویہٕ خانس
ماہرازہٕ گرٛم حمامس ژاو

آبے ٹھٔلِس کھوٚر ووٚلوٗ تھو
سنتِ محمد یوٚلوٗ تھو

بابن اُزٕ بے صابنہٕ چاٗٹی
پادشاہ پاٗٹھی - ملوٕ بے

تنہٕ مُہندل گرٛنِھ کنہٕ لوٚن تراوُن
پان گرٛنِھ زلہٕ زلہٕ کرہٕ ناوُن

---

لہ آب شیرٛنکس اتھ رسمس چھ بٹہٕ کنہٕ شرٛان ونان۔

آب ژرأوأیو دارے دارے
ونۂ چے ہارے ونۂ وان چھے

آب ژرأوأیو دوڑھے دوڑھے
لال گنڈأیو مڑھے پیٹھے

آب ژرأوأیو دِگنے دِگنے
ونۂ چے وِگنے وَنۂ وان چھے

آب ژرأوأیو چونچے چونچے
اِسبند لونچے زالأ۔ یو

آب ژرأوأیو بجلی گاشس
واشس تھاؤر زلیں وا گرٔار

أنۂ واأج مٹھ یو شرانۂ کُھڑ بانے
تیِنۂ چھے ژھانڈان بأی جانے

بعہ نۂ کنۂ کھوت کھو رَخ بدلأوِتھ
ہیرہ کنۂ تخت وُتھر أوِتھ چھے

●

# کرُول کھارٕن[1]

دیوی کھڑایہِ وستُورِ ہو وُنس
دیوِ تا وَتھ ہاونس چھک

دیوکی کھڑایہِ وسترِ ونس
واسدیو وَتھ ہاونس چھُس

ہیرہ ہیرہِ وۄدِمے لڑ چھجے ہیوٚگے
شوو چھوہ کران سامانے

اژھ دژھ ڈوٗل یے لڑ چھجے لوٚگے
سوو چھوہ کران سامانے

---

نوٹ - دُنس، یِونس تہٕ کرُول کھارنس چھِ بٹہٕ لگ بھگ ژۄ حِصہ تہٕ بیہ پھِران یِمَن حِصہ یِتھ کتابہ منز "گرہ ناوے" تہٕ "دین" نادکین عنوانن تحت درج چھِ آمٕتۍ کرنہٕ۔ طوالت مدنظر تھاوِتھ کوٗرنہٕ میہ ژۄ حِصہ بیہ دُبارہ درج۔ [1] اَتھ ہِمہ رنگا رنگی پوشہٕ لَنجہٕ یِمہ بٹہٕ کھاندر پیمٹھ دارس بناوان چھِ، تِمَن پوشہٕ لَنجن چھِ وَنان کرُول۔ بٹہٕ کھاندرک یہ رسم چھِ جمالیاتی ذوقٕچ نِشان دِہی کران۔

وٕرِہ[1] کری دیگہِ تہٕ پوٗن مُشن[2] دانسَ
سوٗنہٕ لوٗ وڈال تے برہمنگس

پوٗشنہٕ[3] چھِ بوٗٹہٕ زرِچھ ہنگہٕ دچھِ ناوہٕ وے
گرٛدلہِ ژھوٗہ چھِ[4] پرہیپنؠ ہاوٲے[5]

وٕرِہ رنی چھے اُنگھہ دانس
زانٛکھہِ رازٕنی گوٗرٕی یے

وارے کرِہ چھے وٕرِہ سوٗندرٕ رِیے
کری سوٗندرٕ رِیے کوٗسمن گرٛاو

گوٗلاب پھٔلِمے گوٗلاب وٲلے
اسہِ کرِہ وٕرے لرے بیٹھہٕ

روٗہ پیٕہ پل کانٛگنٛ[6] ژنیچھِ گرٛولہِ تھاجے
برارٕنے ماجہِ چھپہٕ مانزٕ نے راتھ

---

[1] سہٕ لیوٗدرٕ فرِین ہیوٗ بھینہٕ یُیتھ نوٗن تہٕ مازٕ سیٹھ چھُ آسان تہٕ بٹہٕ کھاندرَن پیٹھ بٲگراوان چھِ [2] زنگ پن، مُبارک [3] کشیرِ منز چھِ لداخس بوٗٹہٕ تہٕ وُنان [4] گرٛدل کھارن وزہٕ بٲگرٕنچہِ ژھوٗہ چھِ [5] ژھارٕکاسنہٕ، دیوتہن اجازت ہیوٗن۔ [6] اکہِ قسمُچ بنگرٕ۔

گرُوٚ لے زنگے کیا کیا پزے
نوُن وٕرٕ بیہ گرٕڈھ توٚ ملے کھار

گرُوٚل کھورُو تھٕے کرُوٚلے[۱] گرٕ یے
نرٕ ہن مشرٕ کنُدن دار کرٕ یے چھی

کرٕ اچھ اُڈٕ برٕ تھٕ کروٚلہٕ ملرٕ یے
ازٕ ہے چھم لرٕ یے شولہٕ ماران

ہیگل گوماٚ ئنزٕ مرٕیٛہ تے گرُوٚلس
موٚلس تے مُرٕژ ہیی نیرٕی نے



---

۱ گرُوٚلہٕ گرٕ۔ سہ زنانہٕ یس گرُوٚل کھارٕن آسہٕ تگان۔

# "مأئزِ راتھ"

(۱) ژُندہٕ ہنٛوِ راز دانہٕ دأنتوٗ ہنگ ہا چھے
راز ورنگ ہا چھے شولہٕ رِدوان

واسدیو رازُن دأنتوٗ ہنگ ہا چھے
گوٗبرُ چھک بلرام جی یونی

کرشنہٕ بھگوانُس شونگن کیٚت پرنگ ہا چھے
راز ورنگ ہا چھے شولہٕ رِدوان

سادٕہ گلالہٕ تے اچھے یوشو
گچھ ہیو کوٗڈمے رنگہٕ روقن[۱]

واسدیو رازہٕ رو پئے لچھو
بلرام جی رِس نیترس[۲] کار

---

(۱) رتم بأتھ یم بٹہٕ کھانٛدرن تہٕ میخلہٕ بیترِ میٹھ وَنہٕ وہنہٕ چھ یوان۔
[۱] بوٗڈ کُٹھ [۲] ٹوٹھ، عزیز۔

سعہ نرِن فوڑ ماشں گھنے پُچھو
گُچھ ہیو کوڈمے رنگہ روقن

یئزے میٹہ نہ رشہ بیے پُچھو
گُچھ ہیو کوڈمے رنگہ روقن

پتر ہی ٹھرِ تے بروشٹ رنگہ ژرے
شامہ سعہ ندرہ کوڈ مونین گچھ[1]

واسدیو رازہ نہ نوہ شہ تے کوئے
ٹھوکرش[2] پچھے منگان بیہنس جاے

ٹھوکرس تمہ ورہ پنیے گرے
شامہ سوندرہ کوڈ مونین گچھ

نوہ لرہ کئی ذرہ ہارہ تہ ژرے
ٹھرہ پھلِ گہ لاب تہ نانا رنگے[3] پوش

یتھ لرہ شوبہ ہن سعہ نہ سندی ٹھُٹھڑے
یتھے لرِ شالہ مار بٹھِ رسی پیٹھ

[1] لبن نقش ونگار بناونی [2] مورتی، دیوتا [3] رنگا برنگی، قسمہ قسمہ

ژٚینٛن گُجھ تےٚ تالوٕن وَسہٕ[1] چھی
رَسہٕ رَسہٕ کاٗم لگِو کراےٚ نےٚ

مأنٛزے راٗژہِ سۄہ مِبرٕ مے باٗژی
واٗژہِ گنٛگ، جمنا، سرسوتی[2]

واسدیو راژہٕ سۄہ مبرِ تھ باٗژی
کرشنے جوہ نے مأنٛز راٗژ کِتھ

تِلہ مُلہ اَندرَ ے راگِ نیا واٗژی
واٗژہِ گنٛگ، جمنا، سرسوتی

اَسہٕ کرٕ مأنٛزہِ رات باندون کرٕ ژے
لِچھمی[3] وِژ اَسہٕ - نارآنی[4]

شیمرہ[5] اَندرے مأنٛزہ ہُنٛد ترَ دِژاو
تیٚلہِ دِژاو یِلہِ آو لیہہ ہِنی گاش

---

[1] نقش ونگار کرِتھ تالوٕ بِچھ۔ [2] ترین دریاون ہُنٛد ناو یِمَو منٛز وۄچھ زہ نٛگۍ تہٕ اکِس نسبت یِتھ سرسوتی ناو چھُ، چھُ وَننہٕ یِوان زہ یہ دریاو چھُ زمینہٕ تَل پکان [3] اکِس دیوی ہُنٛد ناو [4] اکِس دیوتا سُنٛد ناو۔ [5] اکہ پہاڑُک ناو، یَمیُک ناو پورانن منٛز درج چھُ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زہ یہ پہاڑ چھُ سِلسلہٕ کوہ ہمالیس منٛز موجود، تہٕ کُل ہم چھُ سۄہے سُنٛد۔

مائنزِ گُل کھورمے دوِدہ سیتؠ سگہِ وان
ہَرہ بھگوان ہہے تُوٹھیوے

پادشاہ باغس مُلہِ مُلہِ ناگس
ترا گس منز کھوّت مائنزِ ہُندپوش

واسدیو رازہ نس پادشاہ باغس
پھلمے گُلِ افتابہ تہٕ ہی

بلرام جی نِس دِدہ گونس لاگس
ترا گس منز کھوّت مائنزِ ہُند پوش

پادشاہ باغس دِیت مے وّن یے
ژھانڈِ تھاوّن مے مائنزے پوشس

والہ مالہ بوہ ہَرِ یو بہ ساتہِ ہینجے[1]
کرمالہِ مائنزے لنجے موول

بہہ مالہِ واسدیو رازِ نہِ ہینجے
اَز ساتہِ لنجہ بیٹھی بلبل تہٕ کاو

[1] سہ دُکاندار یُس ساڑہی لو کِنی لو کِٹی گھر بلیو استعمال کی چیز کِنان آسہ بٹن منز اکھ فرقہ۔

بلرام جی یوٗ وائڑیوٗ ہوٗنڈ[1] نچے
کر مالہِ مائنز بے لنجے موٗل

مہراج گنجی بوٗہریوٗ اَتہٕ دُچھ بُہی
مائنزِ موٗل بوٗہریوٗ صحیح کر

بوٗہریوٗ مائنزاَن مہراج گنجے
مائنز قول تارٕژِہ[2] ڈنچے سیتر

سوٗ ہنزِ تارژہ روٗ بہ ہنز ڈنڈ چھے
مائنز قول ہوٗنڈ چھے پرارانے

بوٗہرن مائنز تے کبوتر سوزیوٗ
رازہٕ ہندِ گوٗبرو چھے مائنزِ راتھ

مائنز کھرژ سوٗ رگہٕ تے مائنزِ گوٗ یوٗنی
مائنزِ کرٕ مہربانی۔ یے

مائنزِ کیُت کرنڈ اوٗن ارزان دیوٗن سائی
کتھا تھاونے ترٕن بھٹوٗن[3]

---

[1] ہوٗنڈ (BILL) [2] لوکٹ ترٕ کر [3] مکانہٕ، دُنیا، مسکن

وٕرٕہ لٔژ دٔسہ لوٚ لٔژ لٔژ چھانو
چانہٕ دوٚہہ یوٚژھ مو نار آئی

کھٹلین ماٗنزٕ تٔے دانہٕ دانہٕ چھانہٕ وٕے
خانہٕ مالین گرو ماٗنزے راتھ

کھٹلین ماٗنزٕ تٔے ڈالِنی پھروٕے
شُرِن گروٕے ماٗنزے راتھ

لوٚہرٕچ[1] ماٗنزہے اَسہٕ وٲژ ڈالے
رنگ مالِہ بھاے ھٲوے آڈرِتھ

شیرِنٔے کھٹلین تٔر قلایہٕ قندن
دولتمندن چھہ ماٗنزے راتھ

منہٕ بوٚد ماٗنزٕہ ھند وتھ گیہ دوٚزجی
زال تیلہ یاٗجی[2] چھے ماٗنزٕ راتھ

لوٚہرٕچ ماٗنزٕ تٔے کھٔرٕ در یرٕدن
چھم سرکرٕدن ماٗنزے راتھ

---

[1] لوٚہوٗرٕچ [2] یاٗج - اکھ زٕکھ

لوہرِ چ مائنزِ تے یَتہٕ لَز برُزن
یتہٕ کہن مہرزَن چھہ مائنزے راتھ

زُونہٕ ڈینیٹھ تارکھ نرٕ زُون بیٹھ ستھرس
پادشاہ پترس[1] چھہ مائنزے راتھ

لوہرِ چ مائنزِ تے کھَرن تاپہ دانَ
شاہِ زعفرانَن چھہ مائنزے راتھ

آلو چون ووت برنگ کٹھارس
ییتھے سرِ دارس تار بلند

واسدیوِ راژہن برنگ کٹھارس
بلرام جُوس سردارس

ہی گونڈ لاگس شُملہٕ دستارس
ییتھے سردارس تار بلند

وۄہ گنے بیٹھ چی بادم ٹھرِ کییے
پھلیے دانے دانے پوشس

---

[1] بچو ، عزیز ، ٹوٹھ ، سنتان ۔

وۄہ ژھٹی دۄہ دۄہ مائجی شمع دانہ زال تے
مائنزہ کونڈ کھال تئے دیوان خان

زاہم وِلہ تے رۆژھمک وَ نختے
مائنز لاگے پادشاہ تختس بیٹھ

باروتی پرمیشور آدن میلتھ
مہرازس لاگو پادن مآئنز

مائج پارہ لجُو یوِ شیرین دآنۍ کھتھ نی
رازہ مائنز لاگے داجہ اَتھ نی

یکہ مونڈ بِلہ وِہتہ درہ بھتہ مینڈے
شامنس لاگ یوِ ٹینڈ نی مائنز

صُبحنس کھیٔنہ ژھم دۄہ دۄہ بھتہ مینڈے
کالچن لاگوِیے ٹیٹنڈ نی مائنز

تارکن منز باگ زوٗن ہش پیایہ کھے
تہر چھتر مالس زایے کھے

ویہ سیتھ ترٲوِتھ رنگہٕ رینٹہ پاوا
بھاوٲ کوٚ رٹے ماجہ بھوانے

بوہ ہرلوہ ماٗنژ اُنی سعہ رمہرتہٕ سازے
رازے گوٚ برس چھ ماٗنژے راتھ

(ب) ماٗنژے راٗژی سوٚمبرہوٚمے باٗژی
پوٚنیبر دٲژی کوٚنگس کژاو

دچھہ راٗنٹ لکھرئمے یئمہ لرِہ پتہ یے
ازہے چھے لُتزیے ماٗنژے راتھ

دچھہ راٗنٹ لکھرئمے دارِہ تہٕ ہنگس
اٗلِہ تہٕ رنہ نگس چھ ماٗنژے راتھ

اَتھہ ہے رازہ[۲] ویرے دٔرایہ سونہ یرے
بابوٚ انہ یے حیانہ ویرے

ماٗنژ اُنی میے چرار شریفے
کمہ طریقے لاگو یے

---

۱ عزت، احترام، قدر ۲ مندورہ، محل، راجوری چھ کاشرِ پاٹھی رازہ ویرتہٕ ونان۔
(ب) یہ حصہ چھ مسلمان وَنہٕ وان۔

مأنز لاگوبے اَتھن تے کھورن
کنھن بھاوونے جنتچ حور

یئر مَن بأیی مالین اوِیے
زأوجہ لیٹھ پُرژہ بھٹہ درد یے

مأنزے بیپھٹہ ہے چھے جمکے جوری
سودا میرٕنی گوری سیے

مأنزے بیپھٹہ ہے چھے اَنیے واجی
مأنز دأزی خانہ مأجی یے

اَنتھ کڈٕ نبرتے چھے قبیلہ دأری
سأری کرنے گِگی میوٕ بھٹہ

واجین چانین جَرہ ہے چوٗنے
گوری زوٗن زن تابان چھک

مامہ لالہ اوِیے تھوٗد ڈوکھ ژویے
اوِیے کرنے بندوبست

گورہ ہندہ اَنی مے اُم دوہ دہ وأراہ
کھیہ تے زلہ ہأراہ بہہ نہٕ لگن

اَز ہے سوز بوٗمبرن مأنز نِشانے
پگاہ واتہِ گرٕ گوٗند زانپانے
بوٚی ژاو آنگن بیٚنہِ گیہ نازے
ژٕندنٕک گرٕہ سے دروازے

سرتلہِ برٕہمن کالے داسے
بوٚی آو بیٚنہِ ہٕندِہ اخلاسے
یانٕ فراش کرِہ فرشس ماے
تانٕ بہہ سعہٕ ہٕر چارپاے پیٹھ

دِدرہ چھہ بوٗلان پربھاتہٕ کالس
لالس اَسہِ زایہِ رازہٕ کوٗمار
قبٕرلس کٔن روز منگہِ لوو تراوِتھ
نبٕریس کٔن روز ہلمَ داریتھ

مأنزہ ۂن لاگان ڈیکہ گمہٕ نیوے
از تمبلیوے بَب تے مأج
تارکو زٕول کوٗز دیوان خانس
مجلوٗن خانس چھیہ مأنزے راتھ

لاٰلِنہٕ کُھٹِہ چھم شاعِر گموان
لالس لاگان داٰیِرہٕ ماٰنز

لاٰلہِ ہِندِہ کُھٹِہ چھم اوٚبرہٕ وٕکھروٗنی
گوٚبرہٕ سِندِہ خمہ تہٕ چھم خاٗنے ماٰج

ژوٚدا ہِم زوٗن کھٕژ بُرزہٕ لہٕ ہٕچے یے
ووہ تھِہ ووہ نی لگٕزیے چشمہ مُژراو

دٕچھہ داٰنٹ کھٕشے دارِہٕ تہٕ بٕرِ یے
ہارِہ تہٕ طوطس چھِہ ماٰنزے راتھہ

شہرہٕ کھاٰرِ ماٰنزتے راتھہ لیجٕ برزلہِ
تام پراریام پھِہ لہٕ ییٚمبرزلہِ پوش

ماٰنز چھِی لاگان اَتھہ چھی اڈرہی
لاگویے لیٚدرہی لیٚدرہی پوش

دوہَس پھیوٗرہٕم باگِی باگی
یاغی[له] گومُت ییل ہے آو

---

له موت، گنڈٕ رٕزس

مأنزِ ڈُلرِسی اَندرِ اندرٕ کھاسی
ولہٕ سِی مأسِی لول بَرسے

دوہہ ہَس کھیٚنیہِ تھَم دوہہ دوہ بھَتہ دوہ گِی
کالچِن لاگو بے موہ غلِی مأنز

شہرٕ کھأر مأنزِ تےٚ لکو اُڈی نکھرِی
اَسہِ اُڈی ڈٲرکھرِیے ناوَن کیٚتھ

مأنزِ بأگران چھک بنین وَتَن
چھٹہ چھے گرِدھان لتَن تل

زرِی پھِرِی تھدِرِ تے گرِی دن شوٗلے
لولے یِیٚ مَن بأیی سیے

مأنزے ڈٲلرِسی دِتمے زألِی
تمہٕ منزٕ درائے بوٚٹہٕ کھألی یِیے

مأنزے ڈٲلرِسی پھکِرِیے ٹوٗرِی
مأنز آیہِ سعہ رگا پوٗرِی سیے

مأنزِ چھے لاکان دوہٕ نرِورِی یادَن
زٕہ ہا چھکُھ آدَن سرِ وندیو

پنِنی مأج چھے مۄہ چھہ مأنز لاگان
پوٗہچھ دیدِ چھَہِ ساۓ کوٚہ چھہِ لَلِہِ وان

باغے بیٚیٹھہ چھی گوٗلاب ٹھَرِ کَریے
پھُلِیے باغَس بادم پوٚش

بینے ہانٛدے باۓ گنٛد اُرو
ووہ ٹھو سونہ اُرو وُرے بیٚو



نوٹ ١- مأنزِ راتھ ہانٛد رسم چھُہ کشیرِ منٛز بٹن تہٕ مسلمانَن منٛز مُشترکہ- امہِ لحاظ چھُہ وَنہٕ وُن تہٕ لگ بھگ ہُوُے- فرق چھُہ صرف گُنہ کُنہِ جایہِ زبانٛ ہِنٛز- بٹہٕ چھِہ عموماً سنسکرت لفظ استعمال کران اَتھ مقابلہٕ چھِہ مسلمان بابتہٕ مُروجہ لفظ ورتاوان نتہٕ فارسی- یتھ بأگنیہ منٛز چھُہ حصہٕ 'الف' منٛز درج وَنہٕ وُن صرف بٹہٕ مأنزِ راتھ ہِنٛز نمایندگی کران تہٕ حصہِ 'ب' چھُہ کُنہہ ہُرِ علاحدٕہ کرِتھ دوشوٕنی درین منٛز مُشترکہ-

(م-ل-س)

# پلوہ

پوہہ کٕھٹِر اوٚ نتھو ہینگہ موہ نجہ زِ پیچھے
پوہ کٕھٹر با پچھے - کھیوان آو

ییٚز منس پچھے سأ گبہ ہتھ گاتس
پوہہ کھٹہ یانس سیتر ہیتھ آو

ییٚز ہی منو پوہ کیا اوٚ نتھو
ڈأگی دأگی موہ ہرن نہ چھُس روہ ہیٚن

پوہس ہیٹھ کنہ چھے سوہ نہ پوکہ رو چے
پوہ ہیتھ موغل نیچے - آیے

کٹہ ہتھ بن اوٚن کورِ پوہ کھاتس
اژکس ساتس مبارک

لأربیُول[1] گیُوو زیرِ یوٗہ[2] ہے ووٗت زُونے
کرِن دٕہن چۆنے زیبان چھُس



(مُسلمانن منٛز چھُہ گامَن کُن رواج زِ کھاندرس پیٹھ چھِہ تِمَن اَشناو، ہمسایہ بدیٖرٕ پوٗنسو علاوہ جِنس تہٕ اَنان۔ یہ کینٛزھاہ جِنسہٕ صوٗرتَس منٛز اَنَنہٕ چھُہ یِوان تتھ چھِہ وُنان یوٗہ۔ یوٗہ چھِہ سالرِ باپس یینہٕ وِزِ یانَس سٟتۍ اَنان۔)
(م۔ل۔س)

---

[1] اکھ دان ذات [2] بیاکھ دان ذات

# دِوہ گون[1]

پُنڈی تَن ویدہٕ وٕنی پننس ژاٹس
راتس کرٕ ہامن ہمہٕ[2] کے سنز

جمنایہ زلہٕ[3] تے گنگے میژے
ہومس کیت ییے لو آسے

گنگہ بلہٕ اوّن مے گنگہٕ واں نوٹے
وُقہ[4] تیم وٕٹس لو آسے
آکاشہٕ[5] وُژھ کھے اُمراوُتی یے
شری سرسوتی یے کانٕی لیو

ہرمعہ کھہٕ بیتہٕ گے شُروژ پوژ تور مے
دوہ گونس کیت لوہ نو مے

---

١ مانزہ راتھ تہ لگنس یا مانزہ راتھ تہ مینزلہٕ درمیان بٹن الکھ رسم ٢ ہون. ٣ قربانی ٤ پوژ ٥ پوتر، صاف ٦ اکہٕ دری یا وک ناو.

آمے دود دۆ بستہ کائنی ِلوہ یوہ
سائری سنمی دۆ سیوا[1] کار

دیو کی ماجہ تھوتو کائنیہ ِلوہتھ
واسدیو رازہ کھوت شران کرِتھ

سو رگہ کھوت سالگرام[2] سانے ویرے
دریچ جاے لوگ ژھانڈا سنے

تھاران دژایس نندہ کی شعر
پھیرہ وائزس چون ڈیرہ[3] بل

شوہ[4] لوکہ جایہ چھے پرمیشو رو
گورو وندہ یو پادن رِتھ

دوہ گونس سنز ہنیوت دھرمے ماجے
وال سی تیل ڈوٗنی تے شرح پھل[5]

کھار سی تیل تے مریدہ[6] بادم
آدن بوجی لسی سنے

---

[1] خدمت کرن والۍ بختی، طالب [2] مارہ مۆند پوتک [3] روزن جایہ روزنک مقام [4] بھگوان شیوسنز روزن جاے [5] میوہ یمن بٹہ ہونس اکان چھم ۔ [6] چوچہ

کھارسی نیل مرسٔدِ تے شرکی پھل
سعہ پھل لچھمی وائتی سے

عرشس وٕچھہ منتہ ارزن دیو
فرشس بیٹھ کرہ کلشس[1] جاے

کل شیچہ وزے رتھی[2] ووتھ ناران
کلشے منڈل تہ اوٗن پچھس

کل شیچہ وزے دَے ڈوٗٹھیو
پوٗزہ[4] بیو ٹھوٗیہ ناراین

بڈہ آکھ وولتھ کرشنہ جوہ نہ لولے
شولے دِوان ٹھوکاہ لاگ

واسدیو رازنہ گرہ گنڈ باغس
بڈہ برہمنہ کر داتس ٹھوک

موختہ جوڈولس[5] تخت روانس
ٹھوک کرہ بادشاہ دیوانس

---

۱ چوٗنہ ۲ منڈل ۳ تیزی سان ۴ پوٗزا کرِ ۵ شیرِ ...
جاے۔

داتوٗ گرٕس تابے دأرِی
گورو گگنڈٕس نأرِی ون[1]

سدا[2] شیوس مٔنگی مٔنگی
کنک[3] نہِ زنگے انوسے

مٔنز روبہ خانس وہرِتھ ڈوٗنِ
سٔنی کو سم تہ مادل پوٗشس

کلشس ترٛووے بادم ساسا
دانٕس بتہِ رٔنمے[4] ربشن آسے

دیوہ گونس بِہِتھ گورتے باتے
سوہ نۄ سنہ ری بانے داہر أسے

یتہِ چھوہ مہار أگنیا یہ ہند تھانے[5]
یتہِ کِس تھانس دیوتا جان

کلشس پوٗز کرہ ووہ تیم[6] نارو
ہری ہرہ سلے دارو بوز

---

[1] ہتھ بتھ ووہ زل رنگ دِتھ چھ آسان تہ بڈٕین دوہن بیٹھ چھ بٹہ نرہ گنڈان [2] ہمیشہ روزن ودل شنکر [3] اہرِش کوٗر [4] اکِس ربشی شند ناو۔ [5] روزن جاے [6] پوتر، پاک

کلشَس پوٗز کر دربے ٹیلیو
ٹانیپھٹھ[1] گلہِ واسدیوہ واٰنے

کلشَس پوز کر پمپوشہ پیٹتھ رے
موختہ چھہِ ترہِ واسدیو رازاٰنے

کلشِچہ وزے وٗڑھ اَئنتہ دارسے[2]
کلشِس پوٗزا دارسے کر

کلشس پوٗز کر کونگہ تےٚ بینٛدرے
بینٛد رازہ[3] بھوگنے سجے جے کار

کل شَس پوٗز کر پوشو سینی
وشہ[4] نارہِ زامتہِ لسے ہمَ

کلشَس پوٗز کریو ارگھ[5] تے پوشو
سوریو تیہ رسے شوسداشیوہِ

پوٗرسے[6] کھوٗت کھوسریے دیشو
ڈورسے کرہ یو نمسکار

---

۱ سنتان ۲ ماں رہکھ ۳ ہندو دیومالایہ موجوب رُودرک دیوتا ۴ اکِ قسمک بانٛزہ ترٛیشہ گل ۵ نوٗنُل تہ وشکہ یکہ وٹہ کرِتھ ۶ مشرق

ژٕ تہٕ چھکھ سارٕنی پرانا ویشو[1]
سوٗرِیو تیٚہ رے شو سدا شیو

سیتایہِ او سُم سوٕ ہ سُند کیشو[2]
کھاُرِتھ تہٕ نیٚہ ہِم ڈٕنڈک ون

رامہٕ جو لچھمن تس سیتہ ڈیشو
سوٗرِیو تیٚہ رے شو سدا شیو

کنکھاُرچھے یہِ وَنہٕ کیٚو رے شو
کھاُرِتھ تہٕ نیٚہ ہِم ڈٕنڈک وَن

بیٚتھہٕ نے ہمالہٕ پربت نی شو
سوٗرِیو تیٚہ رے شو سدا شیو

واسدیو راژنہٕ درمہ یوہ روشو
جایہِ جایہِ لاگٕ تھم دیوان خان

ژندنکی دروازہ تہٕ مہ نختے یوشو
سوٗرِیو تیٚہ رے شو سدا شیو

---

لہ زندہ تھاون دول ۲ؔہ بھگوان رامہٕ سنز زنانہٕ ۳ؔہ زلف ہیس

کوتر بچھو کوٗر بول بوشو
کوتر چاٗنی چھم دِوہ گونس پیٹھ

شیرسٹس[۱] لاگ یو یوسمن پوشو
سوٗریو تیہ رے شو سداشو

ژترہ پھوٗلہم دِرکنہ پوشو
گوشن رٹ تھم جنگلن جاے

سوٗنتس نور رہس چھیٹے پوشو
سوٗریو تیہ رے شو سدا شو

آدنہ پھوٗلہم بادم . پو شو
گوشن رٹ تھم برینزہ جاے

برگ[۲] چون چھوت تیے میوہ چون خوشو
سوٗریو تیہ رے شو سداشو

بیٹھے بانہ پھوٗلہم ژرنہ ژیری پوشو
گلے پھوٗلہم تہ ژیری بیوے ناو

---

۱ کلس ۲ خوش یوس . قافیہ برابر انہ بابت خوش یو پیچ دلیمژ شکل .

میوے چونٔے دِیُونٛہن خوشو
سۆریو تیہ رے شو سداشو

سونتے پھوٚلہم زٕہ تہٕ ژُونٛٹھی پوشو
گوشن رٔٹ ہتھم کُلس بیہِتھ جاے

برٕگ چون سبزٕ تے میوٕ چون خوشو
سۆرِیو تیہٕ رے شو۔ سداشو

لنگے پھوٚلہم زٕہ تہٕ ٹنگہٕ پوشو
گوشس رٔٹ ہتھم بیرٕ بیرِ جاے

پھُلے چانٛز ڈیشِتھ دِل مے توشو
سۆرِیو تیہ رے شو سدا شو

ڈٲہہ[۱] کے پھوٚلہم کوسم پوشو
گوشس رٔٹ ہتھم تھرٕ بیہِتھ جاے

زٕہ تہٕ چھک ٹھوکر صاۓ بس نشو
سۆریو تیہ رے شو سداشو
ژٕٹھے[۲] پھوٚلہم گوہ لاب پوشو
گوشس رٔٹ ہتھم تھرٕ بیہِتھ جاے

---

۱۔ ہیتگ ناو ۲۔ جیٹھ ریتھ

برگ چون ووہ رُل تے مُشک چون خوشو
سوَریو تیہ رے شو سدا شو

انہِ کتھہ کنہ سیتو کرِتھ نالہ مَتی یے
شری سرسوتی[1] یارہ بل وَس

یارہ بلہِ کھرٔ کھے شیرانا کرِتھ
دھیانا سوَر یتھے برتھا[2] سند

ڈنڈک وَن کھٔر کھے نارِی نارِی
دیوکی[3] مالی ترنگاہ گنڈ

ترنگس جانَس تاہ گو تھوَد یے
وَن تے مالنہِ لوَدیے کیا

آکاشہ وُتھ کھے ئیندرہ گرہ ژ ایکھے
آئیکھے رژہ رژہ کامہ کرہ نے

دیوکی ماجی ھیرہ بی پٹی کھے
مُرِس ہیتیت یتھے رتنے پھلنگ

---

له علم و فضیلتچ دیوی سرسوتی ۲ه اکہ میوک ناو ۳ه دیوکی اوس کرشن بھگوانہ سنزِ ماجہ ہُند ناو۔

کرشن جُونی ورگس ژایکھے
آیکھے رژہِ رژہِ کامہِ کرنے

ڈھیکہٕ وُن پھیرُن موہ کھ گیتھ دُروےٚ
سوکھ سیتی تیٚز من بائیِ سےٚ

ٹیٚکی[1] پوژھ یانہِ چھک نالہِ پیپھٹ کھاران
یانہِمس[2] چھک کران لولہٕ متہٕ لاے

چھایکھ[3] مائجی چھایکھ چھُےٚ
نوش چھک ہرِہ ژندر رازائنی

دیوکی اُڈز تھےٚ موہ ختے تھاجی
شاباش شاردا مائجی ہے

بھِشمکھ رازِنی[4] دُرہی بھتہٕ پاران
دَشرتھ رازِنی وتہٕ ششیران

---

۱ سیٚندرہِ ٹیچہ تراوِتھ پوژھ ۲ یانمُ کرُن گو ژھوہ دِیُن ۳ مبارک
۴ لفظِ دُرہی بھتہٕ گژھ دراصل میانز کنز "دُرہی بھتہ" آسُن۔ یکیازہ کھاندرس
پیپھٹ چھ کورِہ ہندِ مالِنز سازی انگ اُشناو ہیتھ کورِہ ہندِ گرِہ دوہ گونس
پیپھٹ گژھان تہٕ کورہِ مہرازس یا مہرِینہ پوشاک نوان۔ مالِنز پھلکی سازی
لُکھ چھ اتہِ کھیوان چوان، مگر ژھیٹن چھ پیوان پونہ دِنی۔ (م۔ ل۔ س)

دُرہی بھتہٕ ناوے رُز گیہ وُٹھِتھ یے
برہگ آیے کوتر کھیٚنچِ یے ہیتھ

تتہٕ درٛ اییے سُلہٕ تے رتھ وے مانس[1]
یوٚت واٗتی سائرٛس تھانس پیٹھ

موٚرختچہ رٛزہٕ تے عطرے توے
ییم آیے لولے برمرٛزری توکھ

ییم دِی دُرہی بھتہٕ واجنہٕ آییے
ہندوستانچہ رازہ بایے

دشر تھ رازنی شامہٕ سوندری کورہی
رامہٕ زٛندر اویے دُرہی بھتہٕ ہیتھ

نبشٚس[2] پیہ نروٚسس پیٹھ پیاتکھے
کورہِ ہُند آیکھے دُرہی بھتہٕ ہیتھ

تیل بھوٚل وتھے زٛندن گُل زویے
بب تہٕ موج اویے دُرہی بھتہٕ ہیتھ

---

[1] اکہ قسمُک ہوائی جہاز۔ ویمان [2] مزہ، لطافت

حبہ کدلہٕ ترٛوومے دُرۍ بھتہٕ ناوے
پاٹھۍ داوے لمٲئے مے

سعہ نہٕ ہنزہٕ گارٕڑے رٕشہ یہٕ ہندۍ گنڈٕ یے
بێنہٕ یے بوۍ ہے اوٕے ہٕنڈٕ یے ہیتھ

اُدرِس تو ملس موٗدرٕرے واسا[1]
ییتھی یے مالِنٕ آسن تہٕ کیا
واسدیو راز نہٕ ہوگے[2] والے
روگے چھانس موہنیو سوز

واسدیو راز نہٕ ژندان دارو
چھانو ہیرہ ہن ورائے گر

چھانن ژندنو رٕژ ہیر گرٕ یے
اَڈٕ کورہٕ ہندسن کنہ شرانس رٕکژ
سعہ نہٕ ہنزہ ہیرے رٕشہ یہٕ ہندۍ سنگرییے[3]
ووتھو مانہٕ رٕتنییے کنہ شرانس[4]

---

[1] شہرت، مشہوری [2] یاگوہ، زنگہ، گھوٗرہ [3] ژہ شژان یِمہٕ برہمچاری آشرم ختم چھہٕ کرٕتھان تہٕ گرہست آشرم شروع چھہٕ کرٕتھان۔
[4] تیتھ تہٕ یہ ژوس چھہ بٹہٕ زہٕ رٕژ سات مانان۔ (م۔ل۔س)

کنے شُرانس سنز ہیٚنیوت تُو تھے
منزہ ہیٚنیوت تُو تھے نارایِن

رٕ چھمینہٕ وٕشنوو گنگے وونی
عدماتہٕ ژونٕے تہٕ کوٗرُس کنہٕ شُران

آمہٕ دوہٕ دۄہ بستی گرٕ گرٕ کرہ یو
زامہٕ دوہٕ دۄہ سبتی تن مل یو

تنہٕ ملوٗبیے گگوٗشلہ تہٕ اوٗسےلہ
سرشہے اوسے پشمینہ پوشٕے ہیٚتھ

کنہٕ شُران کرِتھ چھے اطلاس نائلی
وۄشٕ تسٕے ماتا مائلی ۔ بیے

سرِشان شوبتھ اُنٕ اطلاس ڈوٗتیےلہ
رتٕ رتٕ تیے پرادسے ہم

دلہٕ مالہٕ سرِشٕ ویچھ زیرہٕ زیرے
وردنس ہیرسے یٔزاران پچھی

---

لہ کنکہٕ کوٗشش لہ اکہٕ قسمُک پھیرن ۔

سۄزن اۄنٛز شۄبِتھ کیمخاب تھانے
سۄزس کیا شۄبے بِنامے

شوقہ سان اۄنٛزیے ماتا مائلِ مامَن
جامَن پَچھے پوٚت زیبائی

پتہ بروٚنٛٹھ وُپِچھنے واسدیو رازن
مامَن کھور کھۄ کوہ پَچھے کیٛتھ

کنہٕ شراز کرِتھ گورس نِشہٕ ژاکھو
ژاکھو ببہٕ رینٛدرازس ژٕہی

سٕرہٕ یمیو شَن ہرگیہ تازے
کرشنہٕ مہاراجہ لسے ہَم

وُچھِ آکھ گوترہٕ کُنٛھِ بیُوٹھو کھو
ڈیٛ ڈِیُوٹھو کھۄ بھاگے وان

مائِلس کھۄدرِ گورس داپِھنو
وۄنہٕ ژے رٕچھو نے نارائن

---

لہ قسمتہ وول

وٲچھِ وود شلیوٕ ٹیوٗک ووہ زلیو یو
موٗلُن گنڈِتھ زیس کانگنہِ بند

کشمشہِ تھالَن کشمشہِ بوٗک ییے
یکھ وار اَیہِ ٹیوٗک کرنے

شرٕ پھل سیتھ کر آدِہ[1] درشوٗنے
سہ پھل لچھی وأتی نے

واسدیو رازہِ ٹا ٹھے گوٗبرو
واجے سیتھ کر آژ[2] منَ

ناران جُوہِ ٹُے پوشہِ ڈوٗر بوزمے
ژندہِ نو گوٗرمے ووہ من ہوٗز[3]

ووہ من ہرِس زی چھی خانے
دانے دانے ھما[4] سے

اگنہِ[5] وترأ ژمے بڈسے وانے
اگنہِ رازہ یوٗت ییے پانے آو

[1] ہوٗنس بیترہ بیچھِ اکھ رسم [2] کینہہ کھمنہ برٕ ہاہہ فاقس بیچھِ پیِٹھ جیون۔
[3] اکہِ قسمُک کاشوٗہ [4] نارس منز ترأو [5] ہسہ سامانہٕ ییُس ہوٗنس لگان چھُہ۔

اگنہ وترا اُذ مے بارے بورتے[1]
کانٹھ اگنہ گپوہ تے میووسان

اگنہ وترا اُذ مے جبے کدٔ لے
عدلے مہراج صابا نے

سعرگہ ہیپٹھ اُذ مے دیوتا گاڑتھ
اگنہ وترتھا اوہم پانہ ژاڑتھ
اَپارہ اوٗن مے گنپت صاب ژھاڑتھ
وشوامتر[2] ہیپتھ سے ژارنہ ہیوٗکھ

کلین لگرمیوہ تے اَسہ اُسہ وارے
کرشنہ جوٗہ چانہ پترہ تارے گے

اَسہ کوٗز کھاندر تتہ کُس ونہ وۍے
آٹہ کس انہ وۍے منہ ناوتھ

---

ا نکھس کپتھ ۲ پوٗرانن منز اکس رشس سند ناو۔

واسدیو رازِنی کزاکھ تیری
پیرہ پیٹھ کرسے کنہِ سنکار[1]

وُڈنہِ نائس کنارِ مل ییے
گوُری کرہ ییے کنہِ سنکار

خاسہِ گوُری تاسہِ بدل ول ییے انگ نی
ووڈہِ دِمے اطلاس نائی ژندن ہار

دانتہ سپتی سُم کڈا ییے
رُم گنڈائیے نارِ وِہنہِ سپتی

قند آپراوے جل بند گنڈیے
گوُری کرہ ییے کنہِ سنکار

سامانہِ گوُرِ گوجے وارسے
ڈائیجہِ ہوُر گوُرمے وِہچہ برائے

ماجہ گوُرُ تھال ٹوُرمالی ژھانڈی جو وری
گوُری کرہ ییے کنہِ سنکار

---

[1] بٹہ چھ کھاندرس پیٹھ کورہ بانہِ تہ سپنی دوان۔ یم بانہِ چھ دوہ گونس پیٹھ پوُزا کرنہِ ورہ تِتی آسان تہ یمن بانن تہ چھ پوُزا یوان کرنہ۔
(م۔ل۔س)

ستن مہ ہرن ڈھیجہ ہور کس کیت یے
ڈیکے چوئے ہیوت یے چھم

آیستانس کوڑ مے سا یے
وڈی کھین پڑنے واین وائلی

واجن چانہن جرہ مے چوُنے
کوڑہی زون زن زوتان چھک

اہتھ ہے شمشیر بھال وا یے زورے
تہہ سیتی اُسرن[1] وسہ اندھکار[2]

کیتا بو وکھنے سیتی بھگوتی یے
ناران ہیوت یے اُسی نے

برہمن کنیا ہُم کر کو ماڑی یے
سارہی شاستر[3] پوران ماہیتھ

مائی سُند ڈہیجہ ہور نیڑی نے رُتیے
سوہی کوڑہی پوشنے آدھ انت تام

---

[1] راکھیس، ناکارہ انسان [2] غصہ [3] ہندن ہنزہ مذہبی کتابہ.

تتھ تلہ شوبی مہ ختے پھیوت ییے
ناران ہیوت یے آسی نے

آسی[1] بوزتھ پراوہ کھے رت ییے
پراو کھے برتھاسندہ رت سوہ کھ

کرمہ[2] لیکھا دِژ نے بھگوانی رتیے
ناران ہیوت یے آسی نے

رانی رتنن گوٚرمے ترٚوٹ ییے
نالن اندر خوش بوہ سے پھیے

تھالس پریبین[3] لودمے چھوت ییے
ناران ہیوت یے آسی نے

دووری دوٚنے ترہ دار دوٚپھ جھولے مایہ دار
بختاوار گوزبرو گنڈو دستار

ستہ ریش آیہ سون لوت ییے
ہیوت ونہ وُن گوماری

---

١ دُعا ٢ کرمہ لون ٣ کھینکرتم جیزیم دیوتھن ارپن چھیوان کرنہ ۔

ڈیوڑو[۱] واکھاو کھنے رُتیے
ناران ہیوت یے آسی نے

کرمہ[۲] کانڈو کھنگ دھرمک ستوتھیے
ناران ہیوت یے آسی نے

ساوِ[۳] دھان سینتھ پھل منگ رُتیے
شوب[۴] پھل دِیت نےٚ نارآنی

ماگی جائی کنہِ دان[۵] کوٗرنے ہیوت یے
ناران ہیوت یے آسی نےٚ

ماگی زیونے دھنے[۶] ماجہِ گوٗی رُتیے
سہ پھل سینک چون کنہِ دان

دھرمچ وتھ ژے آسی رژیے
ناران ہیوت یے آسی نے

زنمس شوب پھل براو کہ رُت یے
کرمس جائنس - نمسکار

---

۱ پرِیہ، ځوره ۲ ہیندِ فلسفچ الکھ لنڈا۔ ۳ کوٗر بخشنہٕ ۴ دولت
۵ خبردار ۶ رُت انجام ۷ کامیاب

دھٔرمہ راژن کرمہٕ رٔکھہ لِچھنے رژیے
زٕمس باندوو کٔرمی آہی

زٕمس ساڑی آیے یہٕ نۆت یے
کرہٕ چ خبر چھنہٕ کاٚنہہِ آسان

یتھ مۍ زٕمنگ پھل میلہِ نیتر یے
ناران ہیۆت ییے اُسی نے

گندھٔروگیونے وُتھو یے نۆت یے
رٔتی رٔتی شوٗب پھل ونئے آیے

اژھرہ رٔژھہ نٔرژان وژھہ یے نۆت یے
ناران ہیۆت یے اُسی نے

زٕنیچ گندٕہ گنڈ اُسی نے رژیے
نو گرہ تھہ ساہتھس اُسی نے

برہمنو دیداہ پوٗر یے رُت یے
ناران ہیۆت یے اُسی نے

---

لہ اکِس دیوتاسُند ناو، ڈیان یہٕ چھُہ وُمبر مقرر کران تہٕ قسمت لیکھان۔
ٹہ دیومالایہٕ منز چھ تند ہارس گندھرب وَنان۔ ٹے واحد، ہیکل کہ نوستارہ
یمن نسبت ونہٕ چھُہ یوان زِ یمند اثر چھُہ انسانی زندگی پیٹھہ پیوان شہ
مدتس، اتھ راشس۔ (م۔ل۔س)

کنیا سنکار کوزنے ژت یے
زیل[1] بوہ دھ چاٹزِ[2] سینی یے
درس بوہ دھ تھوبروٚنٹھ کُن رٚٹیے
ناران ہیۆت یے آسی سنے

گوڈٕنی آو پٔریشو رٔتس سانہٕ ہارے
شوبان تٔرتہٕ[3] نیتھر بھسمی رنگ
ڈیکس پیٹھ ژندرمہ چھُم اچھ داڑے
ہارے چھُ کنیا سنکار

باٚژ سۄمز برہمن رٕکھ[4] کُو مارے
تاژ شینچھ وأژس نارانس
بوٗزِتھ ناران بروٚنٹھ ڈراو ہارے
ہارے چھُ کنیا سنکار

نارہٕ کاپہ پوٗزا کرنہٕ بیٚچھا یے
دھوٗپ دیپ الگ پوش ژندن ہیتھ

---

[1] عقل، سوچ [2] صاف [3] وتنہٕ چھُ یوان زٕ شکرس چھِ ترہٕ اَچھی، یمو منزہ اکھ ڈیکس پیٹھ چھس، یہ اَچھ چھُ [5] تمہٕ وِزہ مُژران یلہٕ کرودھی گژھہ [4] رکھمنی [6] ڈُیہ پُیس، جنکان منز آسان چھُ۔

بۆڈ ور دِتم بوٚ گرٕ ہر دارہ کالیے[1]
ہارسے چھُ کنیا سنکار

بڈہِ ماجہ توٚدیۓ پرییٚن تھالس
باسمت پوٚلاد چھِترسے ہور[2]

ہشہِ نوشہِ آسے اژھے رژھے
اُگنس کھرٛاسے پرییٚن ہاہیتھ

واسدیو راژہٕ قابِل گوٚبرو
ہاُبلہٕ[3] بیچھٕ تھو اَنے کن[4]

واسدیو راژہٕ وِشوا مِترو
پیترن[5] تھاو مالہِ انے کن

آگاشہٕ وِگنے[6] رُتھو کھرٕ پھیران
بخِ تیمن[7] پیچھے منگان بھاو انا[8]

تھزرسے بیچھ چھے سانے وارے
سنہِ وارِن ترٛاو مالہِ انے کن

---

[1] اکھ شہر یس بھگوان کرشنن بسوومُت اوس [2] اکھ داں ذات
[3] درمن [4] بھنہٕ، کھینکُ کانہہ چیز [5] موردہ۔ مودمتو [6] اکھ
غار مادی زُریات [7] خدا دوست [8] لول، محبت

کل شچہ[1] لوٚہ سیتی سارٕی پاپ وسنے
اگنچہ پریوٚہ سیتی پرہزلی زسے

کل شچ لوٚہ ہیٚش پانٕہ نار آنی
سیٚود روز سارنی در شے نس

اگن وفہ راوِتھ اتھ پھوٚل[2] ہیٚو مالہٕ
کھیٚو مالہٕ پادشاہ باغچ دچھ

کبیر[3] جی یوگنڈ مژر کوٚہ چھے
باگر دوٚہ ژھے دوٚہ ژھے دیار

سوٚہ[4] نزسنزرکیے روٚہ پیہ دی دچھنے
ووٚنی ژے دچھنے ناراین

دچھنز دژتھ مالے دچھنے زسے
آیے تے اروگی واتی[5] سنے

---

[1] ہوٚن موٚہ کلِتھ یوٚہ سپان لوٚہ گور حاضرن چھ دوان تمتھ چھ وَنان کل شہ لوٚہ [2] شہ توٚمل نتہ وشکہ یُس نارس ژاوِنہ چھ یوان تتھ چھ وَنان اتھ پھوٚل [3] بھگت کبیر [4] دکھنا، معاوضہ، مزدوری [5] صحت صحت مندی۔ (م۔ل۔س)

برہمنن دِتھ مالہِ وستر وٕاسا[۱]
اَتھ نے رُمے رٕیشہ نےٚ آسے

گورس پوٚشہر[۲] گورہ ماجہ پوٚٹیے
لالوٗ ترٛوٹ چھےٚ شولہٕ ماران

برہمنن دِتھ مالہِ بدلیتھ تراماہ
سوٗرہ گچھ کاٗماہ سانپنیٚ یو

برہمنن دِژ نتھ مالہِ روٗہ ییہ تہٕ موہرے
شُہرت سپنیٚ ترین بھوٗنَن

اَز ژہی سپنکھ بِترے مے گے
بیٚندرے دوہ گون پرٛ دوٗ تھم

وردٕنس جائِنس سوٗرہ بھتہ کاری[۳]
ہارِ چھاوُن پزہی نے

وردنس جائِنس سوٗرہ تُند ٹیوٗک یہ
دوہ تھی ڈیکہ بجٕریے لگنس کھس

---

۱ ـ پلوٗ، پوشاک ۔ ۲ ـ جان زادر ۳ ـ ٹہ پہ کام

وَرِدُنَس چانِس سۄتہٕ پٔندرِ زُرِیے
رٕہ پٕرِیے یِژھِنے چھاوونِے

گگٕنَس چانِس زٕ اۆجِ ہۄ زٕرے
گُرٕ گوٗرِ بیٚوٗٹھے سۄزٕرِ وان

پٹارٕ کَڈِتھ گگنے گنڈٕ ہم
ستارٕ بُلند نیرٕ ہم

ڈٲے موہرٕ ڈٲنجہِ ہوٚر گوٗر ٹے بب گوٗنڈی
چھاوہم تٕر سۄندری کرے ہوہو

بازرٕ اَنٕز مے پھَلِ لٕہ تٕر سِیے
گوٗرِ وارٕ وارٕ ملاٗیے

لندن گیَس ژٕندَن ہٹ اَنٕز مے
نتھ گرٕ نأو مے کنگنے ہسن

کنگنٕز اَنٕز مے چھانے وانے
موخٕتے دانے وُراءٗ سے

واسدیو رازٕ نٕہ چھانے وانے
گوٗرچھک دیوکی ماجے ہنٕز

رِکھمنہٕ اُذنے گرٛھت تہٕ پانے
مہ سٕنتے دانے وُرائے سے

کنگنے چانے سمہٕ نہٕ سِندی بُرُویے
ہارُی لیو کھیے وِوا[1] کار

ژندہٕ نوہ کنگنے زُبھ وِالاۓ یے
اَبھ[2] پارائیے پاٹے وٕی

رُم چھی زاکُہ ژُم سیزہ ڈرایے
شارِکا اُسی وانکہٕ پارِنے

وانکہٕ پارویے رُہنی رُہنی
کوے چھک گمہٕ نی گُو گرٛھان

وانکہٕ پارویے پھکُلہٕ تہٕ رہا ہیے
یُورٕی ہے ہیہٕ یچون ارزن دیو

رنچہٕ رنچہٕ زاکُلی وانکہ پاڑہٕ پارویے
تارِۓ لوہرک بُوہری ساز

---

[1] کھاندر [2] سہ پن بُس ڈیٹھ ہارِس منزٕ چھُہ تار نہٕ یوان۔

واسدیو رازنۍ گوٗرہ سوندرۍ یے
پھوٚل ہے ڈیکہٕ تے از لے لون

ناگٕ ترٛاوے کھاٗلِ مالہٕ وڈٕہ دِمے زرٛۍ یے
پرٛیے وانکے پارو یے

ڈالہٕ وتے توسہٕ تے پالہٕ وُچھ نوٚمے
مالہٕ کرے ترنگہٕ تہٕ سیرٕہ کرے پوٗرٕھ

موٚہرے[1] چھلنس وارہ وارہ کرہٕ زیس
اڈبرہٕ مایہٕ گرہٕ زیس اندوند تام
ترنگس چاٗنس تاہ گو تھود یے
گوٗنڈنے بھوانہٕ تہٕ ڈیکہ بُڈٕ آس



---

[1] اکہٕ قسمُک مایہٕ

# مہرازہ سُند سُکھ ران

ہوو رپوسُونیے مۆ ہینیوٗ خبرے
اَسِی اُسی ببرے تُوٗرِ سکھران

گژیِ سہِ چاٗنس عرقہ وانگہ پارایو
چیرِ کہ ڈٕبہ زُولاہ ژالایو
گژیِ سہِ چاٗنس دُمبہ رونگمت چھُے
لاٗلہٕ مونگمُت چھُے مہ ختیے مار

تھوٗد ووتھ سایہ شوٗزین کرنیلس
لاٗلہٕ نیرِ شالہٕ مارٕ تحصیلس

یوٗرچہ دیدہ چھے سہ ہٕ گنزہ کریے
توٗرچہ دیدہ چھے زٕرِیے نالی

ییتہٕ محلون چھُے تُوکھ سہ مبراوان
تیتہٕ لاٗل باغ ووتھ راوان چھُس



---

۱۔ اسائیس

یورٕچ دِیہ چھےٚ ینہٕ وول یٲران
تورٕچ دِیہ چھےٚ ژامہٕ گٔنٛزران

یانہٕ چھُک لوکُٹ تےٚ گرُچھےٚ تھوڈیے
موختہٕ ڈیکہٕ لوٚگُے افتابس ستی

جِگرو لجہٕ یو ماسہٕ بِیٚنیے
یہٕ کٔسی راجہٕ رِیٚنیے زاو

کاٗسنٹھ مال نٲلی چھےٚ کھسن تمہٕ بچے
گُکلہٕ کوتر سنچے زاو

مِہرازہ لالو کوٚت گرٕشہک سالس
آب زمزم چھےٚ پیالس کرُیت

اَنگنہٕ اَندرے ناگ وُزدیو
کرائی بوزدیو۔ مُبارک

نیرہ وِنہٕ گنڈیو ہوا مالے
پھیرہ وِنہٕ گنڈیو پوشہٕ مالے

سالےٚ مو ہینیو کالہٕ چھُہ آمُت
بالےٚ تلہٕ چھے زونہٕ شوزمت

ژِیُٹ ژِیُک رُود پیوٚ بادام وارے
لالہٕ ڈراو سوٚنٛزٕ سٕنزٕ کارے کیتھ

سانہٕ قبیلکہٕ برِیڈٕ مُشٕکی[1] کو
کمیو عشقی قوٚ گِندنے ڈراکھ

گگرٕ سی چاٛنٛس سوٚنٛہ ہاٚرٕ بڈٕرِی
روزتم ترٕ لاگے لیٛڈرِی پوش

سوٚنٛزٕ سٕنزٕ کانٛٹھ مال یتہٕ کیتہٕ مے
راجہٕ سون کھیلے گِندنے ڈراو

کاٛنٛکہٕ مستس سوٚن چھے زیبان
زن چھی روٗمبُل ، آویزان

اشمو اشمو ہاٚ شانٛگر اشمو
چشمن ہٕنٛد گاٛشس وتھراوٕیو
دستارس چھے ڈٕچھنٕ پوٚژھے
یرٛشھت تہٕ ٹھوٗز نے نارٲنی
گرٛانہٕ نوومے کمہٕ قرارے
زین کرِہ ناوِ نتھ شہاٚرے

---

[1] برِیڈٕ مُشک

نابد ترٛاو یو کاشے کاشے
جگرو ووہنی تراو شُرکی باشے

یارہ بُلی یارہ بُلی ہارہ پھُلی سَنزِ یو
روہ نہِ دامانُس پیٚنہِ لگُو یو

چھوٗلمت اَلماس جوٗر مے واجے
یہ ہے چھُم ماجے خانے مول

یہ ہے چھُم راجے رینۂ ہُند راجے
کھسِن چھُس گُر گوٗندو سینٛز رنگہ ناو

برونٹھہ پتو نٹھہ تراوس سرکاری باجے
یہ ہے چھُم ماجے روزہ دٔری دٔری

شیمہ ٹہ گرِ دستار اُلٹہ گرِ تورہ چھے
تمہِ کے زرلے چھے شولہ ماران

دُچھنہ کُنہ چھوہ سائسوتہ سُند چھتر
پادشاہ بیتھر لُسی سنے

---

۱؎ سون، چمک، شوٗب

سۄنہٕ سُند بادم زٕھنیو نالی
دۄہ تھٕ ہیمو مانا مالی سیٔے

سرکارِ بگو چھے برس تل پزاران
در دِل کوٚنہٕ چھی ورٕز ناوان
بڑِ سُند نیچیو دزاو سۄنہٕ زٕزِ ترٲوان
دُنیا دارن کھورٕزِ ناوان

ہو وار چہ وَتہٕ چھُے بونہٕ گُہُو پلی
تانٛی کر تا یہٕ شہُول ییٔے

سَتھ گرِ گُنٛڈی زلیس نیٚبرِ باغس
لالِہ گرٕشھ خبراہ مجلون آو

سۄنہٕ سُند مُرٕشھ بند بندہٕ پھیریو
زٕھاگِس وُریو مۄہ ختے - ہار

بوٚرہ یکلہِ گرٕشھ ہیٚتھ بہُوز کِھنٛد دُورے
ڈیٚزِ کِھنٛد بیب اَشہِ[2] نوٗرے آس

---

۱؎ گنبر ۲؎ اکہِ کأشرِ لوک کہأنی ہنٛز ہیروین۔

یورہٕ ییلہٕ گرٛزھ ہَم گژھہٕ گُنٛڈ بہوٗ زِہم
اچھہٕ دأر اَنِز زہن پانَس سیٖتہٕ

یورہٕ ییلہٕ گرٛزھ ہَم ژونہٕ گُنٛڈ بہوٗ زِہم
زُونہٕ مال اَنِز زہن پانَس سیٖتہٕ

بُڈِہ سُند نیچُو دٕراو بڈہٕ خشمتے
شنگِ اشمتکی دُور گرٛیے

ہاے لالو ژٕہ تہٕ گرزھ سالَس
لالَس منگنے معہرہٕ دِیار

تتہٕ اگر دِینے آکھ کِہٕ زاژِی
دُپر زیٖچھ بأژی ژھانٛڈنہٕ آس

یورہٕ ییلہٕ گرٛزھ ہَم وُچھنٕ ناگ چَھے
لأرِ ہندہٕ باغ چھے پوشہٕ دشٕرون

یُزِی مُنَس حلِہ خنجرے
لأرِ گو پوشہٕ پنجرے ہیٚتھ

یمہٕ چھے پینہٕ تہٕ تمہٕ شہ نجہٕ دِگن
جِگرو لگہٕ بایہٕ دنہٕ وان چھے

ہوٗرٕ گژھنَس ہیٚتھ کیا الجھیو
شیٹھ معہ ہارٕ واڑٕ بوٕ گگہٕ بیبٹھے

یمٕوٚ بن رٔو چھنک دوہ دہ تے دانے
ستے بب گویا اَرمانے کھیتہ

عرشہ عظیمس مکہ مدینس
ماجہ یتیمس کُس بڑٕ لول



---

١؎ پم ہُرُر چھ مأگر یتیم تہٕ ماجہ یتیم ہرازس وُنان۔

# مٲہرنہٕ سازگرٕن

سازہ گرٕ اٲے توٚن زارہ تہٕ پارٕ ے
سازہ گرٕو ساز کرٕ وارہ وارٕ ے

سازٕ ے گرٕو یے بہار ٹھرٕ ویے
شُہار او یٚے سازو چھنے

سازٕ ے گرٕو یے ساز کرٕہی اَستے
ینے روہ پہ دٕ ستے لوسٲ نے

یوٚت لگہٕ سوہ ترس سوہ نہٕ دٲئی گرٕنس
تیوٚت لگہٕ سانہٕ کورہ سازگرٕنس

اُچھن لاگ سوہ رمہٕ تہٕ ژُمن کرٕ کرٕ لوٗہی
گرے روہ نہٕ منزٕ لوٗہی کرے ہو ہو

سازے گرٕو یے وارہ سازکرٕتے
لاگہٕ لول برٕتے مہٕ چھُہ آدٕن

I Love you

ساز کُمیٔ کوٗر یے سازہ گرہ سوٚندرے
لاگے گوٚندرے گوٚندرے پوٚشس

ساز کُمیٔ کوٗر یے سازہ ناٚگاشے
ساز پرٚکاشے کوٗر ژُ سیے



# مہرازہ سُند ہوُر واتُن

رات اُس مٲنزہ راتھ ازچھُ ژُنہ دوگے
گگلوٗ بگہ پوٹ دولُو یے

دُپھان دُپچھان لوسِم لیے
صاحب زادُے ییے کر

وُشکہ وراہِ ہاچلہ تے دانہ کر پوٗرے
ڈوریُک مہرازہ ییے کر

ہأرکھر پنجرساتہ تورہ کُس والِس
اورہ ییہ طوطہ تے۔ بُلبُلہ ناوِس

یُژمنن دیتمت بُرو خطہ اصلاے
اُمٹہ بچہ واتہ سون۔ جانانے

لالُن خط ہے لیکھر زاکُلہ قلمے
لاکلہ ہنزہ ماچہ رأٹی ہُٹس کیتھ

دورِیکھ یِنہٕ وول آرہ چھُ تران
اَمہِ کران مالہٕ چھِ - گوہ لا بن

دِچھ ہے گوم شبراں یِتھ دیواں خانس
یِہے چھم جبانہٕ جانانس کیت

سرِ تلہٕ بانہٕ مانچھ کار آیہ وو
ماہ رازہ پراریو کرو - وانکھ

وَسے ککو نہٕ سرہ کے پچھم نو
اَچھ ہو لوسم کرو وانکھ

گاسنگ لۓ گلہ ہے بوہ زاوجہ مورے
ونہٕ ہے یوسف - دورے پچھے

دورِ چھُ یِنہٕ وول گاہ بوہ دارس
پوشہ ژونگ لھا ونگہ تارس بیٹھ
کدلہٕ توز چھرازہ آبس گوہ گرہ گرہ
اَمہِ دوٚپ رنگہ بلبل ما آو
یِنہٕ وول دورہ ژاو یوٚت اُڈانس
کھوٚت اسمانس گردِ غبار

---

لہ گیس لمپ

کِنہٕ کڈ کِنہٕ وٲج لاے اَسمانَس
خیمہٕ دِیُت رُومہٕ کِس ماۓدانَس

گرہٕ چوٗن چھُم پکان بالےَ بالےَ
گوٗندھا چھُس شوٗبان تالےَ پیٹھ

رَتہٕ مژہٕ نعمژہ کرِتھ بَم سردی
چھُکا بے دردی ژیر کیازِہ گوٗہی

اَستے اَستے گرُ یکہٕ ناد جوٗ
رُمہٕ ہٕ وِزہ ناد جو وضع دار

موٹر کارس سوٗت تیل زالی تو
لالس ہاوِہر تو بجلی گاشس

تَتہِ دژاو شُلِہ تے یوٗت ہے ووت ژیری
ییہے اوس نیرِی پوٗش چھا وان
تَتہِ دژاو شُلِہ تے یوٗت ہے ووت شاہِن
یِہ ہے اوس جامن ۔ ناہ کران
تتہِ دژاو شُلِہ تے وتہِ دِتھ نکِھ یو
سُکھ پو ساءِل کوٗر رنگہٕ ناون

تیتہ دڑاو سُلہ تے وَتہ رُود رُماہ
یتہ ہے اوس جمعہ نمازے

تیتہ دڑاو سُلہ تے وَتہ بوُٹھ کھنی
یتہ چھس پیالہ میٹھ اَنھنی کیتھ

تیتہ دڑاو سُلہ تے پوّت ہے ووت زونے
یوُسف حبہ خوتونے ۔ آو

اپارہ بالے ناد لو یوُنھو
یپارہ اُنی[1] زنہ بوزو یو

دوُرہ ہے وُ چھمے لالہ یوانے
مالن شروُنی شروُنی کرانے

شورہ بندوقن زورہ دڑاو تاسا
لالہ آو لالہ لگہ ساساہیتھ

اسلام علیکم سانہ ماہ رازو
بینہ چانہ ونہ لگی بانہ سازو

بالہ تلہ دیت یو حوُرو ووّنیے
کوہ ہہ تلہ کوتر توّنیے دڑاو

---

1. اُنزِنی

شۆبہٕ وِنہٕ ڈیڑہ چھے اُزو پھُٹرانے
لأله پچھی گنڈی متی شامی یانے
ییزی منس ۔ باکمالس
اکھ بلچھ لوکہ ہے سائلس آو
اُڈی آیے دوہ کھلتے اُڈی رنگہٕ ناوَن
ہاوس گیر آیے کھڑاوَن بیٹھ
وَتہٕ وَتہٕ پھکیو مشکہ کو فورو
عشقہ بۆمبورو وارہٕ وارہٕ پکھ
ییز مَن بائی بروٹھہ نیر لالس
مالس دوتے ۔ خریدار
گرو چھی گنڈس تئے ہمسی طبیلس
کتھو قبیلس پڑاران پھک
گرٕ یکہٕ ناو سائے آیے آیے
ییتہٕ ہب حاکم جاییے چھے
دوہ دہٕ کوہ لہٕ تران داماںہٕ بۆڈیو
سامانہ شیران دوہ لوگیو

یار بأی بیٹھیو تندلے تندلے
پانہٕ چھُک سونہٕ ہنزٕ ہ صندلے بیٹھ
سوٹھکہٕ ہیرہٕ کھوتکھو بٹھکہٕ دِتھ ژھایے
ژھانڈان یور کمہٕ شایے آکھ

گرُ بکہٕ ناو جُو اوٚنگلے اوٚنگلے
بنگلے باغ وَتھرادوأیو
گرُ چون نیلہٕ تےَ زین سنگلأتی
ونتو کمہٕ ویلأتی - آکھ

یار بأسی چھیہٕ مأگ ژھٹہٕ شکارے
پانہٕ چھُک بجہٕ سوارے کیتھ
یوٚت نہٕ چون گرُ تےَ تنیوٚت گرُ پکنے
گرُو ژُمبہٕ سیتی آو باغ وَسنے

سطرنجہٕ وتھری مے کولہٕ ڈنجہٕ رادس
شیرینہٕ سال کوٚر - فرہادس
وٚیدِیے آیے نوزکِ پژھی یے
سوزُکھ بادم باغس منٛز

لاٰلہِ ہنٛزہٕ وٕلہٕ چھےٚ پانہٕ وٕنہٕ والےٚ
کمہِ دٕتہِ آہم - جانانےٚ
کہو چھک وُچھان اپاری یپاری
ژٕہ پاری گوٗلاب لٕٹرے چھےٚ
پانہٕ چھک پکان کوٗ بےٚ ڈٕنجےٚ
لاٰل چھےٚ اوٚبرے لنجےٚ - تٕل
باندٕو کوٗریو ٹبہٕ وایوٗنی
وُچھتو ہوورِیک حبایوٗنی

•

اَندرٕ اَندرٕ آکھو ژاکھو باغس
لگیو پادشاہ دِماغس

•

لاٰلہٕ آو سالہٕ تتےٚ اَسہٕ ترٚنےٚ تراوون
اَسہٕ ہےٚ لٕکہٕ ناوون منزِلس منز
اَسہٕ چھی ژرےٚ سیتھ نالی نالو
خانےٚ مالِنیو اَسہٕ روٗدےٚ ہاو

گوڈِہ آسے ژرژِہ منز ۰ آسے خبرے
ازہیے آیے بیرِ سے موول کرنے
وو تھ دیدی آلہِ وُس موخنہ جالاسے
لالہِ وُچھ کمہِ قسرارسے آو
سانہِ وَتہِ چھُوِ سائے سوون چھکراوِتھ
دِل ٹھہراوِتھ پکی ۔ زسے
سانہِ وَتہِ چھُیہِ سائے سیمِٹ کرِتھ
قیمت مَنگان ۔ گُزر وان
سوون چھکائے یو گرِدسے گرِدسے
پرزی یائٹھی راگے اشدُ چھُک
سائنس لاکس اوّور کوٹ نائلِی
گورنر ہیچھ آو سائلی یِیے
لَنجہ بِیُوٹھ بُلبُل زچھا مادَسے
ازہیے آو وادسے ۔ برابر
دیدی ہیے رازہ ہوشِز بیوِ ٹھے کُنہ دائرِ یے
موتُوم کرسے یہ کتے ۔ آو

بُوٹس پیٹھ چھی پتلون ژٔرِ یے
ژٔرِ کمیو پٔرِ یے ساز کوٗرِ نے

آنگنٔ ژامم کھسٕ وٕنہٕ سرِ کرِ یو
پٔرِ یے آنگنٔ وٕنہٕ وان پھُٹے

یارو کوٗرِ یو دوٗہ دٔس گٔلے
رنگہٕ بُلبُلو داماہ چے

یارٔن چانین کینہہ نالوگ چارے
یار چانٔی چانہٕ امارے آیے

یارٔن چانین دیارے مشکے
یار چانٔی عشقے گِندنے آیے

یارٔن چانین دیارے ۂلیے
یار چانٔی دٔسہٕ ولِوٗرِ یے آیے

چمنن سنگ دِتھ ژٕرمنس ٹٔلیے
گلزار پھٔلیے پیمبر زٔلی یے

مأژی ماجہ کوٗتہ ڈٔنکھو سورتہٕ سانے
سائلم روزنہٕ دامانے ۔ ہیتھ

بَجہ وَتہٕ کھوٚت ہموٚتل کنٛز کھیوان
بَرِ بتٕن بیٚنہٕ چھے وٚدہٕ زالان

اَپارٕہ بالِچ کلہٕ کوترٕ سیے
یپارٕہ بالک لالہٕ ہیے اویے

ماہ رازہ ماہ رازہ ساس ماہ رازے
سون ماہ رازہ چھے شاہ زادے

سائٕلس آدٕہ سأے بیٚتھ برِتانس
لالس کیتھ دہانے ۔ چھ

پادشاہ باغک راجہ چھ آمُت
ماجہ چھ سوٗزمُت لأل وُچھنے

پیوِ سأے لوٗکو وُچھو سأے پانے
یہ ہسأے بہ سُند خانے مول

اَسہِ آیے پَرٕژھی تےٚ پوٚرژھ ہے خداین
جایَن کروے پوٚشہٕ وتھرُن

ہاوسہٕ گنٛجہ مے پوشہٕ مالے
یاوتہٕ چھاو تو میانہٕ لالے

یوٚت آے بٔڑی بٔڑی حاکم سالس
مشیرِ مالس کورہٕ ییٚنہٕ وول
لوکٹ بیر منہٕ لوتہٕ لوتہٕ مو بیکھ
یِتہٕ ہیو منگنے کھَتہٕ چھتہٕ دِیار
اَتے وُنی تو کورسے مأرِس
پوشہٕ یُنہٕ وأرِس کتہٕ چھے جایے
تِلہٕ وتھر وومُت وتے وتے
لالہٕ ہیے شامہٕ صوٗرتے آو
یژمُن وَنان یژمُن باسیے
آدرِیج پھُلیا جان دِرایے
نِکو نِکو موہ ختہٕ پھُلی لدیو ڈبہٕ سی
لالہٕ آو ہووُر شب سی بیٹھ
لأِلہٕ ہِندہٕ یارہ بلہٕ شیشن گگ چھے
یُنہٕ ہسأے لگ چھے نمازے
نأِلی چھے مالہٕ تہٕ یِمہٕ کمہٕ حالے
یِمہٕ چھے ببہٕ سِندہٕ اقبالے

درِ دِلہٕ کیا زہِ چھک ڈیکہٕ ژٕکرادِتھ
وٲنِج رٕنیہِ تھٕمَ کتراوِتھ

دیواں خانُس شیشہٕ دارے
ریشم خانکی پٕژھ ہے آے

سالران کھسِہ پٕچھے کمہٕ رنگہٕ ناوے
رِیشم چھُہ وُڈان واوے سیتی

سانہِ یارہٕ بلہٕ چھوہٕ قند بلہٕ ناوِتھ
اُتھہٕ پلہ ناوِتھ بُتھ چھلِ زٕے

نابد ژور مے پھلے۔ پھلے
بوٗمبرٕ بٕمبر زٕ لے۔ آو

شیشے مجمن دودہ کی پیالے
دٔیدی ہے لالہٕ ہے سالے آو

امیراکدلُس سعہ بٕنہ دروازے
رگلہِ آو دِلہِ ہُند ماہ رانے

آنگنکہِ ژندن گلہ اندر کنٕ روزسائے
ییٚز منہِ بوزسائے۔ موٗبارک

آنگنہٕ اَندرے ناگ وُزدیو
کرانٛی بو زویوٕ ـ مُو بارک

دیوان خانس ژندن درواز بے
سۍنہٕ گورہ موختہٕ ماہ رازے آو

دُورے آکھو دَرُودہٕ پَران
ببرے لَنجہ سیتؠ واو کران

برہ اژہٕ وونے کرسیدہٕ داتا
لچھی ماتا زے نبہٕ آو

پَلہٕ دار پونبرِ پوٹ گوروشن
ذرہی دار موٹنے خریدار آو

سۍنہٕ واج لاگ ساٹھی متھ
لالہٕ آو سیٹھس کور منگنے

رُمہٕ تیٹھ کیا چاٹھ ہمہٕ کماسے
عالم کوٚر بھس دیوانے

دُورکی پرٛژھی ہے آیے پنجہ بھنادی توکھ
لَنجہ سان بادام پلہٕ نارکر توکھ

بَچہِ وَچہِ کھوٚت ہمو بَچہِ صُبہ وارے
راچہِ سُند گرٕہا پچھٕے سوارے

تیٚلہِ کوٚنہٕ آیے وٕہ یتھ بازارس
یُلہِ اُسہِ تِلہِ اوس پاٴزارس

جگرٕ اسہِ اوس تمنا چونیٚ
سونیٚ آکھو روزاٴ سنے

اُسو نہٕ ساٴ لگھو تہندین گامَن
اُسو لگو پینہٕ نیو ناموٚ سیتی

سوٚنی ژاو آنگن جاگیر گامَن
جامَن وٕچھو توس زیباٴیی

سوٚنی ژاو آنگن سعہ تہٕ یتہٕ ہُوتے
سوٚنِس موہ کلیو اَتے گتھ

آنگنس ساٴنِس خام وَتھرٕنیے
نامدار گوٚ برٕہ مول آنگن ژاو

آنگنس ساٴنِس موہ ختہٕ وتھرونے
بختہٕ بوٚد مہرازٕہ آنگن ژاو

بُوٹُس چیانِس سۄنہٕ سُندٕ رفیتےٚ
ژٕہ کمیٖوٕ ہیتےٚ آنگن ژٕ اکھ

آرے بٹھٕ بٹھٕ طوطہٕ لوگُٹھوٕ
ییتہٕ زوگُٹھو فیتی[1] گگلے

اتھ دیوان خانس دیوداری ٹھم ہے چھی
وُچھی ووٚزٕ کم چھی محلُوسے

تھہ ہہِ تے اَسہِ کرٕ پانہٕ وائی دُوستی
پوستینہٕ نَری آے اُلرادان

سۄنہٕ ہشرٕ سَدٕرے رٕہ پہ سندی بغل چھی
ژٕہ ہا ہچھک موغل بچہٕ کونہ وَنٕہ وُچھے

بچہٕ وَنہٕ لُھوت ہمو پٕرہ گُولی کھیوان
ونہٕ چھے حُورہ لاٰل دمدٕ جیوان

دُورہٕ آو لالہٕ تے گگنزری قوس مالے
پریٕژھ توس کتہٕ گُلالے آکھ

بڑے گامکہ صوبیدارو
ژٕہ ہسا شُوبی نُوٹِی سیتو

[1] ؟

اَتھَن چھی اَتھہٕ بینہٕ کھوٚرَن چھی کھوٚرے
ژٕہ کمیوٚ سوزے آنگن ژاکھ

دفترن اندر سے چھِٹھ لیکھہِ ناویو
افسرن سال کرہٕ ناوٲیو

ڈبلَن تہٕ خامَن کھٹس کرہ ڈیٚڈی بے
خَس کرِی دُنیا دارہے آئی

دوہہ سِہ بیٚٹھ پوشہ لَنجہِ اَتھ پلہٕ نوو تھَم
ژلیشہِ کمنہِ دِمیو آب زمزم

لالَس شوٗبے لال گُلہٕ میٹھے
سال چھُس حضرت بل وَسنَس

بجہِ وتہِ کھوٚت ہمو کھراوہ بدلاوان
پہ چھیوٚ چِہ بب ہیٚنچھہِ ناوان

لالَس شوٗبے قرآن نالی
عالی جانبہِ گاٲبا رو

سیٚن کیا رَنیو لاوِی دوہ دہٕ وانگن
کامہٕ دیوٚ سوزے آنگن ژاو

رِتھُین کیا رنیو شالہٕ مار گرُن
لالہٕ آو دُورن گرٛایہٕ ماران

ڈٕلکس بیٹھ چھُپہٕ ساسوٚنہٕ سُند بادم
نظرے آدم دُور گرٛھی نے

دَشہٕ دار پوٗنبر پھپکہٕ بوٚن تراُوساے
ہاوساُ دُنیا داگری سیٚیے

مدرسس لُرٛکس چندس منٛز باچے
یہٕ ہیٚے منگہٕ نووُے کورہٕ ماچے

ژاُوی لین حبامَن گردِ ماپٕٹیہٕ یو
دردے اُسی سُلہٕ تیٚز ہے

یورہٕ کھسہٕ وُن ہا چھُے کھشو کہٕ ہا کے
سعدن مُبکہٕ مُبکے چھکاے یو

تورہٕ وَسہٕ وُن ہا چھی زالے کُنڈے
لالو مالَن راے چھی کرٛی زے

مہرازہ لالہٕ دل تھَو تازے
سازہ رُوس ماہ ریٚنز شولہٕ ماران

سطرنجہٕ ژھوچہِ تےٚ قالینہٕ زیٖٹھی
باغَس بیٖٹھی سودا۔ گار

اتہٕ دپ دایے ہیٖرن کرِ مایے
کوٹھہٕ دار بایہِ آیہٕ سالس سوٗن

دوٗرِ کی پڑھی ہے آے وارہٕ پرزہٕ ناوی توکھ
خانہٕ باب صابن وٚتھہٕ ہاوی توکھ

دوٗرِ کی پڑھی ہے کھورہٕ نَنہٕ واری
اُتھَن کیٖتھہٕ دودہٕ ژٹہٕ واری یے

اَز ہے چھے شادی دوٚن دربارَن
دِل ہُشارَن ۔ مُبارک

کھورَن چھوٚہ سا تلہٕ پازارے
ہیٖرَن کھسیوٚ سا آوارہٕ وارے

لُچھہٕ دول گوٚبرہٕ مول کھوت سانہٕ ہیٖرے
شرمدار کورِہ مول بٕتھہٕ نیٖرے

بَرہٕ اَژہٕ وُن چھےٚ گاش درہٕ وُنے
ہیٖرہٕ کھسہٕ وُن چھےٚ مَنندہٕ چون

پَندہٕ کڈٕ رٕتہٕ پیا قندہٕ پھلِہ کھیاوَت
بالا دَرٕہٕ پیٹھ بیہناوَتھ

اَنِزٕ کیازِہٕ بیُوٹھہٕ ڈوٗنی کُلی جوشَس
یوٗرِی وٕلِہ شالہٕ ماٗرگوشَس پیٹھ

اور کور بیُوٹھم ویرٕہٕ سبزارَس
رٕگہٕ ٹوٗری لاگے دستارَس

سَتھ سیر سعٕدن چھیٚے گرٕ گرٕہٕ نلٕی چیس
لالہٕ بیُوٹھ شالہٕ ماٗر دٕرِی جیس پیٹھ

یِز مَن بأی کرٕ میہٕ مصلحَیے
بیمہٕ گرٕہٕ وأنِج وَزٕھ یے تراو

یِز من بأیِی ڈوٗکھ دِی ژندنَس
کرِی اَکہٕ نندنَس گوٗندہٕ سیٖتی واو

قہوٕچینٕہٕ اَلہٕ پیٖپہٕ گرُتنٕہٕ نالَس
رِٹیوٗ رٕتہٕ پیٚٹھ جینٕہٕ پیالَس کیٚتھ

سماوارَس گیٚنجِہ تارٕے
پھِرِن وول کمہٕ شہارٕے آو

سالہٕ آے دفتری پیالہ برنآوی تو کھ
دوہ دہٕ کھنڈہٕ سینۍ اسہٕ ناوی تو کھ

قندہ ہاری قہوس گُرچہٕ دوہ زآلِی
قہوہٕ چینو آلہٕ زآری زآری یے

قہوہٕ چینۍ جگرو معدہ چھے آوِیل
سادہٕ پشمینہ کھوہ تہٕ زیادہ زآوِیل

ییزیے مائینہٕ پیرے گوبرو
شیرینِ کھاریہٕ حاضنی رے

ییزے مائینہٕ وزیر گوبرو
خضر کھاریو حاضنی رے

ییز من بائیی تھنی تراو چاپے
چینی دی شاہے یوسُوفس

کھینون بو دِمیوہ گُلہٕ دُپیازو
زنگہ روقن وَتھرآ وائیو

نیلے ناگو آب دِیوِ جاری
ہارہ ہندی دآریو اُنھہ پچھٹران

---

بلہ بتہٕ دِتہٕ بروِنہہ ڈکنیتھہ کھینہٕ خاطرہٕ دِنس چھہ حاضری دِنان۔

اَتہٕ کُس چھُوہٕ سائے بھَتہٕ پلہٕ ناوان
مٔنزٕ پلہ ناوان روغن جوش
ہووریو مأرِی یو سَتھ ہَنڈِی کالُس
اَکھ تھَو یارِ گو لالُس کیُت

اُسی ہَسائے کرِہ ہو شیٹھرِ کابے
گوڈٕ وُچھ شیخہٕ سٔنزٕ کتابے
سَتہٕ سٕنہٕ بھَتہٕ ترأم کرٕ چاۓ ڈالِی
چپانے باپَت لألی پیے

زٕیہٕ ہسائے شُو بنے سَتھ ہَنڈی کالُس
ازی کُس سالُس گُذرانہٕ کرٕ

اُسی ہسائے کرِہ ہو دوہ دہ کی ٹُوری
پیرہٕ سٔنزٕ چھَینہٕ منظوٗری پیے
اُسی ہسائے کرِہ ہو سعہٕ ترکأرِی
کیا کرِو وَقتَن مأری پیے
اُسی ہَسائے کرِہ ہو کٹَن بریانے
چھوکُر مازَس کرِیانے

اَسہِ روَن پولاو اُلٹن دیگن
شیٹھن لاَزِم دارَن کرییت

ڈایہِ کھاَر اَلہِ دِزہ منز بوج خانس
منزکا پھیور ییتھ گُلستانس

دوہ گ دی کونگس تےَ کونگہِ کس بیالس
یہ ہےَ چھم خانےَ مالِس کرییت

ییتھ نساَ گرٹھی یو سالہِ ملالے
ستہِ دوٕہی اں تھوَ پھرہ سالے

اَسہِ کرٕ توہہ کرِژ اَلہِ ترکاَرِی
مالہِ سان کھینیو ساَ ساَری ییے

اَسہِ کرٕ توہہ کرِژ وینہِ ترکاَری
کھینہِ پاٹھی کھیو ساَ ساَری ییے

اَسہِ کیا توہہ کرییت روٗنمت آسے
ڈاےَ دوہ گ دی تو سہ گرہ داسے[۱]

---

[۱] اکھ داں ذات

بسارِ نبی چھوہ ساۓ کورہ تہٕ گبر
سبے رُوزی تو خبر دار

سالہٕ بھتہٕ ترامین دودہٕ کی رُبیے
اَسہٕ کوٗر حضرتِ نبیُس سال

سالہٕ بھتہٕ ترامین پیٹھہ توا سے
دودہ گلاسے پل نادی تہٕ کھ

ژادِرہ جورسس ییر گو پٹھنی
اَسہٕ گوٗر کٹنی روغن جوش

ژادِرہ جورسس ییر گوٗ ماولین
اَسہٕ کوٗر ژھاولین روغن جوش

ہا میانہٕ لالو ژیہ کتھ مٲل چھے
لٲل چھے پشمینہ تھان ولی تھی

دودی والین سدری چھے نالی
مدرس لرٹ کنٕ سبٕ ہوران

دُھٹ جایٔ رژہ پھلی دید ہارہ نژیے
لالٕن گرٹیے بھتہ پھلی کھیے

سالرٕ سانہٕ چھُوہٕ سوالے

گرِہ کلامے رٕٹ کرٕی زٕ یہٕ

وحدہُو لاشریک زانُن گُییے

یِزمن بأی گوٚیے وٕنہٕ وُنیے جان

لاالٰہٕ کُٹھ گرِٕ شمعدان زالُن

کورِ ہٲنٛد بور گرِٕ نکھہٕ والُن

# نِکاح

وزیر کوٗری کھوٚت یے ٹارے
خُضیر بیوٗ ٹھے دارے پیٹھ

بادام کوٗری کھوٚت یے ٹارے
آدن بیوٗ ٹھے دارے پیٹھ

تاڈٕ نو اژی زے سرفے اُلس
گوڈٕہ پڑڑھ مالس کیا لیکھنے

آیہ وَے دُچھنے رُوزی تو دُورے
ماہ ریٖنہ حوٗرے گرم ہے گو

لالس نیندر پیہ ہوورہ گرے
کھوورہ لرے وزی ناڈی توٗن

ہوورہ گرے راتھ لجی یو
ذات می جی یو کوتور[1]

---

[1] کوتُر

نکہ ہس بیٹھی ہم دوہ مہ رائیی
کوری بب حیون رائصنی گو

نکاح کاکدس میل پیےیی یو
نگل زی نیتھو کوتارو

سوہنہ سنر کائنظ مال ترأوے نائلی
اوبرہ تلہ ڈرایکھ ہی ہائلی یے



# اَستان گرٛھنٕس

نوٗرالدین صائبنہٕ نابد نمبلے
عام تمبلیوٕ مُت دیدارس

نورالدین صائبس اَندٕ اَندٕ یارے
اَسی آے جنتچہٕ دارے تَل

نوٗرالدین صائبس اَندٕ اندٕ بونے
سازَس رٕشنے وَزان چھُس

جنتچہٕ ہارے دِل گوم تارے
مُژراَو دارے عزیزو

برٛہٕ اَژہٕ ووٗنے کلہٕ نوٗمراَوٕ زِیم
ہاوی زیٗم مائے چھُئے مہربان

برٛہٕ اژہٕ ووٗنے دِچھِنہٕ کنہٕ دائر چھے
ماٗمَر چھے پٕژاران دیدارَس

دوہ سے دیوارو پیٹھ ولو ناگو
آغو ژوزی زہ سس مہربان

نورالدین صاب بہ رنگہ منڈورے
بلبل جورے ہاوے دیدار

نورالدین صاب بژ کھسہ وہڑی بونی
اسہ وین حیا ناداریے اوے

نورالدین صاب بو اتہ بیہہ عدلس
اسہ دیو کہ لسس جائے ترنس

نورالدین صاب بہ ژونگ تھوتارس
سون مہرا زہ آؤ دیدارس

اتہ چھے لگ تسے تڑاو تلہ پائجی
شیخ صاب راضی ژوزی نئے

نورالدین صاب بو ہا مہربانے
تک قلم دانے کرو میدوار

اشتان ژا کھو کھور چھی ادری
لاگوی لیڈری لیڈری پوشن

تلہٕ چھےٚ کنہٕ تےٚ بیٹھ رنگہٕ سیرے
سأدی صأبنہٕ ویرے آکھ

اَستانہ اَندرے کھوٚ دٕرٕوی الفے
قُلفنٕج کُنز ہا چھےٚ حوالےٚ

سأدی صأبو دِساۓ انعامے
لأگِہ کیُت گرِہ ہے سامانے

گرٕ سِی چأنِس سازٕ کرٕ کرٕ یے
شوقہٕ اَستانَس زٕرٕ یے گنڈٕ

حوالےٚ کوٚرٕ ملکھ پیر پیرانَس
بیٚیرہ ٹھقَف کرٕ زٕلِس دامانَس [1]

سأدی صأبنٕ رندہ ونی بوٗنی
گندہ وُن حبا ناوار ہے اوٗے



---

[1] یہِ ہُرچھُ جہازس یا مہرنہٕ رو خصت کرنہٕ وِزِہ تہٕ وَنان۔ یِہٕ اَکھ چھُ صرف تذکیر و تانیث اُمی حسابہٕ بدلاونہٕ یوان۔ ’حوالے کوٚرمکھ‘ یا ’حوالے کرٕمکھ‘

# مالنیٚن ہُند گوٚرہ رُخصت کرُن

اَنہٕ گٕٹہٕ موٚختہ ہار لوٚگیو اَسے
ہأر برمہٕ رأو تھَن گژھے سیتی

مجلوٗن چھُہ وُچھان دارِ پٕتہٕ بُرِ ییے
کمہٕ برٕہ نیرِم شاہ پُرِ ییے

یُتھ نسأ دیدہ چانہٕ گرٕتھ گٲنے
سأنؠ گوٚر چانہٕ کھوتہٕ نوٗرانے

اُسو نسأ بخشوٗن تُہنز عظمأژی
خانہ مأج گوٚر دِژ خنہ مأژی

خانہٕ مأج گوٚر چھِم بانہٕ گُھٹہٕ نِندرے
وۄنہٕ ژکمہٕ سونہٕ درِ وُزہٕ نأونس

اَتھن چھی اَتھہٕ پنٛجہٕ کھوٚرن چھے مُرِیے
وُنہٕ چھی اَسی یے زور ادار

رُچھت تےٚ بُڈٕ رُٹھ کرُٕ مے حوالے
چھُے سوالے وارٕ رُچھی زِین

مہرازہ وُچھان سُبھتے بجتے
لاٚل گُنہِ کُھٹے نیمٕہ ام نا

بوبہٕ پشمینس کرُمے ژادر
یِہ ہا چھےَ یادر سہہ سنز گور

اَسہِ ہساگوزمت برونٹھ اعلانے
ساٚنی گوٚر وَنہِ چھوٕ نادانے

ووہتی دوہ دہٕ ماجی ہےسکھر وَنی
لاٚلہِ چھُہٕ گرٕ گرٕ ھونیے

یہِ نسا زاٚنیو یہِ چھیہِ افتادے
اُمس چھوٕ سَتھ دُرہ اسنادَے

پشمینہ لردٕژ تہندِس سِترس
گُترسٕ[1] مے جوٕ رازہ کوٚمار

---

[1] ذات، قبیلہ۔ "گُتر" آسُن رواج چھُہ صرف بٹن تام محدود۔ ذات موٗلُم کرنُک اکھ باٚلہ ہیوٗ۔ یِمہٕ سِتی فِکرٕ چھُہ ترِان زِ کُس کمہٕ زاٚژ مُہند چھُہ۔ محمد دین فوٗقنہِ کتابہِ "تواریخ اقوام کشیر" منز چھُہ کشیرِ ہندین تقریبن سارنی بٹن ہُند گُتر درج۔

سانین کورِن سعہ ئہ کنہ وا جے
بیمہٕ چھوہ ڈٕرہ جہ تے مولائے جے

اُسو نساۓ دِمہٕ ہیون تہٕنزِن وتنیٕ
اَسہ دِژ تہٕنزِ و کھوڑی سیتۍ

سعہ ئہ سنزِہ گنگجے رہ بہ سنز نے چھے
دِیہ سنز ڈرِہی چھے وارہٕ رٕچھوزِہ

مالین میون چھے سِندہٕ اپارٕی
تالین زولم لولہ نارٕی سیے

دیتھہ ہند یاون ہارتے شرادن
گورہ ہند یاون بب تے ماج

پشمینہٕ ژادر زری طاکانی
پری ننندہٕ بانی زی نی توَ

نھاجہ تلہ چھو نھو امرتہٕ دو نی
راجہ گرہ زیٕنہ نھن معہ غلانی

جانی دیار ہل[1] سون مال پتھ نھتے
بدلہ گرہ زی نھو معہ نھتے مار

---

[1] حلال

رنچھوٗ رنچھوٗ کورپو پٹندر منتہٕ کرٕی توٗ
سوندر گرٛشھ واعرپو وارہٕ وُنی تو

وٕنہٕ وان وٕنہٕ وان کن کوٗو کھیپہٕ تھمٕ
وٕنتہٕ پوشہٕ ڈُلو رکھو گرٛشھ یو

دوہ دہ نابدہ چھم رٕچھو ہرٛ ہاڑہی
واعرٕ وہٕ گرہٕ گسُ سنبلاوہٕ لس

خانہ مائج کوٗر چھے بڑٕہ خانہٕ وادٕے
صاحب زادٕے وارہٕ رٕچھو زٕہن

یگنم ہشر زوٗن[1] چھے اکھ شہلاوی زٕیس
مول مائج ہاٗی بند مشی راوی زٕہ بس

خانہٕ مائج وٕنہٕ چھے شُری خیالے
تھاوٕ خیالے وارہٕ رٕچھی زہن

یرمن ہاٗیی یوٗت کیا ہلہٕ زار
بعد ہٕ کنہٕ کٹر ار یزاران[2] چھے
نورٕچ واٗنی بورٕچ واٗنی
اسہٕ کوٗر سودا ہانہٕ واٗنی

---

[1] زُمہ داعہم زوٗن [2] وعدہ۔ عہد و پیمان

حشہ وۄپدہٕ سۄرنے ڈولہٕ منز آئے
نوشہٕ گرٕ ھ آسن زآنے ناو

سعہ نرٕ سنزٕ گنگجے ترٛیشس جیوٕ وینو
اُسی نسائے تراوون پیٛشنَس[1] تام

یتھ نسائے ڈٕکس لَد کھ گیہ سنے
ژون باین ہِنز بینے چھے

اکھ نیتھ کورہٕ ہَن بیبہٕ طلبانے
سیرس سر پوشس روزیانے

اَسہٕ ہسائے دژی دِلس نقیے
ووڑی وُچھو جانہٕ دِسی بیے کیا

ماجے ہِنزی سعہ نرٕ معہ غلاَئی
موٗل کوٗرے کمی بوٹہٕ واَنی[2] یے

موٗل کوٗرے بوٹہٕ دائژ ہیٚنز نکھ راجن
تاجدار بیہ سنز گوٗری یے

---

[1] دوپہر - اکڈ دوہ
[2] توسہٕ پھٹب کپن واٗلو واٗنی

خانہ ماجہ ہاگل چھم دھ دس تے داتس
رائچھی کرشانس وارہ رچھی زہن

خانہ ہاگ گور لیج دورین گاہن
مسہ چھبہ منہ کامن وارہ رچھی زہن

مارہ منزہ میانہ چھے ڈیکہ تابانے
حق سبحانے سایہ کرہ زہس

یہ ہا چھے کو نگہ ملو وتہ نو وانی زہس
گور ہو رچھی زہن لو کہ ہند مال

گوراہ دِژ مکھے وڈہ ہواوس
خودا صائبنس ناوس بیٹھ

مدنی مدنس کو ٹھے لوسی وہ دِنی
مدنی گرہ کن قدماہ - ترٗاو

دستارس چھے کو ستورہی رچھے
اُچھن اندر رچھی زہن

کہے چھکت وتھ ویتھ موختہ ہارانے
شوزی نم سوزے رنگہ ناون کیتھ

ہےٚکہے چھکھ غمگین رامہٕ لوٚ ٹھیے
کرمہٕ لون چوٗنے پوٚ ٹھیے دڑاو

اَسہِ رُچھِ گوٗراہ آتھمنہٕ داراہ[1]
رٕکھمنہٕ[2] کرشنہ[3] جوٗ اَتھ داران

مالیٚنِہ گُنزٕ کر دِیہٕ حوالے
نیری وہٕ ژٕ وٲرِ وِکہ سوالے[4]

مالِنٕ کاٗتِسہِ نوروزان ساٗرِی
وٲرِ دِیوَ لگے یاٗرِی یاٗرِی یے

وُنیکٔ تام اَسہِ ژہنہِ تَل کُنٛز یے
وہٕ ژٕ ڈٕیکہٕ پر تیٚمیے نیرکھ نا

وُنیکٔ تام دوٚ پتھم ژیر گوم ژیر گوم
نیری وہٕ ژٕ ژیرہٕ پوٚشس چھاوٲنے

پونیر وُڈر پیٹھ کوٚنگ پہ چھکھے ژاران
کیازِہ چھکھ تھاران ماٗجی لبجُو یے

---

[1] یہ وُنہِ وُن ہُرچھہٕ بٹہٕ لگنس پیٹھ اَتھ واس کرنہٕ ورِزہٕ ونان [2] رکھمنی بھگوان کرشنہ سٕنزٕ گرواجینٕز [3] بھگوان کرشن۔ [4] اِدِہ نیر وٲرِ وِکہ سوالے

لالو دید چھے کران سوالے
چھُے سوالے وارہ رُچھی زٕہن
اُچھو چھے وٕنیچھ وٕنیچھ ہُمہ چھے سیاہ
دوہہ نی ہساے دُچھوے لیاقت

ماجے ہٕنزی کُنزٕہ برداٮ۪ری
ڈایکہٕ سر داٮ۪ری گرہ گژھ ھکھے

دُنیکُ تام کرُ تقُمہ ہیرہ بوہٕنہٕ راٮ۪چھی
ماجہٕ ہٕنزِ ٹاٮ۪چھی گرہ گژھ ھکھے

ٹاچہٕ کلیوشُس مُوہٕرکہ[1] دووی
ژٕہ کمی لول ورتو دُمے یے

تارُکھ وٕتھی یو مالے ما لے
گرُ جون کو تاہ کال پرارے

دارہٕ کنہٕ درٕژمے بوہٕ ٹٕہ ژٕیرہ دُجی یے
دوہہ تھی ماجہ لگٕیے ژٕیر ہے گوٚژی

---

[1] اکہِ قسمُک دوو یہٕ چھہٕ بلُن گوٚن گوٚن لاگنہٕ یوان۔

دیوان خانَس ہیٚر کٕرٕ لاٰجی
لاٰل کٕرٕ داٰیِجی وِیگَس[1] پیٚٹھ

ماٰلی ماجہ گوٚزٕریے ہیٚنگہ ظوماٰ[2] نے
گوٚڑیے گمُانے گرِہ رٔٹنَس

اَتہٕ کیا بہہتھ چھک رنگہٕ ئیندرس تے
وَسنتے ڈوٗلی ہے پٔزاران پچھے

زانیا نہٕ تٔل یے سٕہم[3] پہلواٰنی
سکھر کٔر بیب جہاٰنی یے

ڈوٗلے کہٕر چھی لوٚٹے لوٚٹے
اَتھَن کیتھ یِم رنگہٕ ژھوٚٹے ہیتھ

اَسہٕ رٔچھی گوٗراہ تف[4] کٔرٕ کٔرٕ دیے
خانہٕ ماٰج گوٗر لیجہٕ پانہٕ گرٕ دیے

---

[1] اگنس منز واریاہو رنگو سیتی بنووُمت سہٕ گول ئیتھ پیٹھ کھاندرس منز ماہ رینہٕ بتہٕ ماہ رازس بٹہٕ کھرٹا تھوَان چھہ تہٕ میٚنغلہ پیٹھ میٚنغلہ ماہ رازس۔ [2] ہرگاہ بَب ماٰج کورِ گرِہ پیٹھ اَنہٕ یہِ وَنہٕ وُن ہُر چھہ تیلی ونان [3] اکھ روایتی پہلوان۔ شاہنامہٕ فردوسی یس منز اکھ کردار [4] عبادت۔ منگہٕ منگ -
(م.ل.ص)

گوڈہٕ کر اَسہِ سیتۍ عہدہٕ پیمانے
اَدہٕ نیر یارہِ جانانَس سیتۍ

ڈۆلے چانہِ ڈولۍ[1] پوش تھوٚو ییے
لوٚڈ ییے دیدہِ کِنہٕ بابأنی

ماجے ہِنز بی ناگہٕ راد کرٕ ییے
بابے لالنز ڈیکہٕ پرٛیٚنز ییے

گوڈہٕ ہے روخصت قبیلہ کرأنِس
اَدہٕ نیر از لے لأنِس سیتۍ

گوڈہٕ ہے روخصت بَبس تے ماجے
اَدہٕ نیر ڈیکے راجَس سیتۍ

بابَس کوٗر چھے روخصت ہیٚوان
اشہِ کِنہِ ہاران موخترٕ انبار

بابہٕ لالہِ أسۍ زٕم یاد پاوأنی
زوٗن گگیہٕ نیرِ تھ اسمأنی

---

[1] سہ رنگ دار کأم کرِتھ کپٔرٕ یُس ڈولہِ پیٹھ ترٛاوان چھ ۔

یارہ بل واأڑی بگرتے ڈولی
زنکھ[1] رازنی کوڑی سیے

شروہ نی دار روہ نہ پاوی سعہ نہ گلکاڑی
لالبز رازہ کو ماڑی سیے

ماڑ چھے زِمندرہ نہ ورتہ ڈزہ ناوی زین
طوطو بولبوش کرہ ناوی ۔ زین

ترلہ دار بازار کھورہ سیتی ہین سا
جورہ سیتی نیر سا ۔ برابر

گوبرے مول ووتھ مرڑے ناوے
کورے مالے ارزتھ کیا

کورے مالے کھوادے حاصل
گوبرے مول دروے تحصیلدار

ماڑ جائی تھوے پوشہ گوند تالوس
پانہ ڈراو حاکم اعلیٰس[2] سیتی

---

[1] راجہ جنک۔ سیتا یہ ہند مول [2] حاکم اعلیٰ

توره آدیز مَن کھوژان کھوژان
یوره دژاو گونشِ ھن ور دیوان

کوره مول چھُہ دِوان ہیبرِ بوتہ وُنی یے
گوبرِ مول ژوُل ڈیکہ پرِ بنییے ہیتھ

ژھ دِہَن وَرِی یَن دِ تمے کرِ ییے
اَخر دِراییکھ پُژھِیے بایے

ییتھ ناو چھ ہس سہ رُس سازس
وُچھو زیس دِلہ کِس رازس کُن

شرم دار کوُر سانی پوشہ تُل ڈاییے
نبی صاحب رٔچھو زِپن سایس تَل

سانہ کورِ ہال چھے آمہ دوِد وارے
تتہ گِندہ ناوِی زِپن اچھِ دایے

چندِ کے ہاوِی زیس دِلہ کے باوِی زیس
بااللہ چھے مول ماجِ مَشِی راوِی زیس

سانہ کورِ ہال چھے نابد ٹکس
پادشاہ یکہ نُے تھاوِی زیس

پِہ نأے زانکھ یِمَن گیِہ زٔرٕ سیٚے
پِہ ہأے بأنِچ تھٔرِیے پیٚچھے

ہأرِہ ہِنٛز مأج گیِہ مأربَل آبس
ہأر گیِہ گَل اَختابَس سیٚتۍ

●

# مہرنہ ہُندو آریو واتُن

ییزی منو کینژھا ترأوسا
ییتہِ معہ کلاوسا کوہلے تار

منزم باریو اَکھ کھوہر پھُلی یو
اَسہِ گوٚر گٚی یہ تہٕ روغن جوش

سوہ تہٕ سندہ گُلہ کے دہ یہ تہٕ سندہ مُولو
کشتوارٕ ژیو نٔھو پوشہِ زُلو

ہلہ کرہی دوہ دہ مأجی پلی زانیانس
رِگُل ہے وأڑہی محلہِ خانس

لالہٕ مأجی حیایہ ترٲو تھنٔزی یے
لالہٕ ہے اوے راجہ رنٔنیے ہیٹھ

روہ پیے ڈأبس تھوٚد گُل ٹھانے
ازہ ہے چھُے پیٹھے بانگ دوہ ہ

بچہِ وُنہِ کھوٚت ہمو گرٛی کھرِکہِ ناوان
ہوورِج پوٚنبرِ تھکہِ ناوان

ییٚزے منس پوٚنبرِ دٔ شے
گوڈنچہِ نوشے موٗ بارک

ژیری کیا زِہ آیکھ رنگہ واوجِ ییے
ہنگہِ طوٗمارٔن گرٛاے لبجٕ ییے

بروٚنٹھ بروٚنٹھ ییٚزمن پیترِ پیترِ لالہِ چھٕے
منزہِ چھے زوٗل مال شولہِ ماران

وانے والیو وانٔ دِیو کھرٕی ییے
لالہِ ووت گُل دٔخ یرٛی ییے ہیتھ

ییٚزمن بأیی کھےَ تیٚلی ہلکس
نوشس ہے وأژی ملکس تٔل

ییٚزمن چھُ دٔبان دوسہِ بیٹھو ترٛہ ہا
نوشہِ کیٚت کرِ ہا پوشہ وتھرون

ییٚزی منو تھوٚد روز شاندے
براندٔے گنٛز ہو وأژ آیو

موسم اُز مکھے باغے منزی یے
چھکھے سوہ کینز بی یے گژا یہ ماران

وا رِیو وا تھتھ وُنہ چھک ہندرے
سوندرے سوہ مے اُچھ مژراو

یژ مَن بایِی ڈوہ کھ دی دارے
تانی کری ہارے گونڈہِ سیتی واو

دوہ دوہ رکھ سانی کھر ستی مس عرشس
دوہ دوہ مانجی قدم ترا و فرشس بیٹھ

یژ مَن بایِی شراہ درو یے
پہراہ بیہتے تھراہ دِتھ

لال ہوا نی تھن سوہ رمہ تے سازو
دتھرے حیشمہ ہا ماہ رازو

خانہ مانج گوری برقہ مژراو تے
انیہ روہ کی ہاو تے ۔ تا بانے

# خَتن ہال

یانبی سرونٛدے چانِس دِینس
کاستَم دِل آیِنَس مَل

پھُتِس تَل کوہ کرِتے اَکھَس منزٕ وأجی
خَتن ہأرِجی مُبارک

وزیر آبادُک وۄستہ چھُہ آمُت
لأرِ چھُہ زامُت شاہزادَے

وۄستہ کار آوَے توسہ مأدأنی
سِہتِر چھُس شاہِ جیلأنی یے

وۄستے کارِ ینا گُگُل نَٹنے
شمع دانہٕ رَٹنے اَتھِنی کیتھ

وۄستے کارو کھور رَٹھ زبرٕی
ژہ ہا چھے خبری چھُم خانٕہ مول

خُتن ہاٸج منڈلس ژونگ چھُم زوتان
از چھم طوطس ختن ہال

ووستے کارو کھور رَٹھ وارَے
دیارَے ٹورِی ہو بر آئیو

ووستہ کار دَیان دِی توَ ژوَرے
میہ ہا گژھہ لرِہ ہِند ژوٗرِیُم طاق

ووستہِ کار آوے دُلدُلَس کھأسِتھ
بلبُلَس سنت کرِتھ - گو

ووستے کارس سوِہ سِندی ٹینڈی یے
ازہے گے ہیٚندے مۄسلمان

◉

# ہزٕل تہٕ مذاکھ

ماہ رازہ لالو ژٕنہٕ پھُٹک من نے
بیٚنہٕ چھے پٕننی وارٕہ رٕچھو زٕن

بَتہٕ پھُلہ چاےٚ لگر سَتہٕ سَتہٕ رٕپیے
نِی ہاکھے کانگرٕ کھوژٕرے کیتھ

یِمہ چھَے پٕننہٕ ترٕ تِمَن گیہ من نے
اُسی ہاساوَنہٕ ووے زٕہی بیٚنٕنے

ہاعہ ژٕہ مرٕہ اَلِہ کوٗرٕ الہ گوٗہ شتابے
حاکِم زادَے فاقے درٕایے

یٔرٕ مَن بأیی لیڈرٕ شونٹھ کِتہٕ چھَے
اُتی چھَے کأنی پیٹھ کونڈ لَس منٔز

اورٕ آو ماہ رازہ یورہ نیرو مُشکرو
دِچھہ گُجہ کھوٗت کھو ژٕھ چِہ ملگرو

یژمَن بأیِ ڈمبو پھیل زوےیے
ڈولِہ کیتھہ او یے پھاٹ وَن واد

اکِہ دوپ کورِہ مول پھیرہ ناپوت یے
دانے کِسرے موٹ یے گو

مالنیو تھوُیے لِسہ لیجو سسرے
وڈلی یکی ٹِھسرے حِصہ زینکھ

بائن تھائوِیے پرانہ کُجِ ہنگس
بھنہ میتنڈِہ باپت جنگس ڈراو

گرنے اوصے خرہ ہِسی کھسے نِہے
سُلہ ہیہن یِزہِ ہے ماہ رازو

نِرہ چانہ وِرامہ زنگہ چانہ اِرکل
سوہ رحے گُکل زِمی نِیتھو

یارنیو وُڈرِ ووَرحے بر لیستے
گرلیسو تِس تتجی نوشینکھ وایائی

اُڑ توکھ گدائمی دائلی توکھ تیلشے
یمہ کمہ مائنشے وَنہ وان پچھے

اکھ ہے چھے بالہ دانٛد تُمہ چھہ ہکھری
دوہ بتھو کوٗری واٗرِیوٗ سکھری کر

آنگنس سانِس اندی اندی بوٚنے
بیمہ کہٕ ہونے وٚنہ وان پچھے

گرمی سہی جاٗنِس سوبنہ زیز کلغی
کرکھراے دِلہ گی کڈکھ کانٛہہ دوہ

ژٕہ ہیا شوٗبہ ہے آتش بازی
ژٕہ کمیوٗ کرٕنے جعل سازی

بانڈنے آسی مچہ زٕہی کنز زٕہے
بچہ زٕہی لاگی زٕہے ماہ رازو

اوے کوٗری دِرِژ مکھ ویرے شہلس
کاٗم چھے کنزس تہٕ تہلس سیتی

یانٛژہ پیٹھ چھکھ سائے بیٛنزاہ ہوٗری
بایہ دلہ وُنہ چھکھ اتہ ہوروی

ییمہِ چھک دنیُن کوٚر اَسہِ کینژَن پیشہ ورگیون
والین نِشہِ حاصِل۔ یِم زَن شہرَس منز کھاندرگیوٚنَس
گژھان چھِ۔ یِم بٲتھ یِرَن وِزہِ باسہِ تہٕ یِمہ سعہ فرق تہٕ
یوسہٕ گامہٕ وَنہٕ وٕنِس تہٕ شہرٕ وَنہٕ وٕنَس منز چھِ۔
البتہ کینہہ ہُرِ چھِ تِم تہٕ یِم زَن گامَن تہٕ شہرَس دوشونی
جایَن ہوی چھِ۔ اسہِ چھنہٕ یِم ہُرِ الگ کَرِتھ ہیتہٕ
تِکیازِ اَمہِ بغٲر باسہِ ہے یِہ وَنہٕ وُن کُنہِ حدس تام
نامُکمل۔

(ایڈیٹر)

نِشاٰنی

اسلام علیکم اوہ حض سالے
آبِ حیات چھوہ پیالن کیتھ

نشانہ جِگرَن موختہ چھہ اندہ نہی
اَسہ ووت ترٛوٹ تےَ ژندن ہار

ژندن بَرہ تراوی توٗ اندر بُخارے
لولہ سوٗنی آسے جیب کارے کیتھ

آنگنَن سون چھوہ دُور درازے
کرِو دِل اژو سانہ دروازے

آنگنس سانِس الماس کُنہ یے
سے پیٹھے بانکو سوٗنیے آسے

لچھ وِدل گوٗرہ مول کھوٗتے سانہ ہیرے
شرم دار کورِہ مول بڑو تیٚمہ نیرے

روہ بتہ تےَ پانیلہ گندٹے اچھ داژی
ہازِری داژو گاران اسے

تاکوس سائنس سۄنہٕ مۄلہ مایے
گوٚبرٕ مول کَمہٕ سَنارا یے آو

یہ ہے چھم آمٕت ہارٕ ہنزٕ مایے
تھانَس وُچھتوس پیٚٹھ کیا چھُس

چھُونہٕ چھُس زیباں سرتا پایے
گوٚبرٕ مول کَمہٕ سنارا یے آو

سۄنروانن سۄن چھُ وۄزولے
یوٚت ووت کیاہ چھُ مۄلوٚ لیے

تاکھمن پیٚو پکھے شیشن تگ چھے
بینتہٕ ہو لگ پچھے منگہ رامَس

وۄتیے گہنا لاگتے پانَس
وائرِ وی باگلے مانَس رِچھی

قائنی کُل قلماہ میلہٕ کوزامین
لالمالہٕ گس اژہٕ مال زائمین

قائنی صاٮُو وَر دِیُو قلمَس
تھَر دِیُو وزیر مالہٕ ہرٕ لیکھنس

اَمس پِچھی پتہٕ پھَن نۆساس جھرَے
بِیتہٕ حَض ڈالکھ اِشارے

حاجی صابس نیُول کرانکھ واجے
نکاہ لیکھان خانہٕ ماجے

سۄن گوٗر سۄنٛن دۄن گومِلاپ
مُژر حَض گیلاف قۄرانس

اَمی ہیٚسا کرٕ ہو ساس رِکایے
اَسہِ دُچھ بیٚبیٖہ کاٹھ کیتابے

اَمی ہیٚسا کرٕ ہو کونگہٕ ترکارِی
کھیٚیوِ حَض رۄنگ ژاٹرِ ژاٹرِی ییے

اَمی ہیٚسا کرٕ ہو پیالہٕ برداٹرِی
اَمی ہیٚسا درٕ جِرن مارِی ییے

اَسہِ رۆن یِعلاو اُٹھن دیگِن
سیٹھن دُنیا دارن کیٖت

اَمی ہیٚسا کرٕ ہو آلہٕ ترکارِی
مالِہ سان کھیٚیوِ ساٹرِی ییے

تٕلہٕ چھوٚہ ستر نٕچہ بٕیٹھ چھوٚہ نمدہٕ
چھوٚہ خَفن حمداہ پیٚہ آنی

اَسہِ وُو بُبراہ دَنٕہ چھےَ زِیٹھی
اَسہِ کرِ میٹھی سوٚنی پٕتریاہ

مُنزِم یارِس خودا راٗمنی
گونگَس مِلہٕ وٕن اَچھے پوٚشس

ہیٚرن وٕسِو خَفن وارےَ وارےَ
جیبہٕ چھوٚہٕ پٕراران بازارسےَ

سارِہ نٕی چھوٚہ خَفن کورِہ تٕہ گبر
بینہٕ خفن رٗوزِو بے خبر

سالرٕو سانیو زِیٹھو سلامے
گرِہ کلامےَ رُت کرٕو زٕیو

اَسہِ ووت ساتھ نامہ راتھ لیکھنا وِتھ
پیرس بینہٕ نِس پٕرزِتھ ناوِتھ

## تُوصل ژَھٹُن

ییٚنہٕ ہیٚتھ دوٚصتے تیٚنہٕ گیہِ شاٗدی
اٗدی اٗدِی کنہٕ نیٚی گوم

ییٚمی ییٚتھ کامے دِسس تگوٚیو
تَس رٗ چھنے پیغمبر

اٹھِ وِہنہٕ گورَے لاٗج ختم ہٹاٗنی
ییٚزمَن باٗے معہ غلاٗ منیے

نوِہ لرہِ کاٗنی سعہ بنہٕ سُند دار چھے
گوڈنیکٕ کار چھے شوٗب ییہِ سنےَ

زٕیُن وُوٚنھ جنگلے دانہٕ وول گامے
مامو کوٚر پٔحون ساماَنیے

باسمتہِ توٚملَس کنہ ڈٗلوان چھی
مام سُلہٕ وان چھی ژٗرار نِمہٕ ہتھ
ییٚزمَن باٗیی سداٗہم زوٗنی
ڈیکس چوٚنے زیبان چھے

چینده کدڑ کانحظ مال رذه کردائیی
ازگشڑ یٔزمن بائیی سیے

مسالہ دگن

یٔزمن یٔزمن باے کران مصلحشیے
بیمہ گرہ وائنج ؤژ سیے نشاو

یٔزمن یٔزمن باے کران چھے بولی
مسالہ وال تولی تولی سیے

شہرہ ووت مسالہ گکو اون نکھو یے
اَسہ اون ڈارکھیے ناوَن کیتھ

مسالہ دگوے کنہ وین کنزنی
روہنہ وین یرہ مین چھا ناوائے

مس مشودن

بسم اللہ کرتھ ہمو ونہ دو نیے
صاحبن انجام اونوٹیے
نبی صائبن ہیوت سکھونیے
سکھرتھ آو گرہ سونوسیے

روشہ روشہ کرسَے پوشہ وتھر وُنَے
صاحبن ہیو نیچو موٗنوٗیے
خانہٕ مأج کوٗر چھم بانہٕ کُھٹِھ نیٚندرے
وٕنی کمی ہیہ نرے ووٗزہٕ ناوو ہتھ

دارِین درپردہٕ برن پھی تأرِی
کیتھی کُھٹِھ ژھأنڈ ہتھ اچھہ دأری بیے
سوہٕنرٕ سنرٕ ہ گُنرٕ ہ بیتھ مُژرٕ وژھ تالوٗ
زوٗنہٕ ڈیہٕ آلوٗ لایأ ییے
دارہٕ کنہٕ دِژمے روٗمال دأرِتھ
ہیمال دِیہٕ تون بوٗر ہو تأرِتھ
منزہٕ چھاں کہیہٕ زہٕ چِھک رٕتھ میون لوٗگیے
سیتھہ زٕنی سوزہٕ ییے زارہٕ پارٕس
سأرٹی تُلأیے آہستانُس
رٕچھی نکھَے سا ییے بانٕس تَل
نیچہٕ نیچہٕ تابہ ٹیٚنچہ یٚیٚیے پُژہٕ اندرِ ہی
وٕلے شاہ سوہٕ ندر ہی مَس ہیے مُژرَے

مَس مُژرائیے بَڑ گے بَڑ گے
سعو رگے اَندر چی مہر یئنی

مَس مُژرائیے رُمن مے لوٗ گیے
توٗ گیے کرٕ ہی زہم وارنز تون

گیو ملائیے وارے وائے
نبین سارے تھوٗ وییے

ہاٗ ہی دِل چون یِنے گرٕھ تارے
ٹوٹھ چون گیو پھرٕ نارے سیتی

گیو چُھنہٕ منظوٗر بھُلہ منگہ ناوِ ہی توٗ
ہیمالہٕ مؤیس ملہٕ ناوِ ہی تو

گرم گیو مُلہٕ توٗ نرم وُستہٕ خانیٚ
شرم دار ماجہٕ ہنزٕ ہ گوٗرہی یئے

تتہٕ مجلوٗنس یونیہٕ سر نز بیٹھی
ییتنہٕ لال لگہ نن بیٹھیو
لگہ نن بہتھ بعہ چھ ما لِجیو
باغوان اویئے دُچھ تجیے ہیتھ

گورہ ہندہِ اُیُنمے اُم دوہ دہ داُراہ
کھیتہ زیوہ ہاراہ بیٹھے لگہ نن
مَس مُژ راُیے گالاس کوٹے
دولت مَندن ہنژہ کوری یے
مَس مُژ راُیے شمع تلہ یے
طمہِ ہاچ یمبرز رلیے

مائزہ داتھ

مائزے راُژی سنز لوگویے
مثر پھیری یُز مَن باُیی بے

ہیرہ وُژھ رحمت بوہ دستارس
بخت اوارس یُز منس

یُز مَن باُیی جیراہ جگنی
وِ گی نیو کوریے مبارک

اَسہ آے یُژھی نوژھ خوہ داین
جاین کرہ توکھ پوشہ وتھرن

مائنزے وائلس آسِر ڈکھو ونیے
ساسہ وول مائنزے وول ہیئے آو

مائنزے وائلس مشرِق نائلی
اشراف مائنزے وول ہیئے آو

مائنزہے وائڑی بُرزہ لِرِہ ژھایے
تانی رَیھڑ پوتبرِی گرڑاییے تَل

ازہے سوز بوہمرن مائنزہ لِشانے
پگاہ واتِرِ گرُ تِر زانپانے ہیتھ

ساسَس ٹِکہ تے لچھَس چوُنے
سوزِہ اختابَن زونے کِیُت

تھان ہے وو تے سوہنر ہنرہ ژھائرے
خوچہ موہورے وائروی آسے

مائنزے ہیپٹھ کنہ سوہنر ہندی گری یے
چھاوِنی پُڑ ھنے ہِمبرز لیے

تھاناہ وو تییے برِہ دربارے
تاراسِنگھنہ وانے پیپٹھ

مأنزٕ ہے واگژہی نیبجے داگجے
خانٔے مابجے نوشٔے رکٔش

مأنزٕ ے دالہٕ رٔژ سلامے
گرٕہ کلامے رٔتی کرٔی زے

ماگنز آگڈرٕنی

مأنزِہ ڈٔل کھاگرِ ہی تو لیٚہ وچہ ہیرے
سارِہ نٔی شیرٕہ چھ یٔز من بابے

ووہ بتھی دوہ دہٕ مأجی شمعدان زالتے
مأنزِہ ڈٔل کھاگرتے دیواں خان

مأنز اُڈرویے وُ شتنے آبے
مُشکے ادفر ملنأوی تو سس

مأنزِہ گرٔڈھ تراوٕنی آبہ کنہٕ عطر
کونگے وٕبتھر ملنأوسِر توسس

مأنز ے ڈٔکی ہی کٔی دِیت زولے
لال تراُوی سِہی معلول بیے

مائنز اُڈروبے گوڈنگہ پہرے
آدمی قہر سے رَ چھینے
مائنز بے ڈُلی سی آندی اندی ترہے ڈراؤ
شرہے دڑاو ہارہ ہنز مائنز بے ستی

## مائنز لاگنی

بسم اللہ کرتھ مائنز لاگوبے
اسم اعظم پروبے

مائنز لاگو بے اتھہ گئی اَدرہی
لاگے لیدرہی گولاب پوش

زایہ کھے درِزہ تے رب چھکھے وقتس
مائنز لاگو بے سونہ تختس پیٹھ

شہزادی لگہ یے شرم دار کیتھنی
راجہ مائنز لاگہ یے راجہ اتھہ نی

مائنز ہے اُذمے زرزارہ شریفے
رہتہ تارِ تخے لاگو یے

لعل چوک اَندرے چھٹھ ہے لیکھ ناوے
چال دار مأنز لاگہٕ نادوییے

دفترٕ اَندرے چھٹھ ہے لیکھ ناوے
افسر مأنز لاگہٕ نادوییے

مأنز لاگوییے شبٕ برأتس
چھہٕ ہمے اصل ذأتس ییے

مأج پچھے گأمژ پنٕنہٕ نین اُشن
مأنز لاگوییے فأشن دار

یا بار صاحبو روز تم کتھہٕ ہنی
مارٕ چھہٕ لاگان اَلتھ ہنی مأنز
یا بار صاحبو روز تم دَمہ ہنی
مارٕ چھہٕ لاگان نتمہ ہنی مأنز

اَلتھن لاگ مأنز تتے تم تھوٗخالی
پوڈر جری ہیمأ لی ییے
مأنز لاگوییے اَلتھن تتے یادَن
مأنزٕ ہنز لادَن چھہٕ شہزادن

یا بار صاحبو چھم ہا چائ نِ لادَن
ہارِہ چھ لاگان یادَن ہا ئُنز
ماُنز کمیٔ لاُجے پینہٕ نے وہ لسے
بیہاُے مائُنز پوشہٕ نےٚ واُ نسے تام
ہارِہ چھ شیشہٕ کھٹِہ مائُنز لاگاُنی
کُسی چھُس کھوہٕ لِلہٕ واُنی ییے
دیواں خانس ہانکلہٕ ٹھس ہے گوم
رَس ہے لوگ مہرَ ینہٕ مائُنز لاگان

ییینہٕ وول (صُبحس)

صُبح آو تےٚ ژوَ لہے اَنہٕ گوٚ ٹیے
اَسہِ کوٚر نبین اَتھہ روٚ ٹیے
صُبحکُ گاہ ہیو سنگرمالَن
وہٕن لابہِ زالَن جبریلس
سُلہٕ ووہ تھ گلیے وِلہٕ کھس بالس
لاُس کرِٹ وال پوشے مال

لَہ کٹے ییٚز منہٕ دارِسے کرٕ پھِہنے
وارِسے گوٚلاب پھوٚلِہ یو

اَسہِ وِنہِ ییٚز مَنہٕ کھَسہ وٕنی داٗر چھے
گِندہٕ وٕنی ہاٚر چھےَ ییٚز من بارے

وازہٕ چھُہ پٔراران شوٗنٹھس لیٚدرے
ییٚز مَن نیٚندرے وُزہٕ ناگوِی تون

وازہٕ چھُہ پٔراران شوٗنٹھس توٚطَس
ییٚز مَن شملَس تاہ کرَان

وِرِتھو خہ چِہ بایوَ اَتھٕ بُتھہ چھَلِ توَ
ہارِسے کرِی توَ وَنہٕ وُن جان

مُشک دار صابُن دٔلو مُنزہٕ کڈِہی توَ
تِمہِ سٕتہٕ چھَلِ توَ رُہ یہِ رُہ خسار

توٗلِیا دِچِہ سٕتہٕ پان صاف کرِی توَ
ہارِسے کرِی توَ وَنہٕ وُن جان

اَتھٕ بُتھہ چھَلِتھ نماز پَرِی توَ
تور کرِش کرِی توَ عملا جان

عُملاہ کرِتھ قرآن پرِی تو
ہارے کرِی تو وَنہٕ وُن حبان

وُرہٕ تژوو تیوٚ نگٕلُ تے سکہٕ دژاو آبس
کُلہٕ اختابس کورہٕ ییٚنہٕ وول

آگرُ بوٚڈ تےَ آسن وو لےُ
ہارہٕ چھُ بادشاہ ییٚنہٕ وولےُ

دَچھہٕ راٗنیٚٹھ کھرٕنہٕ عے دارہٕ تہٕ ہاٗنگس
اَلہٕ تہٕ رفہ نگس ییٚنہٕ وول

سودا میرن کوٚرے ییٚنہٕ وولےُ
اَسہٕ کوٚر ییٚتہ شہٕہوٗ لیٚے

یٚزمَن باٗیی گیٚہٕ کھےَ راٗحنی
اَسہٕ کرٕ حپاٗژ نوکراٗزی یے

بسم اللہ کرِتھ آب تژاووےَ
اسمِ اعظم پاٗروے

موصُم ژاٗیکھ غوٗسُل خانس
سَتھ بیٚنہٕ واٗلی زیٚکھ پانس سیتیٚ

لگنہ جامہ ترٛاوِ توٚ نۆنبر روٗہ یہٕ خانس
مہرِ تیٚز گرم حمامس چھے

غوسُل خانس چھکہ کھرٕ زہ لبہٕ ہنی
مُشک دار صابَن چھے ڈبہٕ نِی کیٚتھ

نلکے نلکے باہ شٲنٛتھ نلکے
ہیمالِہ آب شیٚوُر ناگس پیٚٹھ

آسے دُدہ دہِ سیٚتۍ گرٕہ گرٕہ یِیے
زامتہٕ دُدہ دہِ سیٚتۍ تن ملِہ یِیے

تھقنہٕ سیٚتۍ ملہ تھقے دُدہ دہ سیٚتۍ چھلہٕ تھقے
وَلہٕ تھقے اُلفہٕ کِس کاکادس

اَن چھکھ نے کھیوان زن نچکھ واوے
اُلفہٕ تن کِسی کرِ ناوان چھک

تنہٕ ملویے گوٗ یِشس اوٹے
سرٕ ہے اوی پشمینہ پوٹے ہیتھ

موٗل چھُے پھیران دارِہ تہٕ برٕیے
موج چھے پٕراران زرٕی یے ہیتھ

نبرہ ووت پارسلہ سیڑہ ہنزہ ٹیبے
یہ یپیترِ زیبے تُتنی لاگوس

یہ کیچھے بامی لالہ ژھالہ چھے ماران
ہیمال پڑاران کوہ چھِ گھارِم

اژہ وکن بیٹھم سیدہ قائے بیلے
امہ سوموسولے اند لگہ نے

قبلس کن روز مگہ لوو نژاَ وِ تھ
نبہ لیس کن روز اَتھ داَرتھ

زَن ہے چھک ژوٗنہ اختابس زامژ
زَن چھک نورہ پیٹھ یادہ گامژ

حورن گاہ پیوحیانہ نورانے
دورہ ہوز چھکھے الراوانے

ژبہ زری جامہ چھی تنہ شوبانے
ژہ پری چھکھے کنہ انسانے

•

پاڑاو - گنگنو بینتو رِہ دِنی

سعہ ننُو سینزِہ گنگنے زنڑ والویے
کنھڑ ماروییے پادَن تَل

سعہ ننُو پنزِہ گنگنے رقہ یہ سندی بَریے
پڑییے موَیس والو سییے

گنگنیا امِنہ مے چھانے وانے
معہ نختےَ دانےَ جروےَ

سعہ نرو چونہِ جبر خانہ بہ خانے
معہ نختےَ دانےَ جرو یےَ

پادشاہ گورہی لوٹ رکھتےُ وَلئےَ
اَزہےہَجِہ شمہِ ہُند سےجلنےَ آو

گنگوُ یسلہ دِنےَ پھُول ماڈِ لنےَ
ازہےَ ہَجِہ شمہ ہُند سےچلنےَ آو

سورےُ گنڈےیے دوہ نےُ دوہ زُئے
معہ لبرےُ گنڈیےَ معہ ختےَ ہار

سون جُزِہتھ قرآن لاگہِ ییے ناٲلی
سُورہٕ پَرٕ حُورہ جمأ لی ییے

ٹاٹھی بینِز اُزِ ییے کمخاب ڈاٲلی
اسمأنۍ رنگہٕ چھس چاٲلی ییے

بسم اللہ کرِتھ لاگہِ ییے ناٲلی
سُورہ پَرٕ ہُورہ جمأ لی ییے

چالدار ڈبنگرِ لال جڑو ییے
تام کرو ییے لولہٕ متہٕ لا ییے

نبی صأبنِز سال کرأییے
شیرین بادام بینہِ بوڑٕ کھاٲلی

تمہِ سیتی جگری چندہٕ بروے
تام کردے لولہٕ متہِ لاے

ہوورِ یو شوزیو موہنیو ناوس
مہرازہٕ لالس لوکہِ پُھس

ہوورِ یو شوزیو رعہ بیہ نشانے
شلہِ گرِتھ واتن جانانے

لالہٕ چھُہ کھسان بنڈس پیٹھ دفترس
تتہِ کین افسرن سال کرٕہوزِلس

سال چھُے پنژٕہن سمان چھُس ہیتھا
شاہ محبلو نو کتھا کرٕ

سوالِی دِژوسیےٚ بجہِ مشیدسے
اجہِ کشیرِ سے سال کرٕہوزِلس

لالَس سال چھُہ خاصَن خاصَن
تو تتہِ گرٕژھہ آسُن ساسَس سال
تتہِ محبلون چھُے لوٗکھ سعہ مبراوان
ییٚتہِ لاٗل باغ وتھراوان سپھُے

## شامَن ییٚنہِ دِوال

شاہ یوٗسُف زنٛ دوہ دِہ مٲجہ آسیے
وتھرٕن کرٕہی توٗس حابہِ جابے

دوہ دِہ رِکھ چاےٚ ژکھٕرٕ ژِتمَس عرشَس
دوہ دِہ مٲجہ کھسہٕ تھاو فرشَس پیٹھ

ٹھُچہٕ مژ دٔہ دٔہ مائج تیرٕ مژ آرس
دٔہ دٔہ مائج آیہٕ جیب کارس کیتھ

دٔہ دٔہ ماجہ نِیہٕ تو دٔہ دٔہ گلاسے
دٔہ دٔہ مائج فسٹ کلاسے پچھے

دٔہ کھعتہٕ دٔہ ہَہ آیہٕ اصراف ژٔرِی یے
دٔہ دٔہ مائج ژٕہ کتیچ یٔرِی یے چھک

دٔہ کھوتہٕ دٔہ ہَہ آیے اصراف زیادٕے
دٔہ دٔہ مائج ژٕہ کہے زہٕ ساڈے چھک

ہَے اُس تراٗو مژ ژھٹہٕ شکارین
آیہٕ کھے لولہٕ ژاکوادے کیتھ

دٔہ دٔہ ماجہ سانہٕ چھہٕ بادام چیندسی
یہٕ ہٕے آیہٕ آدم ژھانڈ اُنے
گگلی چھِہٕ کرناوی مے کاندر وانے
کھوٕہ کرنووے بُورج خانے
اِڈوِل گگلی چھہٕ تتے زاوِلی بیانے
قندٕہ پھکلی رٔٹھ دندٕہ مالن تلَ

کھوچہ اَلہٕ پیٚنہٕ کرِتنہٕ نالَس
دوٚدہٕ مأجِ رٹہٕ دندہٕ مالَن تَل
امبرٕ شٔرٕ سماوار نمیے پچھے چاییے
اَسہٕ کوٚر چانے سایے سیتھ
کھوس ریواج چیٚوان سأرِی
کھوٚر چھہٕ دُنیا دأرِی ییے

دوٚدہٕ ماجہٕ سانہٕ چھُہ کلا بوتہٕ نالَس
لالَس بٔروٚنٹھے یہأیے سالَس

دوٚدہٕ ماجہٕ کرٔی توتھوٚد مسندَس
دوٚدہٕ مأج سانہٕ سیندَے پچھے
دوٚدہٕ ماجہٕ سانہٕ چھُہ ہلہٕ کھنجرَے
نوشہٕ آیہٕ پوشہٕ پنجرے ہیتھ

دوٚدہٕ مأجِ اَسہٕ وَن پوٚرہٕ بیانَے
سوٚن جانانَے کرٕ واتِ
دارے لوٚنگِنس اَندی اَندی واجے
ۂشہٕ سوز نوشہِ خانہٕ ماجے ناو

دوہ دَے مأجی یہ چھِ مے لَجِہ ییے
دوہ دوہ نوش کوہ چھِ ہین یہ چھِ ژلِہ ییے

دوہ دوہ ماجہ سانہ چھُ ہیم دہانَے
وُٹھ پیٹھہ وُٹھ چھِنہ تُلانَے

دوہ دوہ مأجی گیہ کھے راجِنی
اَسہِ کرِ چاپِٔ نوکرأزی ییے

مَصرازہ ینس پیٹھ وِنہِ وُن

ترامہ دین بانَن گیوتہ ماچھہ ملہ یو
مکھہ وتہ پڑاریو اکہ نند نو

وُچھان وُچھان لوسم لیے
صاحب زادَے ییہے کرِ

ہیتھ گوہ لابہ پھوٗل اکی سی موٗرے
وُنہ ہیےَ یوٗسف دوٗرے چھِے

اسلام علیکم سانہ شہزادو
جانہ ینہ گاہ پیو عالامس

لالہِ چھُہ پوان تارہٕ چھُہ تاڑان
مالہ چھُہ کاڑان گوہ لا بن

تتہِ دڑاو سُلہِ تےٚ یوتے ہے، ووت ژُونے
یُوسف شاہ حبہ خوتو سے آو
ژُکھ ہےٚ ژری تےٚ اڑن کمہِ کاڑسے
مصر چہِ پادشاہ کور سے آے
آنگنُ سون چھُے دُور درازسے
کردِل اڑھ سانہِ دروازسے

برہٕ اڑوُنےٚ سرنومراوی زہم
اَتہِ چھُے مخمل وتھراوِتھ

اَتھ شمع رویس گیتھ کرےٚ لالو
رَتھ وندسے ہوورچہِ ہیرہِ کھنس
ہوورچہِ ہیرے کھوت کھا اکہِ زیرے
سعہ نزِ سزہ سیر سے تھتہِ گری زہم
یانز فراشی کرہِ فرشہِ وتھرو نیے
تانز بیتہہ سعہ نزِ ورقن پیے بیہٕ ٹھ

دیواں خانَس وُرِسی وا اُلی توَ
دنیا دار بِہھن گرِ سین بیٹھ

اَتہِ ما پترِ زِ ھنے او مُسکھ کائے تے
دُ یپرِ زِ یچھ کُنیرَ کوُ ستوُر رائیچھے آوَ

سوءِ پترِ شنز دائج پچھے دُپھنس بیٹھس
لالہ آو سیٹھس کوُر منگنے

دیوان خانَس ماچھ گن ہوُٹھیے
راجپوت او یے تاج لاگِ کھتہ

سوءِ نہ سِندِہ ڈوُ ڈی نگلہ رِھ یہ پنڈِہ موُلو
شیر گرِ طہ ہیُ ٹھکو پوشہ نوُلو

راجے وارگ راجِہ چھِہ آمُت
ماجِہ چھِہ شُوزمُت مال وُ پچھنے

سٹھکِہ مُہند راجِہ آو پٹھکِہ بدلاوان
دلِہ مُہند راجِہ آو نگلہ ژھانڈان

بُوٹس بیٹھ ماچھی پتلون نزی یے
گُل دف پرُ ی یے سال کوُ زیے

ڈاے من تِلہٕ چھی زٕرِی پاگزارس
لالہٕ آو پرِی شہارسس منز

وۄنہِ تھی دوۄدِہٕ مأجی پھیرنۍ وٕنہٕنی
لأل گوٗ کنہٕ نہی مجنوٗن آو

لألہٕ ہیوت وَنٕ بایَن پیٹھٕ نین
وَتہِ وَتہِ تھوٗی زیوٗ ڈیڈٕہی وان

بوٗمبرٕ گیس گیس موکر وَنٕ نہی
اَزی ہوٗیمبرٕ زٕلہِ کنہٕ نہی گوم

زار ونہِ صاحبس تھان ہیٚیہ وونٕ زے
اَزی ہوٗیمبر زٕلہِ کنہٕ نہی گوم

دیوان خانس تھرٕ ہٕ بُخار سے
یوٗسف زُلیخار سے آو

سوٗنہِ سندِس بوٗٹس رۄہہٕ پُنٕد چھیتی
مجنوٗن لألہٕ ہندہٕ ہیتی آو

ستہٕ رنجہٕ وتھرے کوہ لہٕ ژنجہٕ رادس
شیرنہِ سال کوٗر فرہادس

سونٛتہٕ ہٕنز واوُج چھےٚ دُپھنےٚ کیٚہے
خوجہِ کورہِ وےتسے سالٕ کورٕیو

سٕتھ ہا چھی مٕنٛدہٕ الکہ ہا چھےٚ زٕریٖیے
لالو ہیٚتہِ کرٕ ما شٕرٛی سییے

مارہٕ ہا ہیٚتہ چھٕم پچھون مارٕ رےٚ موٚتییے
دِل گوم موٚتییے۔ بٕنیہِ یِکھنا

ژٕنیہِ تٕر میٚنہ پٕزوٕنےٚ اوس مِترٕوٕتییے
دِل ہا ہیٚتھ ژولہم سٕتہ وُرٕ نتییے

کیاہ لِلّٰہ رٕحِجہ تٕتیر لاے سٕوت ستونیے
دِل گوم موٚتییے بٕنیہِ یِکھنا

سونٛتھ سٕند گر گوند پُورُم ژٕیٚنی کیتییے
کیاہ لِلّٰہ کُنہِ رودٕ سے ہا وکھنا

کُنہِ بوزٕ وٕنہِ وُن کیاہ چھُرٕ تییے
دِل گوم موٚتییے بٕنیہِ یِکھنا

بال بہ دادہِ جانہِ ہیٚرِس کوٚتییے
کرٛانہِ بالہِ لیُو کھنم یاد چھےٚ نا

میانہِ حقہ کیاہ اوس لانہِ لیو کھمتیی
دِل گوم موتیے بیئیہ یِکھنا

روہ یہ رتنہِ آتش چھم مینہ گونڈ متیے
ہیرہِ بعہ تہ پانس سرتا پاے
زانہ کیاہ گسے ونیس نہ ڈیکہ کھوتیے
دِل گوم موتیے بہیہ یِکھنا
وہ دِنی والین سدرہِ چھہ تائلی
دیدرہ ہندی مالنز چھہ سبہ ہوران

ژھوسائے تراسے دستارِ خلائے
وازس ژوزی تو ینا سے

اَتھرِ یئتھرِ نس چھُسے پئندے ونی
دندی مرشہِ دِمیو ژندن ہار

دایہِ اَتھہ سوزو دندہِ کِھلائے
ینہ حُضن روز یو ملائے
سالرو سانیو ژتو سلامے
گرہ کلامے رُت کرکر زیو

نبی صابُن چھوٚہ سوا سے
سالکن رٔٹ زینہ مَلا سے
خُدا صابَس چھوٚہ حوالے
گرِہ کلامے رُت کٔری زِیو
سارِنی چھوٚہ سأ کورِ تہ گبر
ینہ سأ رٔوزِو بے خبر

اُسی ہسأ وِنہ وَو رأتی راتس
توٚہی وُچھو ساعتس وقت کیا آو
اُسی ہسا وَنہ وَو بالا دَرِہ رٔنی
توٚہی وُچھو گرِ نی ٹاٹھِم کیاہ آو

..      ..      ..      ..      ..

..      ..      ..      ..      ..
ینہ سأ دُیچھ یم چھ تَم پایے
افسر بایے وَنہ وان چھے
گوٚبرو مالِیو گو کھو رأمنی
اَسہ کَر چأنی نوکرأزِی سے

مھربَنۂ وردن لاگنۂ وِزِہ وَنۂ وُن

وَردن سۆمبرٕ تھم داوے داوے
اوٚن تھاہ رنگہٕ نادے لاٗل چھاوی

وَردَن چون بٕ چھُم رٮ۪چھ متوٚہی رے
اوٚن تھاہ لولہٕ ظھوٗرے کیٚت

وردنَس چانِس سوٗنہٕ میلہٕ ٹیکیے
رٮ۪کھیے حضرتِ فاطیمی

تھوٚد وتھ واشَس کڈٗ وَردَن جورَس
کھورِ ترٛاو گُلَ بٕ ن ییزارس

بوٚمبرِ نٕ جامہ گیٚی ییمبرزَلہٕ نالی
وَلے وُچھی بوٚمبرس چانگی ییے

مھریٚنی کڈٕ بۂ وِزِہ وَنۂ وُن ۔

بہٕنِی وُرِہین نارِی وَن چھو وتھم
ھارِی کتہٕ ہو وتھم لکہٕ وس یان

زِیرِ کھُتھ زوٗن تےٚ کیاہ چھِ موٗجدار ئے
نیرِ نَس آپہِ کھےٚ تیار رئے

ٹاٹھِنہٕ کھُٹھ چھےٚ دأر ادٕٹہ وُژ چھیے
ہأر چھُم ٹاٹھِس پُژھی ییٚ باییے

حوٗرِ چھِم گوٗرٕ گوٗرٕ دایہِ کرأنی
زوٗنہِ رَو تٔروا اسمأنی ییے

گوٗر یٚیلہِ ٹاٹھِس رُخصت ہیوأنی
اَشہِ کتہِ خوٗن ہارأنی ییے

ٹاٹھِیو ژھاگرِ ھیٚن ترِ گرٕ ژھوٗنیے
زوٗنہ رَو تٔروا اسمأنی ییے

مالِنہِ چھِ گُنہٕ کرُ ماجہِ حوالےٚ
اَدہٕ نیر وأرِ دِکہِ سوالےٚ

اَباجین أزی بوٚٹھ زیرٕ دُجیے
مُمی جی لچہِ زیرِ گوٗیے
لالَس نٔندر پیٚنیہِ ہووِرہِ گرَیے
دِچھنہِ لَرےٚ وُزٕ ناوٕر تون

پادشاہ گوری بند کر دفتر
بوہتر کتہ افسر پڑاران پچھی

زوُنی کھرشُ کھے بیرے بیرے
زیرے پہوچانہ ہیرے گاہ

وسی وسی سوندری یوُت کیاہ ولہ زاآ
بوہتر کتہ گگزار پڑاران پچھے

شمع دانہ زائی تو وُزملہ نیرے
دعوادار چھس ہیرے پیھڑ

دیوان خانس ہیر کمرُ لائجی
لائل کمرُ دائجی محبلوُ نو

ور بقہ سائے گنڈو سائے تا پئے دانئے
لائل نیرہ عائلی شا نئے پائھڑ

بائیی لالو کائر نوہ مراو سائے
دائر مرشد راو سائے جیپ کارس

گوڈہ ہیتیہ روخصت دیدہ تئے بائس
ادہ نیر گگلِ اختابس سیتہ

گوره ډېره رو رخصت قبيله کړئ اِنس
اوده نير ازلے لائنس سېتر

باه شپته ډولے کړيئے زمبرے
بو مبرو لره پکښ جيپ کارس

دُ چينز کنز چهپے سوه نه سنز چهترو
بادشاه بيتر سيتی پچهی
سيتی چهپے بائی جهوری
رزاه دراية کهے گوری يے

بينه ساءُ ډولے گڼهيوا له ډلے
اتھ اندر ناره وُزه ملے پچھ

ډولے اندر زړه چهک ماران
وائرې ويچه وَته چهک پرزه ناوان

پيه هاسائے ناموشله کچھ لائلے
منته سائے ديه توس ډولے گړالے

جنده گے هاؤوی زيس دله گے باؤوی زيس
بلاه پچھے مول موج منشی راؤوی زيس

اَسِہ مالِہ دِڑیو دائیَس ہتی سے
وِنِ وُ جھو ژیپی اَتھِریے کیاہ

سو ینہ ہِنزِہ نارے رفہ پیہِنزِہی چھے
گَامیچِ ڈزہی چھے وارہ رُچھی زہن

سانہِ کورِہ ہائل چھے نابدُالکنَس
پادشاہ پکینے ھتوی زہن

سانہِ کورِہ ہائل چھے خِضر کھینس
وزیرِ اعظم ھتوی زہن

کورین منز کُوراہ یہائے اُمس لالاہ
نوشَن منز ھتوِ زہن بالادس

بَچِہ وَتہِ تراُوی مے جُمکِہ ڈلو زییے
لالو لاُل شُلہ وزِ نییے چھے

دائے والیو دانَ دِیُو بٹر یے
لالہِ دزاو گُل دیچھ پزی یے ہیتھ

پینہِ سائے ماچِ چانہِ گرِذھ گُما نے
دوہ نہ وَسے چھوہ سائے نُورا نے

یَھمبہ مو یانَس کرمےَ ژاڈر
پاڈر سہپہٕ سٕنٛز کوٗرہی ییے
اورہ آو گوٗبرہٕ مول کھوژان کھوژان
یورہٕ دژاو پوشَن مالِہ کران

.. .. .. .. ..

اُلھتَن چھوہٕ اُلھہٕ بنٛجہ کھوٚرن چھےٚ مستی
ڈیٚنز ہِچھی اُسی ییے زورا وار
ییٚنۓ کوٗری کھوژک لھدیٚن دستارن
سون زلزلہ چھُے عالاٰ مَس
ژندان گُل وڈو مےَ لبہ ڈری یاوَس
ژیٚنتہٕ ہواوس ریٖل کتی گوٚر
سعہٕ نٛز سٕنٛزرہٕ ٹاچے روہ پہ نُد تالیٚن
کورہٕ چھُہ مالیُن زورا وار
سانہٕ کنہٕ چھوہٕ سائے خودا رسُول
یچھکھے ذاتہٕ اُصل وارہٕ رچھی زن

اَسہ نو وُچھ یو مدہ ہرن دِیارن
سودا کوّر ژھون یارن سِتہٕ
کوٗرِ دوٚپہ خصت کرِ تھ زنانَن ھند واپس ییٚن

ہارِہ دندن ژندن ہار
ہاَرِ بیٚیٹھم دُرّین اندر
ہارِہ دندن ژندن ہار
رِتم ہے رَچھنس لعلن اندر
ہارِہ دندن ژندن ہار
ہاَر ہے گیٚیم مامَن اندر
رِتم ہے رَچھنس جِگرس اندر
ہارِہ دندن ژندن ہار



دِلہ جانو گُل ہا گٔیہ واٗری - وٕہی
باٗے لالو بیٚنہٕ گٔیہ واٗری - وٕہی
مامہٕ لالو کورٕ گٔیہ واٗری - وٕہی

بےچینچہ لالو کُور گیَیہ وٲرِکۍ وِہی
بیمہٕ لالو کُور گیَیہ وٲرِکۍ وِہی



شاہَ ٹینڈرازٕنی کُوری ییے
مجلوٗن اوے ہیے یُوری ییے
پیرِ یتھ سُوز منکھ تُوری ییے
ژندان ہار اوّن نیے یُوری ییے
لاگِتھ سُوز نکھے تُوری ییے
منگو رام اوّن نیے یُوری ییے
لاگِتھ نیِنکھے تُوری ییے
سعہ نہٕ بُنگرِہ اَنہٕ نیے یُوری ییے
لاگِتھ نیِنکھے تُوری ییے
سعہ نہٕ واجہ انہٕ نیے یُوری ییے
نیلم واجہ
لاگِتھ نیِنکھے تُوری ییے

شڑانہٕ کُھٹہِ اَندرَرے چھکہِ کھرٕ شہٕ لبنی
امریکن صابُن ڈٕبنی کیتھ

ناگےَ ناگےَ باہ شُھتھ ناگے
وَنتا کمہِ ناگگ آب ٹڑاووےَ

آب ٹڑاوو یو وارَے وارَے
نبیٖن سارَے ٹھوٚ وٕ یو

نمبرٕ ووت پارسل نمبر پرٕ ناوِہ توس
اباجیٖس ہاوِہ توس کیاہ لاگوس

سۄٹھ چھےٚ انگلینڈ بوٗٹ ہندوستانی
ٹوٗپی چھےٚ پاکستانی سیٖ

ماجے ہندے قلم ٹراشو
یارن ہندے یار باشو

بٔتنہِ چھےٚ وَنہٕ وان باپہِ چھک بوزان
داپہِ چھےٚ روزان بندٕ بردار

یہِ ہے چھُم خانہٕ مول دُعا کرِ توسے
داو کرِ توسے زٕو ماسے

دستگیر صاٲبنہٕ یا خودا کوٗرمے
یا خودا موٗنگمکھ خودایس

کھسُون بِیُوٹھم سیّدہٕ قبیلے
اَمہِ سوٗمبوٗلے اَند لگُنے

ورٛناو دٔرطان

تَلاہ کِیاہ کوٗریو ماتا مالٕن
سونہٕ سٕنز رَز چھےَ پوٗنڈہٕ مالٕن
سِینہٕ چُھک لوکُٹ تےٚ تگہِ یالِیکھونُے
ییٚتہٕ گژھی چیف نِج آسونُے
اَنٛتھ کٔڈ نبر تےٚ چھےَ قبیلہ دارِی
ورٛناو کرٛنے ساعرِی یے
گُلہِ میوٗکھٹ وۄتھیو کٔلمے کٔلمے
بوٚے سٕچھےَ کا کُد قلمے ہیتھ

زردی کِھہٕ چھےَ ہیا پوشہٕ نُولو
وٗنٛدَے در دِلو ہٕٹہِ کُے رٔتھ

ہی بھقرہٕ تلہٕ کٔلے گوٗلاب پیٚالو
لالو از ہا چھُے ہوورِ سال

لالہٕ چھُہ دٕیاں ہیٚیا بچھہٕ لالو
از ہا چھُے ہوورِ میٚانہٕ سال
کھیوٗن ہا چھُے مُنجن چوٚن گوٗلاب پیالو
لالو از ہا چھُے ہوورِ سال

لالہٕ چھُہ دٕیاں ہیٚیا مامہٕ لالو
از ہا چھُے ہوورِ میٚانہٕ سال
کھیوٗن ہا چھُے پوٚہ لاو چوٚن گوٗلاب پیالو
لالو از ہا چھُے ہوورِ سال

ہوورِ یوٗ شوٗز یوٗ موٚ ہینیوٗ نادس
مہرازہٕ لائس لگہٕ پٔچھس
لالہٕ چھُہ گوٗمت اَلِی مشید سے
ساکشیرے سال گرِی زٕ بس
لالہٕ چھُہ گوٗمت شیر گڈہٕ دفترس
تنتہٕ کیٚن افسرن سال گرِی زٕ بس

گوڑبرہِ مول بُہاچھ بونہِ سبزارُس
گورِہ مول پڑاران انتظارس

گوڑبرے مالیوہِ یِہی چھاشایاں
گورے مائیِ سُند پایاہ کر

دیواں خانُس سوہنہِ سُند اوڑبرے
بچہِ سُندِہ گوڑبرو ژیر ہیوہ گو

ڈوُلیِ سوزنکؕ وَنہِ وُن

ڈولے حیانے کاشرِہ کانے
ڈوُلیِ ہے سوُزہی دانیزیے

یہوے زائنیاہنہِ اوس مُلکس نامی
یہِ ہے سوُز محموُد گامی ییے

ڈولہِ چھِہ کراں لکہِ ییے لکہِ ییے
ڈولہِ چھِہ زہی پوشس موہ للییے

ہشہِ دیڈِہ ڈوُلیِ سوُز نوشہِ ظہور ُسے
نبی صائبنز موٗہرے

ہمشہ دیدہ ڈولی سوز نوہشہ دیدہ کرشیے
یا اللہ رہڑیے نیسر بچہ نا

زائم دیدہ سوزیئے اوم دود کائریتہ
ہمشہ دیدہ سوزیے ڈولی بیبرتہ

ہمشہ دیدہ سوزیئے ڈبہ نشانئے
حبہ خوتونہ سوز زائشپانئے

گو ڈنبیتہ دنز تو ورملی چھانس
اگنہ پتھڑ لاگہ ہے زائنپانس

ڈولی ہئے سوزہی ہقزرے بیٹھے
نظرے نبی صاٰ بنیے

ھوور گش ھنہ خاطرہ گرس کھسن

گری ہا چھی گنڈس تے ہسی طابیلس
کسو قبیلس پڑاران چھک

نیرو نیرو جگردہ یم کم باشے
ژور دوہ وائی مس چیادان

نابِد کھیِہ تھَم کھاشے کھاشے
جگرو وَنز ژٲو شُرِی باشے

ہوورِ چھہ وَتہِ چھےٚ رُوٗرٹھی دبأوِتھ
مدنوار قدم ٹھہراوِتھ ژٲو

لاٗنس سأنِس چھُہ اچکن نأ لِ
پچھہ لُکہٕ ہیتھ ہےَ دژاو سأ لی یے
لاٗنس سأنِس اوَور کوٹھ نأ لی
گورنز ہیتھ ہے دژاو سأ لی یے
لاٗنس سأنِس واسکٹھ نأ لِ
ساس لکھ ہیتھ ہے دژاو سأ لی یے

بیِنتہِ چھےٚ موٹر وَتہِ چھےٚ گُذُر
تتہِ چھےٚ وزِیر وزارتھ

ژُندنچہ ژُہنہِ ژٲو سماوارس
لنڈگُنک لالہٕ دژاو باپارس

کالیج لڑکس بلسی باجے
یہ ہئے منگہ نو ومُت کورہ ما جے
سال پچھے ساسس سیتی شکارے
قندہ پھوٗل موہ ختہ ڈُلارسے دڑاو

حوٗران ڈیی توَ بیبھٹہ نوٗر چھکہ نَس
پیرن ڈیی توَ سیتی پکہ نَس

سعہ نہ شُند مرِ جہ بند بندہ پھریو
یارَن کہ گٹیو قندہ شربت

بُرٹی شُند گوبُر دڑاو بُرٹہ حشمتے
شنکہ حشمتنک تڑوٹ گرہ یو

بُرٹی شُند گوبُر ڈڑاو سعہ زڑہ تڑاوان
دُنیا دارَن وُزہ ناوان

زری یاہ گنڈ تھ دڑا کھاہ منوشو
پرییَن اندر ہوش کری زم

ڈنڈن چھیو ژنڈن میشے
ہوور نیشے وونو گھو

ہوالے کور تکھ پیر پیرالس
گسے رچھم جائنس شرک پانس

مہر اذہ ھوودِہ ترآوِتھ زنانن ھنند واپس پنہ وِزہ
درنہ وُن۔

نیچہ گاڈہ کھرمے ہلمس کیتھ
مہرازہ کھوتمے پلنگس پیٹھ

لالہ گوم لائے میتہ نیچہ ناسنا
کیاہ سنا یوت ہے آو انگریزی راج

بائے ہیتھ ہے گومیتہ نیچہ ناسنا
کیاہ سنا یوت ہے آو انگریزی راج

یار دوس ہیتھ ہے گوم میتہ نیچہ ناسنا
کیاہ سنا یوت ہے آو انگریزی راج

ٹائِٹھی صائبن کوٗری سے
پیرِتھ شوٗز بکھے توٗری سے

●

سائنی کوٗرے اَند لگی نے
جورِ لسۂ نے اند لگی نے
ماجِہ وۄن نے اند لگی نے
بٔینِہ وۄن نے اند لگی نے
باٚے وۄن نے اند لگی نے

●

مِیگٔ ہے گوٚ لالس تہٕ لاٚلِہ مرجانے
کعبس نیم لاٚل مرجانے
سائنس نیم لاٚل مرجانے
سنیما نیم لاٚل مرجانے
دفتر کھارِم لاٚل مرجانے

●

ساڑی ہے پہنیم ساڑی ہے پہنیم
دفترس گئیس تتہٕ نی پہنیم
چپراسی تُلیم واپس دِیم
ساڑی ہے پہنیم

بہ ہے گھرس تتی پہنیم
ڈیور تُلیم واپس دِیم
ساڑی ہے پہنیم

اُستان گیس تتہٕ ما پہنیم
پیر ہے تُلیم واپس دِیم
ساڑی ہے پہنیم

مہرنیرو آرِو واتنس بیچھٹ

گوبرہٕ مألی کرٕ یکھ لأے بالہٕ یارے
گچھ لُٹھ وَتھری توٗ اَچھہ دارے
زیری کہے زہٕ آیکھ یرٕچھ انہٕ گأٹے
نوُرنہٕ ژٕ چھٹے یَرزہٕ ناٗو مکھ

موج چھے پڑاران تبصیف راڑی
لالہ آو دوّیم باڑہی ہیتھ
بھابی جی آیہ ڈیڈی مڑراڈی تو
ییتہ وتھراؤی تو مخمل پوش
سعہ ہز سنزہ ہرشنے پن چھکھے تاران
اتہ چھکھے پڑاران زاُمم بڑا ندس
سعہ نہ سنزہ جنگرے پوش ئے ڈوّلیے
ہوش کرواڑی وِچہ ہیرہ کھسہ نس
ہیرہ کھس پیٹہ نہ گنڈ بتیہ وارے
شوبہ ودِنی تارکھ مالی سیے
آیہ کھے بیٹھکے واری وچہ بینیجے
کریے ببرے لنجے واو
مالنچ سانتہ نتھ تچہ سیے اہل کاڈو
آیہ کھے دُنیا داران سیتی
یِزمن بامِی رژ ہے چھے ڈالی
نوہ شہ چھے پادشاہ چالی سیے

پعنختہ لِرہ دڑاپہ کھے سو ہنڑلرہ ڑاپہ کھے
بختہ برڑ آیہ کھے راج کرہ سنے
راجہ سِتشرہ کورہ چھہ شُرونشرہ نی گوڈنی
گاہ ہیچہ مورن درہی یادن
تڑامین بتہ تے ٹوڑن تنز سیے
ہیمرہ بابن اُنی نکھے کورہ گرنزیے
عربی برقس ٹیچہ مُرشراو ستے
اَسہِ کُن ہاو تے روپیہ رُسہ خسار
ژہ ہے چھکہ بابی جی اسی ہے چھے ہا بہن جی
اما جی اَسیے ہُہِسر تِلہ سنے
پانہ چھک دوہ کھُلتے صندوق چھے ناوے
ہشہ کانٹھ درش پھے ڈوڈہ پاوے
واَرہ دو بچ ہشہ کانٹھ بانس گنڈ تے
ماَلنچ ہشہ کانٹھ اَسہِ ہاو تے
ستہ نبی لرن کتی یِیکلاہ
یوت ہے آیہ گکلاہ اول ییرنے

یِنٕ مَن بأیی دٕروٗیے شیراہ
بیٚنِہٕ پوٚشَن تھَراہ دِتھ

ہِشِہ ہِشۍ کرٕی زٕہم طابعداری
سوٗرے پچھے ناماوأری یےٚ

زٕری کمخابَس پیٹھ چھے جألی
یِتھٕ پچھی چپٲ رٕٹی زٕہم
اندرٕ چھے بنیاں نیبرٕ چھے قمیض
یِتھٕ کِنۍ تمیز رٕٹی زٕہم

شروٗنٛ کرِتھ بیٹھم رعنٕ دامانَس
ہَوالے حضرتِ سُلطانَس

مَحرازَس مَس ہاشُن

کوٚہ تلہٕ آب دٕراو ژراوے ناگہٕ رادَس
اُسی ہا وَنٕ دو یِہ پوشہٕ باغَس

گوٚنٛبرے مألی سندِس اَتھ ہا پوشہٕ باغَس
تِتھ پھوٚلی گُلِ دوو دٕہ پمپوشَس

ہِمےَ خوش کرٕنَس تِمےَ شیرٕ لاگَس
امہِ ہا ونہٕ دِویو پوشہٕ باغَس

اختابہٕ ہیوٚ موسمندرس
قلندرس گوٚبرٕ ہیٚینہٕ وول

باسمتَ کُکُرُ مےَ امبرے امبرے
بٚومبرے ناغس چھُ ہیٚینہٕ وول

بسم اللہ کرِتھ مَس کاسٲیو
اِسم اعظم پیٚردِویو

اِپٹا پادُک وٕہ ستہٕ انتوٕ ومےَ
لاٗلِہ چھُ زامُت شہزادےَ

زُونہٕ زاو تارُکھ زوٗن ہیٚیٹھ سُترس
پادشاہ پوٚترس مَس کاسان

وٕہ ستےَ کارو زٕیٚنتہٕ چھےَ خبری
زَبری مَس ہو کاٗسی زٕہ لس

دفترٕ اُندرے چِٹھی ہا لیکھناوےَ
افسر مَس ہا کاسہٕ ناودِیو

وۄہ ستے کارو کرِ خبر دأرِہی

سانہٕ گرِہ چھےَ وۄہ میدٕ دأرِہی بیے

سوٗنہٕ سُندہِ کھوٗرے اِصلاح ہمیہ

مصرکہِ بادشاہ زادو ژیٖیہ

وۄہ ستے کارو کھوٗرٕ رٕھٹواۓ

کھوٗرِس سوٗنہٕ سُنز تارے چھےَ

لال چوک اندرے چِھٹھ ہا لیکھناوو

چال دار مَس ہا کاسہٕ ناو دیے

مَس کاسۓیو بادام باغَس

دأر ژرادأیو ویرناغَس کُن

نکہِ نکہِ گوہ لاب لدٕ ہمے لوہ نگنس

دارہ رژھتہٕ ہوٕ نگتے موہ ختہٕ جرمو

مول چھےَ پھیران ینہٕ نین اُشُن

مَس کاسۓیو فأشن دار

پرٕژھ ناچھم یوان اُچھ ہا چھس مُژران

موج چھےَ دُنیہس اَزی یوان

پُڑھنا چھمَ پیان گوبڑو گُلزارو
نیٖندرے چھا کِنہ بیدارو

مصرازہ سُند حمام نیرُن تہٕ پیتہٕ وایس کھٹس منز کھسن

موصُم ژاہم غوہ صُسل خانس
یار دوس ژائی زیکھہ پانس عِشق
آبَس ژوو مے ببرے لوُسے
جگرو آب شیتھلاو آیو
مڑھ گرُ منڈیو شڑانہ کُنٹھ تالو
حضرت دِٔھیو آلاوُس

آب ژاو آیو زاوہی لس بدنس
ژہ تیٕ قس بدنے میٖل کتیوگو

لاہوُر کلکتہ تارہ سوز ناوسے
بمبیہ ہِشز صابن مَلہ ناوسے

لاہوری صابن کیا دگیہ جاری
ابا جیس بارِی کارِی سنے

بیمہٕ لالہٕ ہامیٖتھ ہیٚے گومیتہٕ نیہ نانا
کِیاہ سَنا یوٚت ہیٚے آو انگریزی راج

•

دڑایہِ رُستمس ماجی وَنہٕ وان
دڑایہِ رُستمس بیٚنہِ وَنہٕ وان
دڑایہِ رُستمس پوٚپھ وَنہٕ وان
دڑایہِ رُستمس ماسہِ وَنہٕ وان
دڑایہِ رُستمس مامنہِ وَنہٕ وان

•

زوٗن کھٕژ ڈَبے اُسی واُتی بینہٕ نے لبےتَل
مہرازہِ ڈَبے اُسی واُتی بینہٕ نے لبےتَل
یُژمَن ڈَبے اُسی واُتی بینہٕ نے لبےتَل
بٲگے لالنہِ ڈَبے اُسی واُتی بینہٕ نے لبےتَل

•

# نوُر نامہٕ

مرتبہ :- محمد امین کامل

صفحات :- قریبن ۳۲۵

مول :- ستھ روپیہ ۲۹ پونسہ

حضرت شیخ العالم شیخ نوُرالدین ریشی ہندِ ن شٕروکین ہنز گوڈنیچ تاریخی کتاب - یم شٕروکی اُسۍ وُنیکس تام مختلف فارسی ریشی نامن اندر چھکرِتھ - امہِ علاوہ چھ حضرت شیخ العالم سٕنز زندگی تہٕ باقی مضامین پیٹھ اکھ مقالہ تہٕ اکھ بطور دیباچہ لیکھنہٕ آمت - کتابت وچھپأی دیدہ زیب -

# صوُفی شاعر

حصہ اول و دوم

مرتبہ :- محمد امین کامل

صفحات :- تقریبن ۲۱۶

سعہ چھ کرال ، رحمان ڈار ، نعمہ صاب ، رحیم صاب ، احمد بٹہ واری شاہ قلندر ، شکر ریش ، وہاب کھار ، اسد پرے ، تہٕ دوٚیمن صوفی شاعرن ہندِ کلامُک انتخاب تہٕ زندگی پیٹھ تبصرہ - امہِ علاوہ چھ گوڈنکس جلدس اسلامی تصوفس تہٕ دوٚیمس جلدس منز ہندو ویدانت فلسفس پیٹھ مُفصل تبصرہ تہٕ کرنہٕ آمت - کتابہ ہند ترٛیم جلد چھ تیار -

# گُل ریز

مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ

صفحات: ۲۴۲

موٗل: ۱۳ روپیہ ۹۴ پونسہ

مقبول کرالہ واری سُنز مشہور کاشُر مثنوی گُل ریز چھہ واریاہن نسخن ہندِ مطالعہ پتہ مرتب کرنہ آمژ۔ شروعس منز چھس گُل ریزہ تہ مقبول کرالہ واری سندس فنس پیٹھ شیٹھن صفحن ہند اکھ مُفصل دیباچہ لیکھنہ آمُت۔ کتابت و چھپائی دیدہ زیب۔

•

# شیرازہ

کوشُر رسالہ۔ کلچرل اکادمی ہند شہ ریوت رسالہ یتھ اندر کاشرین ادیبن تہ شاعرن ہند کلامہ، افسانہ، مضامین تہ دوٚیم تخلیقات چھہ چھپان۔ کتابت تہ چھپائی دیدہ زیب۔

فی پرچہ موٗل ڈھایہ روپیہ

جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

سرینگر